


یونیورسٹی تحقیقی رسالہ

# نعتیہ ادب

# انہار

خاص شمارہ

۱۹۹۲ء

نگران اعلیٰ ——— پروفیسر مرغوب بانہالی

ایڈیٹر ——— قاضی ظہور

مجلس مشاورت

- شفیع شوق
- شاد رمضان
- مجروح رشید
- معراج ترکوی

شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی حضرت بل سرینگر



# انہار


وٕری ——— ۱۹۹۲ء

گوڈنیُک چھاپ ——— اکہ ساس

خطاطہٕ تزٔیین ——— مِعراج تُرکوی

موٗل ——— ۱۰۰ روٗپیہٕ

شالیمار آرٹ پریس سرینگر

شُعبہٕ کٲشُر، کشمیر یوٗنیورسٹی حضرتبل سرنگر

# ترتیب

# پیش لفظ

انہارُک زیرِ نظر شُمارٕ چھُ تِمن تحقیقی مقالن پیٹھ مُشتمل یِم کاشُر شُعبکہِ طرفہٕ منعقد سیدمیتِس "مُختلف زبانن منز نعتیہ ادب" عنوانس تحت سیمنارس منز فاضل مقالہٕ نگارو پٔری۔ اَلحمدُ لِلّٰہ کاشرِس شعبس چھِ "انہارُک" یہ خاص شُمارٕ شایع کرنچ سعادت حاصِل۔ یِمہِ خاص شُمارُک بُنیادی موضوع چھُ آنحضورؐ ہنز نعت گوئی تہٕ امہِ موضوعُک تعارُف چھُ سہٕ استقبالی خُطبہٕ یُس نعت گوئی ہندِس پوٚت منظرس ژھوچر ساں مگر مکمل پأٹھۍ باوتھ کران چھُ۔

شایدے آسہِ دُنیہچ کانہہ زبان یتھ منز نہٕ شاعری یا نثرس منز نعت وننہٕ یا لیکھنہٕ آسہِ آمٕژ۔ یہ چھےٚ واحد ادبی صنف یمیکس ابتداہس تہٕ معنہٕ مفہوٗمس متعلق نہٕ کانٛہ تہٕ تنقید نگارس تحقیقی ژھانڈ دِنۍ بیٚیہ۔ تِکیازِ یمہِ باری تعالیٰ ہَن آنحضور صلّی اللہ علیہ وسلم تمام عالمن ہندِ

باپتھ رحمت بناوِتھ سوزِ سُہ خُدایہ برزچھ تہنٛد
گوڈنیک نعتے خوانٛ بنان۔ وما ارسلنٰک
اِلّا رحمۃ للعالمین ٥

یوٚت یوٚت وقت گُذران گژھ نعت
خانٛی ہُند احساس تہٕ ضروٗرت گژھ تیوٚت
تیوٚت گنان، ہکیاز بیٚنٛ احسان اُمی شفیق
تہٕ عظیم تریٖن انسانن کُٹھم انسانٛنیتس کرٛی تہٕ
چھِ نمہ نظرتل اُنِتھ ہکوٚ نہٕ ساریٚ انسانی تواریخہٕ
منٛز کانٛسہ فردٕ سُند یا کُنہ جماژ ہُند مقابلس منٛز ناوِتھ۔
محمدؐ چھُ تمہِ روٗحانی، فکری کیوٚ عملی
انقلابک ناو یٚمکِہ برکتہٕ آدم ذاتھ وہمن، جہالژن
تہٕ بدعملی ین ہندٕ اَنہٕ گٹہٕ نِشہٕ نجات لبِتھ آگہی
علم تہٕ نیک کرداری ہندین نیہٕ ناوس
منٛز داخل سپٕز۔ یہ چھُ سُہ بے اند تہٕ بے وت
سوٚدُر یمہٕ نِشہٕ عظیم انسانو رنگہ رنگہٕ زٕلیٖژ ہوٚمراو۔
یہ چھُ سُہ معنہٕ سود رمز یتھ باوتھ کرِ کرِ تہٕ تسلاہ بخش
باوتھ سپدان چھنہٕ۔ بقولِ غالبؔ ؎

غالبؔ ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم
کاں ذاتِ پاک مرتبہ دانِ محمدؐ است

آنحضورؐ چھِ پرتھ اَکس شخصہٕ ہنٛدِ باپتھ ہادی برحق
تہٕ یوٚہے رہبرِ صادق ییٚچھنا وِ مادی مفادن
نِش پھِلواہ گامتین پرستارن زِ عقلہٕ کِنہِ پاٹھۍ
ہیٚکہِ ہون اکہٕ اقدامو بجایہٕ خاؤر کٔرتھ تہٕ ذریعہ بنٲوِتھ تہٕ ابتلاہن
منٛز ہیٚنہٕ آمتین لوکن تہٕ ہیٚکہِ یوٚہے عظیم ترین
مُفکر دانشمندی تہٕ علم پروری ہٕنٛد نوٗر عطا کٔرِتھ
یُس کُنہِ شکہٕ شُبہٕ ورٲے تہنٛدِ باپتھ مشعلِ راہ بنہِ۔
اللہ تعالیٰ دِین اَسہِ سارِنٕی توفیق تِمہٕ لبیک کرنکۍ
یہ تِمی قرآن و حدیثہٕ زندگی اَسہِ تام واتنو۔

امین

آیۂ کائنات کا معنیٔ دیریاب تو
نکلے تیری تلاش میں قافلہ ہائے رنگ و بو

قاضی ظہور
ایڈیٹر

# خطبۂ استقبالیہ

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

نحمدہٗ ونصلی علیٰ رسولہ الکریم

وفی نعتہٖ

بلغ العلیٰ بکمالہٖ
کشف الدجیٰ بجمالہٖ
حسنت جمیع خصالہٖ
صلّوا علیہ وآلہٖ

حق تعالیٰ پیکرِ ما آفرید
وز رسالت در تنِ ما جان دمید

از رسالت در جہاں تکوینِ ما
از رسالت دینِ ما آئینِ ما

از رسالت صد ہزار ما یک است
جزوِ ما از جزوِ ما لاینفک است

از رسالت ہمنوا گشتیم ما
ہم نفس ہم مُدعا گشتیم ما!

معنیٔ حرفم کُنی تحقیق اگر
بنگری با دیدۂ صدیقؓ اگر

قوتِ قلب و جگر گردد نبیؐ
از خدا محبوب تر گردد نبیؐ

★

محمدؐ کی غلامی ہے سند آزاد ہونے کی
خدا کے دامنِ توحید میں آباد ہونے کی

محمدؐ کی غلامی دینِ حق کی شرطِ اول ہے
اسی میں ہو اگر خامی تو سب کچھ نامکمل ہے

قابلِ قدر وائس چانسلر صاحب، ذی عزت پروفیسر صاحبان اور علم دوست خواتین و حضرات۔

السلام علیکم

اُکس خاص الخاص روح پرور سیمنار س دس تلناونگ یہ اجلاس چھُ واقعاً ساند

خاطرٕ اکھ انتہٲیی خوشی تہٕ خوش نصیبی ہُند موقعہ فراہم کران۔ تِکیازِ یَمیُک پیشِ نظر موضوع چھُ تَس شانہٕ بڈِس پیغمبرس کُن منسوب یَس بَدِس شانس منز پانہٕ حق تعالیٰ لَولَاکَ لَمَا خَلَقتُ الْاَفْلَاکَ فرماوان چھُ۔ سانہٕ یَمہٕ سداہَمہٕ سالانہٕ سیمنارُک مُدعا چھُ اُمی سٕہے محبوبِ کبریا، خاتم الانبیا، حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلم ہٕندِ پاکیزٕ صوٗرتُک تہٕ تقدیٖرٕ ساز سیرتُک جمالیاتی پرتوٕ ہاوَن وول نعتیہ ادب یُس نہٕ پاٹھۍ زیرِ بحث اَنُن یِتھہٕ کِس ناوس پیٹھ کمو کمو صاحبِ دل شاعرو کتھہٕ لافانی ادب پارٕ چھِ کاشرِ علاوہ عربی، فارسی تہٕ اُردووس منز تہٕ وِزہٕ وِزہٕ بارسس اَنِمتۍ؟ یاتمو دِلنواز نعتیہ ادب پارو کَنہٕ کور چھُ واریاہن آوارٕ دِماغن تہٕ پریشان دِلن صحت مند تبدیلی انَنس منز اکھ عارفانہٕ تہٕ حکیمانہٕ رول ادا کوٗرمُت؟ از چھُ اَسہِ تی وُچھنہٕ خاطرٕ مختلف مشرقی زبانن ہٕنز مہارت تھاون والین اہلِ علمن تہٕ اہلِ قلمن باہم تبادلۂ خیال کرنُک دعوت دِتیمُت۔ اَسہِ چھِ وومید زِ تِہند سنجیدٕ تہٕ عالمانہٕ تبادلۂ خیال یِیہِ گرٕٹہٕ سوکنی دوٗر لویہ، نعتس پیٹھ وُنتام سپُدمٕژ کم کام ییٚنہٕ کُنہِ محسوس کرنہٕ یِژھ یِوان۔

عوامی سطحس پیٹھ اگرچہ نعتُک مفہوٗم صرف مدحِ رسولِ اکرم ﷺ کرنس تام محدوٗد زانہٕ چھُ یِوان۔ مگر عالمانہٕ تہٕ دانشورانہٕ سطحس پیٹھ چھُ اَمیُک معنوی باڈو سپٹھاہ تہہ دار تہٕ وسیع تِکیازِ اتھ سطحس پیٹھ چھُ نعت رسول شناسی تہٕ دین فہمی ہُند اکھ بااثر تہٕ مُستقل اِدارٕ زانہٕ یِوان۔ سُہ اِدارٕ یُس خلفائے راشدین، حسان بن ثابت تہٕ کعب بن مالک ہِوِ برگزیدہ صحابہ کرامو عہدِ رسالتس دورانے قایم چھُ کوٗرمُت۔ سُہ اِدارٕ یَمی گُذشتہٕ ژوداہن شتن وُرین دوران مِلی سطحس پیٹھ واریاہن ہٕندِ ریتین دِلن سوزِ ایمان تہٕ واریاہن دَم بستہٕ نُتی ین اِظہارُک اِطمینان مُیسر کوٗرمُت چھُ۔ امہِ لحاظ ہیکو کھٕہنہٕ اَسی نعت لفظکۍ ساری پہلو بیٚیہ کُنہِ زبانِ منز اِحاطہٕ بنہٕ کرِتھ مثلاً اگر اَسی انگریزی لوغاتہٕ کِس سطحس پیٹھ اپی تھبٹ (EPITHAT) پریز (PRAISE) ٹری بیوٹ (TRIBUTE) ڈیووشن (DEVOTION) تہٕ ڈسکرپشن (DESCRIPTION) ہِوی لفظ تہٕ یکجا کرو کھ توتہٕ باسہِ نعت وسیع تر۔ البتہٕ پزِ نعت لفظکِ مشخص مفہوٗم پرٛادنہٕ برونہٕ تھم یہِ پہلوٗ تہٕ زیرِ نظر اَنُن زِ بطورِ اکھ صنفِ شاعری ورتاوس منز آسنہٕ

باوۄجوٗد چھُ آنحضوٗرن ہُند موزوٗن ذکرِ خیر کرنُک یا تمن سٟتۍ شرفِ ہمکلامی لبنُک اکھ مخصوٗص مقبوٗل تہٕ مُشخص وسیلہٕ زانہٕ برونٛٹھہ نعت لفظ کاُنسہٕ تہٕ اہم شخصہٕ ہندِس تعریفس تہٕ توصیفس ونہٕ اوسُمت یِوان۔ چنانچہ چھُ مولانا جامی ہیٛو عظیم نعت گو شاعر تہٕ نعتُک صیغہٕ جمع یعنے "نعوت" نوٗمہٕ صدی ہجری دوران عام تعریفن ہندِس مفہوٗم سٟتۍ منز ورتاوان مثلاً یِیلہِ سُہ "لوایح جامی" ناوٕچہِ کتابہِ منز حق تعالیٰ ہندِ حقیقتکۍ پانژھہ مرتبہٕ زیرِ بحث انان تہٕ گوڈنیُک مرتبہٕ یِمَن لفظن منز بیان کران چھُ :۔

"موجوٗدِ حقیقی یکے بیش نیست۔ امّا اورا مُراتب است۔ اوّل مرتبۂ لاتعیُّن، کہ مُنزّہ است از اضافتِ جمیعِ نعوت وصفات"

یا یِیلہِ مولانا جامی شاعری ہندِس جوہرس خُدائی امانت نہٕ زانن والین ضمیر فروش شاعرن سٟتۍ پننہٕ دلی نابرابری ہِتھہٕ کنہٕ ظاہر کران چھُ :؎

چیست شغلِ شاعران تنسیقِ اوصاف ونعوت
دارد از آوای زاغان طوطیٔ طبعم ابا

سرکردہ عربی، فارسی، اردو تہٕ کاُشرِ نعت گو حضراتن ہُند مطالعہ کرِتھ چھُ ننان زِ تلامذالرحمٰن قسمہٕ کِہن اخلاص مند شاعرن ہنز کلُہم شاعری خاص پاٹھۍ تِہنز نعت گوئی چھےٚ پاکیزہ دلن ہنز تِتھ وُزنہٕ تہٕ بصیرت یاب اُچھن ہنز تِتھ نظرِ تھٕنہٕ یِوان یِتھ منز دُنیاُکۍ آغوٗ بجایہ سُہ آقاے نامدار تہٕ پیغمبرِ نازنین تمام حسینن ہُند سرتاج زانٕنُک اعتراف کرنہٕ چھُ یِوان نہٕ یُسے تمام پاکبازن ہُند صاحبِ خراج مانٕنُک اعلان کرنہٕ چھُ یِوان۔ یُس اخلاقِ عالیہ کنہٕ انسانِ کامل، تکمیلِ وحی کنہٕ خاتم النبین تہٕ سخی نوازشاتو کنہٕ رحمۃ للعالمین چھُ۔ اُمی ہیٛے رسولِ محترم صلی اللہ علیہ وسلم ہندِس پُرجمال خلقس تہٕ باکمال سیرتس چھُ پانہٕ حق تعالیٰ قرآنِ شریفچہِ شکلہِ منز خراجِ محبت پیش کران۔ بلکہ چھُ اُمی ہیٛے ٹاٹھس تہٕ آخری نبی یس نوٗرانی گرائن تہٕ بے سایہ نزاین لول برنہٕ رٕنگ اللہ تعالیٰ ملایک ہیتھ درود وسلام سوزنس منز خاص ربانی مسرت محسوٗس کران چنانچہ چھُ قرآنِ حکیم کِہن لافانی لفظن منز اِنَّ اللّٰهَ وَمَلٰٓئِكَتَهٗ يُصَلُّوْنَ عَلَى النَّبِيِّ وننہٕ حق تعالیٰ پننہٕ اَمہِ قلبی کیفیتُک ٹاکارہ اعلان کران۔ بلکہ چھُ پننین ایماندار بندن اَمہِ ربانی مسرتُک

بوگ لبناوِنہٕ خاطرٕ تِمن تہٕ درود وسلام کرس اَتھ دلنواز کارِ سعیدس منز شامل گژھنُک تاکید کران تہٕ دنان "یا ایُّھا الّذینَ امنو صلّو علیہِ وَاسلِمو تسلیما ہ" یعنی اے اہلِ ایمانو سوزان رُوزِو میانس اُمس تَمام ہتس رسولس پیٹھ تِمیتھ درود وسلام یُس اُہندِس انتہائی شفیق تہٕ سراپا رحمت ذاتس شایانِ شان باسہٕ۔ درود وسلام شایانِ شان پاٹھو سوزنُک یہٕ تاکید چھُ اکھ زبردست لمحۂ فکریہ پادٕہ کران۔ خاص کَرِتھ درود حضورس پہٕ نعتس وجد آفرین بناوَن والین تِمن اہلِ ایمانن ہندِ خاطرٕ یِمن آنحضورنٛ ہندِ معراج بالیجہِ کی پاٹھو تِہندِس حیات جاودانس پیٹھ ترٛشہ پُرتھ پچھے پرٛژھ اتھ کتھ پیٹھ پرٛژھ چھکھ زِ

"السّلامُ علیکَ ایُّھاالنّبی" پرنہٕ روٗس ہیکہ نہٕ کانہہ نماز شرفِ قبولیت لبتھ۔ اتھ یقینس حاصلِ یقین زانن والین مولانا رومی، شیخ سعدی تہٕ مولانا جامی ہوین صاحب دلن ہندی پاٹھو چھُ علامہ اقبال تہٕ "بل احیاءُ" کس وسیع ترناظرس منز نہ فقط آنحضورنٛ حیات زانان بلکہ چھُ شہٕ تِمن اُمتی ہندِس دِلس منز گَنن واجبہٕ مختلف رایہ پرزناون والہِ خاص الخاص حیاتُک ماک تہٕ زانان توے چھکھ یمہٕ آیہ نادلایان :ے

اے فروغت صبح اعصار ددہور — چشمِ تو بینندہٕ ما فی الصدور

ہیاری چھُ شایانِ شان پاٹھو درود وسلام سوزنُک یہٕ قرآنی تاکید بوٗزِتھ انسانی اظہار وبیانس اکس نازک امتحانس منز تراوِتھ پنُک باس تہٕ لگان۔ چنانچہ چھُ یوٗہے احساس بڈین خوش فکر دانشورن ینیٛن آسہ ہزار بار عطرِ گلابہ ستیٛ چھلنہ باوجود آنحضورنٛ ہندِ اسمِ پاک زیوِ پیٹھ ہیوٗن اکھ کارِ دشوار باسہ نادان۔ اَتھی مرحلس پیٹھ چھُ حیاتِ رسول اللہ صہٕ تہٕ احساناتِ رسول اللہ صہ پرزناوِن واکس پژِیتھ تفرس خودکلامی تحت شاعرِ مشرقس ستیٛ ہم آواز بنِتھ ہیوان تہٕ پانس کُن وَنُن ہیوان زِ :۔

چون بنامِ مصطفےٰ خوانم درود — از خجالت آب مے گردو وجود
عشق مے گوید کہ اے محکوم غیر — سینہٕ تو از بتان مانندِ دیر
تانداری از محمدؐ رنگ و بو! — از درودِ خود میالا نامِ او

بہٕ کرٕ یمن فارسی شعرن ہند مفہوم تہٕ بیش۔ وَنہٕ چھُ آمت :۔

"یِیلہِ یہِ آقائے نامدار حضرت محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلم ہِندِس نام پاکس پیٹھ درُوٗدہ سوٗزُن چھُس ہیوان ۔ اَتی چھُم مےٚنُہ وجوٗد خجالتہٕ کِس عرقس منز غرق گژھن ہیوان ۔ یہِ سوٗنچھ زِ یہِ کتھِس لاثانی شانہٕ ہٕندِس آخرس کیٚنٛتِ خجل زد تہٕ نابکار اُمتی چھُس ۔ یہِ چھُس پتہٕ زانان زِ درُوٗد و سلام چھُہ عشقِ رسوٗلُک لازمی اظہار مگر اتھ چھامیانہِ طرفہٕ مطلوبہٕ کردار ڈیکھِس ؟ ضمیرُک یُوٚہے سوال لوٗزِتھ چھُہ مےٚ پنٛنہِ عقیدُک شعبہ عشقِ لشہٕ ژٹِتھ وٕنُن ہیوان زِ پنٛنہِ زوال پذیر کردارہٕ سٟتۍ اِسلامُک ناو مند چھاوُن والیا زٕے پرِیا اُمہِ آیہ آنحضورؐ ہُند ناو ہیوٚن ؟ ژہٕ چھکھا تمن قابلِ قبوٗل درُوٗد ڈالی پیش کرنس لایق بنیو وُمُت ؟ چون سینہٕ ہے عشقِ رسوٗلُک رشکِ ملایک مقام بنٛنہٕ بجایہِ ڈسہ پایہٕ بوالہوسی ہٕندِ ین پوتلین ہُند ٹھکانہٕ بنیو وُمُت چھُہ ۔ نابکار پانا ہنا کر اُمہِ رنگہٕ شرم پادہ زِ یوٚت تام نہٕ ژٕ پنٛنس گفتارس تہٕ کردارس منز محمد عربیؐ سُند رنگ و بو پادہ کرکھ توٚت تام چھُکھنہٕ تمن یہِ درود و سلام سوزان بلکہ چھکھ ژہٕ غیر ذمہ دار، بےحیا نہٕ نا ہنجار پاٹھی صریحا تہنٛد نام پاک آلوٗدہ کرنُک اِرتکاب کران"۔

عظیم نعت گو شاعرن ہٕنز نظرِ منز چھُہ انفرادی تہٕ ملی سطحس پیٹھ پنٛن گفتار و کردار شیرنُک یُوٚہے تقاضہٕ نعت گویی ہُند بنیادی تقاضہٕ بنان تکیازِ یُوٚہے چھُہ خُلقِ محمدیؐ یُک تہٕ شمعِ رسالتُک حقیقی پروانہٕ بناونُک ضامن ۔ نعتیہ سوز و گداز کِ اَمہِ تقاضہٕ کِ پاٹھی چھِ فنی شناختکہ تقاضہٕ زٕنگ یہِ کتھ تہٕ ذہن نشین کرٕنۍ لازمی زِ نعت چھنہٕ ہیٔتی لحاظہٕ کُنہ خاص شعرہ ذاژ ہُند ناو ۔ بلکہ چھُہ یہِ ژکہ اکہ تتھہٕ مختلف الاصناف موضوعُک ناو یُس شاعری ہٕند ہو مختلف قالبو علاوہ نثرکین مختلف مُقفیٰ تہٕ مسجع قالبن منز تہٕ بہار لبتھ چھُہ ہیکان ۔ نعتیہ اظہار کِس کثیر الجہت موضوعس ہیکو اسی اختصار حسان آنحضرتن ہٕندِس مثالی صوٗرتس تہٕ سیرتس باوتھ کرنُک موضوع وٕنِتھ ۔ اتھ موضوعس چھِہ نعت گو حضرات حسبِ توفیق تہٕ حسبِ استعداد مختلف فکری تہٕ فنی موج تُلِتھ ہیکان مثلاً بعضے چھِہ تِم آنحضورؐ ہٕندِس عشقس منز شایستہٕ دیوانگی ہٕندِ ین حدوٗدن اندر تمن عاشقانہٕ آلود دِتھ پنٛنۍ ذاتی واراگ تہٕ اُمتکی حاری ثات تہٕ باوان ۔ بعضے چھِہ تِم تہنٛد حیاتکی انقلاب پرور واقعات باوِتھ ناموسِ دینٕکِس تحفظس منز سرگرم روزنس

غازِین پننزن شمشیرن کھٔے زٕلناونگ سٕنز کران تہٕ لعضے چھ تِم آنحضورن صلعم ہندِ لاثانی صوٗرتکہٕ تہٕ سیرتکۍ دلنواز مناظر نوٚ آیہٕ ہاوِتھ تبلیغی تہٕ اِصلاحی فرض انجام دِوان۔

اَتھی بِس منظرس منٛز چھ رِوایتی نعتو علاوہ مغازیُ النبی، معراج نامہٕ تہٕ شمائل شریف ہوۍ نعتیہ اظہارٕچ کاڈ کڈان۔ البتہٕ چھُ عشقِ رسولُک ذاتی اظہار لعضے نعت گوشاعرن تغزلکۍ جامہٕ ولناوِتھ ذاتی وِبداکھن ہند تیٖتھ مزر تہٕ انان زِ تِم چھِ غرق دردمندی سیدتھ ابتذالہٕ کِس سرحدن کُن تہٕ لایہٕ یِوان۔ مگر اُکِس حقیقی نعت گوشاعرس چھُ بہرحال تمہٕ ادبُک لحاظ تھوٗن پیوان یمیُک نشاندہی نہ فقط یہ ونتھ کرنہٕ چھے آمٕژ زِ

ع "باخدا دیوانہ باش و با محمدؐ ہوشیار" بلکہ یمکہٕ اِحتیاطُک تریٖنہٕ وَن یمہٕ آیہٕ تہٕ دِنہٕ چھے آمٕژ زِ ؎

ادب گاہیست زیرِ آسمان از عرش نازک تر

نفس گم کردہ مے آید جُنیدؒ و بایزیدؒ اینجا

دُنیاہچ کانہہ اہم زبان چھےنہٕ تِتھ یتھ منٛز نہٕ اکہٕ یا بیکہٕ طریقہٕ نعتیہ اظہار پیوٚد مُت آسہٕ کینژن خاص مشرقی زبانن ہندی پاٹھۍ چھُ کاشُر زبانی اتھ معاملس منٛز اکھ امتیاز حاصل نہ فقط اَمہٕ اَنمانہٕ زِ اَتھ اندر چھُ نعت گوئی ژٕ ہ داہمہٕ صدی پیٹھے حضرتِ علمدارِ کشمیر ہِوۍ عظیم دیندار شاعرن دِس تھمُت یا اَتھ منٛز چھُ مسلمان شاعرو علاوہ غیر مسلم شاعرو تہٕ باضابطہٕ پاٹھۍ نعت لیکھنُک مظاہرہ کوٚرمُت بلکہ اَمہٕ لحاظہٕ تہٕ زِ کاشرِ زبانی چھُ نعتہٕ کِس معاملس منٛز تہٕ بییَن اہم زبانن خاص پاٹھۍ فارسی تہٕ اردو زبانن منٛز پیٚمٕژ نعت گوئی بھرپوٗر استفادہ کرنُک کوٗشش کوٚرمُت۔ بہرحال نعت چھُ دراصل دینُک ادبس منٛز دین و دنیاہُک عرفان تہٕ پرٛزلناون وول اکھ شہ پُرنوٗر اِدارہ یُس انسانن ذہنی تہٕ اخلاقی تربیت کرنُک اکھ مؤثر رول ادا کرنہٕ رٕژگ تا ابد پننۍ معنویت قایم تھوٚوِتھ ہیکہٕ۔ اَسہٕ چھُ نعتیہ ادبہٕ کِس روشن موضوعس پیٹھ اظہارِ خیال کرنہٕ خاطرٕ یتھ سیمنارس منٛز واریاہن قابلِ رسائی یا سیمنین عالمن، ادیبن تہٕ دانشورن دعوت دِتمٕژ۔ یہ چھے ووٚنی تہنٛز کام زِ تِم کرن زبانی ہندِ کنہٕ تخصیصہٕ ورٲے اَمہٕ ادبکین مختلف گوشن ہنٛز فکری، اخلاقی، عقیدتی تہٕ جمالیاتی برتری ثابت، یتھ زن یہ کتھ واضح سپدِ زِ نعت چھُ بحیثیتِ مجموعی اکھ شہ سرچشمۂ عرفان یُس پاک احسان

پوچھر دِتھ واکھس یا شرکس تہٕ گاشدار بناوان آوتہٕ دٕنولنس تہٕ رٕوچھس تہٕ اکھ سنجیدہ اظہار بخشنُک باعث بنیوو۔ یُس مثنوی ہندس آنس منز تہٕ آگہی ہند عکس ووتلاوان چھُ یُس غزلہٕ ہندس بانس منز تہٕ معرفتُک مس باگران چھُ۔ یُس ترجیع بند تہٕ ترکیب بندکی پاٹھۍ مسدس تہٕ مخمس ہوٚن فنی قالبن منز تہٕ نقشِ صداقت ووتلاوان چھُ تہٕ یُس رُباعی کیو دُبیتی ہندس ڈٕکس تہٕ عشقِ رسولُک مخٕنہ جران چھُ۔ بہرحال کُنہٕ خاص زبانۍ ہنز لفظی پابندی تہٕ کُنہٕ خاص شعرِ ذاتٕچ ہنز ایتی پابندی قبول نہٕ کرن وول نعت چھُ موضوعی لحاظہٕ پٮ۪تھ صنفِ سخنس تھزرٕکٕ شہپر عطا کرنُک ضامن بنیوو مُت۔

بہٕ یرٕ ژھینہٕ تو ہہٕ تہٕ باقی مُقررین حضراتن درمیان زیادہ کالس حایل پٮ۪دن نہٕ یژھ بہٕ مختلف مشکلاتو باوجود گذشتہ ؤری یُس دوران شعبس منز انجام دِنہٕ آمٕژن تسلی بخش کامن ہند یا تمن کتابن ہند کانہہ جایزہ پیش کرُن یمن از رونمائی کرنہٕ ییہ۔ لہاذا کرٕ بہٕ مختلف صنفن منز کرنہٕ آمٕژ نعت گوئی ہند صرف اکھ اکھ نمونہ پیش کرنس پٮ۪ٹھ اکتفا یُتھ زن یمہٕ سیمنارچن باقی نشستن منز شرکت کرنُک فایدہ تہٕ ثواب حاصل کرنہٕ برونٹھ پرٕ یتھ کانہہ دوست متعلقہ موضوعس پٮ۪ٹھ سوال پرٕژھنہٕ خاطرہ ینس پرٕژھلس دِلس اشتیاقہٕ سان تیار تھٕوتہٕ یتھ زن اشارہ پاٹھۍ یتہٕ ژھینہٕ ییہ زِ مشہور مشرقی زبانن اکھ اکس نکھہٕ انن وول تہٕ تمن سارنے ہند اندرٕون عشقِ رسولؐ کہٕ گاشہٕ سٕتۍ گاشراوان وول نعت کوتاہ وسیع الاصناف ادارہ چھُ۔

گوڈہ کرہٕ بہٕ مولانا جامیس برونٹھ ۲۰۰ وری زامتس علمدارِ کشیر ہند نعتیہ شرٮ۪کُک اکھ شعر پیش۔ شہ چھُ فرماوان:۔ ؎

| | |
|---|---|
| پارٕ پارٕ لگٕزِ تس پیغمبرس | یٮ۪ندس دورس رحمت۔ چھے جارٕی |
| کالٕ پیلہٕ حق لگہٕ روزِ محشرس | تس کُن اُمید وار آسن سارٕی |

اُمہٕ پتہٕ چھُ کشیر ہندس عظیم غزل گو غنی کشمیری سنٕز اکہٕ غزلہٕ ہند شہ نعتیہ شعر پیش یتھ منز شاعر یٮ۪نہٕ قحط الرجال والہٕ دورُک مختصر ترین شہر آشوب پیش کرنہٕ برونٹھ آنحضورؐ ہند کثرت الرجال والہٕ دورِ رحمتُک امتیاز یتھ پاٹھۍ لفظاوان چھُ:۔ ؎

| | |
|---|---|
| نو شا عہد یکہ مردم آدم بے سایہ را دیدند | غریب است این زمان گر سایۂ آدم شود پیدا |

وۄنی چھِ مولانا حالی ہندِ مُسدسکی فقط ژ نعتیہ بند پیش۔ فرماوان چھُ ے

وہ نبیوں میں رحمت لقب پانے والا ۔۔۔ مُرادیں غریبوں کی بر لانے والا
مصیبت میں غیروں کے کام آنے والا ۔۔۔ وہ اپنے پرائے کا غم کھانے والا
فقیروں کا ملجا ضعیفوں کا ماوا ۔۔۔ یتیموں کا والی، غلاموں کا مولا
خطا کار سے درگذر کرنے والا ۔۔۔ بداندیش کے دل میں گھر کرنے والا
مفاسد کا زیر و زبر کرنے والا ۔۔۔ قبائل کو شیر و شکر کرنے والا

اُتر کر حِرا سے سوئے قوم آیا!
اور اک نسخۂ کیمیا ساتھ لایا!

یوٚدوے مولانا جامیؒ ہندی بیشتر نعت ہیتی لحاظہٕ غزل صنفہٕ منز چھِ، مگر تمن پیٹھ چھُ چونکہ مےٚ ییتھ سیمنارس اندر اکھ مفصل مقالہ پرنُک ارادہ لہاذا کرہ بہٕ ییٚتہِ صرف تمہٕ نعتکی ژور شعر پیش یُس مثنوی منز ونہٕ آمتین تہندین نعتن اندر سر فہرست چھُ۔ ۸۸۸ ہجری اندر تصنیف کرمژ یوسف زلیخا ناوچ مشہور مثنوی منز چھِ مولانا جامیؒ آقائے نامدارصؐ پیٚمہ آیہ اُمتُک حال یاوان:

زِ مہجوری بر آمد جان عالم ۔۔۔ ترحم یا نبیؐ اللہ ترحم
نہ آخر رحمۃً للعالمینی ۔۔۔ ز محرومان چرا فارغ نشینی
برون آور سر از بُردِ یمانی ۔۔۔ کہ روے تُست صبحِ زندگانی
شب اندوہِ ما را روز گردان ۔۔۔ ز رویت روز ما فیروز گردان

نسوانی لیہہ پاکیزہ اظہار پرٛاوُنُک اکھ صحت مند موڈ دِنہٕ خاطرہ چھُ کشیرِ ہُند مشہور نعت گو عبدالاحد نادم وَنُونس تہٕ روٗپھس نعتکی یم لفظ آیراوان:

بنی یُس کُن سہےٚ کرہ وے ڈرییے ۔۔۔ ژٕری یے دروٗدہ پرٛی تو سی
مدس ہتی ہیتھ حوٗرہ پنہٕ پرٛییے ۔۔۔ ژٕری یے دروٗدہ پرٛی تو سی
دروٗدہ سوٗزِنَس پاپنہٕ داوٗرییے ۔۔۔ آیہ قرآنکی سٕر تو سی
ملکو پہتہٕ وٕتھ دروٗدہ پرٛییے ۔۔۔ ژٕری یے دروٗدہ پرٛی تو سی
کلمکہٕ آگرہ علمکہٕ سٕرییے ۔۔۔ بانن آباہ برٛی تو سی

پۄتُس کیرہ بہ رُباعی تہٕ دُبأتی منز کرہٕ آمٕژ نعت گوئی ہُند اکھ عربی فارسی آمیز نموٗنہٕ تہٕ اکھ کأشر نموٗنہٕ پیش حضرت جامیؒ چھہ وَنان:

یا صاحب الجمال و یا سید البشر
من وجہک المنیر لقد نوّر القمر
لا یمکن الثناء کما کان حقہ
بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

تہٕ سون ہم عصر بزرگ نعت گو میر غلام رسول نازکی چھہ وَنان ؎

محمدؐ تمبیکنُن ہُند کُس محمدؐ
دلک آرام رُوحک رس محمدؐ
نجاتچ چھےٚ کُنی وتھ رٹھ یہےٚ وتھ
محمدؐ بس محمدؐ بس محمدؐ

خواتین و حضرات مےٚ چھُ اَمہٕ کتھہ ہُند احساس زِ خطبۂ استقبالیہ چھُ اَکِس تنگ نأےِ اظہارس ناو۔ اگر مےٚ ژۄر وقت نیوٗمُت آسہٕ تتھ چھُس بہٕ ؏

لذیذ بود حکایت دراز گفتم

دُنہٕ معذرت خواہ۔ یِی وُنہٕ چھُس بہٕ توٚہہِ پننہٕ طرفہٕ، تہٕ پننین رُفقأ کار منتظمین ہنہٕ طرفہٕ وُژہٕ دانجہٕ استقبال کران۔ یہ بابرکت سیمنار منظم کرنس منز دیُت اَسہٕ وائس چانسلر صأبن، رجسٹرار صأبن تہٕ باقی یونیورسٹی ایڈمنسٹریشن بھر پوٗر تعاون یمہٕ خأطرہ باضابطہٕ تحریکِ تشکر پیش پیہ کرنہٕ۔ اَسہٕ چھُ اَمہٕ کتھہ ہُند تہٕ احساس زِ مختلف وجوٗہاتو کنہِ ہنکہٕ نہٕ دارِیاہ عالم تہٕ فاضل یتھ سیمنارس منز شأمل سپدِتھ۔ البتہ یم شأمل سپدان چھہِ تمن کنِہس موسمس تہٕ ماحولس منز چھہ یوٚر تشریف اَنہٕ۔ یتھ سیمنارس رونق بخشان تہٕ سوٗنجیتھ چھُم یِنےٚ پھورانِ زِ اللہ تعالیٰ دِین توٚہہ یتھ جلسس تہٕ باقی نشستن منز شأمل گژھنک بہترین معاوضہ۔ جزاکم اللہ احسن الجزا

پروفیسر مرغوب بانہالی
صدرِ شعبہ کشمیری

# محمد رسول اللہ ﷺ

## صلاح الدین پرویز نٕ اکھ نظم

پروفیسر حامدی کاشمیری

صلاح الدین پرویز چھُ "صلاح الدین پرویز کے خطوط" (۱۹۸۸ء) ناوی پننس مجموعس کلاس منز سارےٚ نظمن بطور خط پیش کران۔ یمن نظمن منز چھِ کینہہ خط رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛد ناوٕ یم نظمن ہنٛدس صورتس منز چھِ۔ ظاہر چھُ زِ یم چھےٚ نعتیہ نظمہٕ، یمن منز آنحضورﷺ ہنز حیات طیبہ تہٕ پاک سیرژ ہنٛد کینہہ پہلوٗ گاشراونہٕ آمتی چھِ۔ یم نظمہٕ چھےٚ نعت گوئی ہنٛد رِواتی تہٕ مروجہ اندازٕ نِشہٕ انحراف یِہ رٕژ مثالہٕ۔ رِواتی نعت گوئی مطابق چھُ شاعر پننس عقیدت کِس جذبس تحت سرورِ کائناتﷺ ہنٛد سراپا، تِہنز زندگیہ یا تِہنزن عظیم انسانی قدرن یمن ہنٛدی تِم کامل تجسیم چھِ، تعریف کران تہٕ اَمیک اندازٕ چھُ عام پاٹھۍ خطابیہ یا بیانیہ آسان۔ کینٛژن بڈ پایہٕ شاعرن مثالے رومی، خسرو یا اقبال ہنٛدی نعت چھِ رسول مقبولﷺ ہنز بابرکت ذات شخصراونہٕ علاوٕ تِمن نسبت شاعر سٕنٛد بے پناہ لولہٕ جذبٕچ پیکر تراشی کران۔ یِتھ نعت چھِ بے شک نعتیہ ادبس موٗلُل بڈٕ ذخیرٕ کران۔ تاہم چھُ یِہنٛد اسلوٗب تہٕ بیانیہ تہٕ باقے بے شمار نعت چھِ عام پاٹھۍ رِواتی اندازٕ۔ یوت زِ کینہہ جدید شاعر تہٕ چھِنہٕ رِواتی اندازٕ نِشہٕ آزاد سپدتھ ہیکی مِتۍ۔ اتھ پوٗت منظرس منز چھِ صلاح الدین پرویز سٕندین نعتن ہنٛد منفرد تہٕ مخصوص اندازٕ توجہ طلب بنان۔ تِہنٛدِ مجموعہ کلام کٕ آخری خطُک عنوان چھُ محمد رسول اللہ ﷺ تہٕ یہ چھُ آنحضورﷺ ہنٛدین تعریفن تہٕ توصیفن منز نٕہرٕ تہٕ امتیاز تھون وول اکھ دلس پڑیہٕ وُن نمونہٕ۔ اَمہٕ نعتچ بنیادی خصوصیتھ

چھنہٕ یہ زِ یہ چھُنہٕ فقط اَکِس عاشقِ رسول سٕندِ بے پناہ عقیدت کہ جذبُک والہانہٕ اظہارٕے
یوت بلکہ اَکِس پرٕ بس شاعرٕ سٕندِ تخلیقی شعورٕچ پاکیزگی تہٕ بیٚہ نادرٕک آیینہٕ دارتہٕ۔ یہ چھُ جذباتی
وُچھوارکہٕ ہنگامی دوہ پٔنہ اوبجایہٕ شخصیژ ہٕندِ سوٗکھ ساوٗدی سوٗ درجہ بیکرانی ہنز دلالت کران۔

وہ اپنے گھر سے نکل پڑا تھا
سپید شب کی مسافری سے
سیاہ سورج کا غم اُٹھانے۔ وہ اپنے گھر سے نکل پڑا تھا

وہ شام ابرو    وہ رات گیسو
وہ جسم چھایا    وہ چاند ماتھا
وہ آنکھ شمعیں    وہ ہونٹ صبحیں

سپید پھولوں کا باغ نیارا
اُداس بچوں کا باپ پیارا

کہ جس کی آنکھوں میں ان کے غم
جگمگا رہے تھے
وہ رحمتوں کا عظیم والی
وہ برکتوں والا آسمانی
وہ جنتوں کا حسین مالی
دُعاؤں کے راستے بناتا
زمیں کی گرمی پہ چل رہا تھا
وہ دشمنوں میں گھرا ہوا تھا
"تمہاری آنکھوں کے بادلوں میں
تمہارے خوابوں کے جنگلوں میں
کئی رحیم و کریم جگنو
تمہاری راتوں کے منتظر ہیں

کہ اے مرے آسمان لوگو!
تمہاری راتوں میں بارشیں ہوں
تمہاری راتوں کی بارشوں میں
تمہارے جگنو چمک رہے ہوں"

وہ اب پہاڑی پہ آگیا تھا
کہ منتہیٰ تھی سہیلی اس کی
ہوا نے دیکھا
تھکی ہوئی سانس کی تہوں سے
اسے پکارا
سمندروں کی غلاف آنکھیں
صداؤں کی بے حجاب سانسیں
سمٹ کے اس کے قریب آئیں
ہوا تھا لیکن ہوا نہیں تھا
صدا تھا لیکن صدا نہیں تھا
خدا نہیں تھا، خدا نہیں تھا
وہ میٹھے پانی کا ایک جھرنا
خدائے برتر کا آئینہ تھا

وہ جاچکا ہے
وہ جاچکا ہے
وہ موتیا جیسے پاؤں والا
وہ چمپئی چاند نور والا
وہ بیلیا وہ مرا پیارا

اسے بلاؤ کہ ٹوٹ جاؤں میں اس کی آنکھوں میں نیند بن کے
اسے بلاؤ کہ پھوٹ جاؤں میں ان کے سینے میں بوند بن کے

وہ جا چکا ہے
وہ جا چکا ہے
وہ راہ اسریٰ کا کبریائی
وہ شاہ معراج وہ خدائی
وہ جا چکا ہے
مگر یہ گھر کیسا گھر ہے اس کا
یہ کیسا گھر ہے
مہک رہا ہے
یہ کیسا بستر ہے
چل رہا ہے
یہ اسپ از حد مکان والا
ابھی تلک سامنے کھڑا ہے
عبادتوں سے بنا پرندہ

ابھی تلک آنکھ مل رہا ہے
صدا صدا بے صدا فقیری

خموش خاموش ہے خموشی
وہ جا چکا ہے

وہ جا چکا ہے
کواڑ کی نرم گرم دستک ابھی تلک اسکی منتظر ہے

★

ہوا کے کاندھوں پہ چل رہی ہے
روایت ہے.... مگر بدن ڈر رہا ہے اس کا
صدا صدا بے صدا فقیری
ہوا، ہوا بے ہوا سواری
بدن بدن، بے بدن نمازی

ڈلوٚیہٕ نعتیہ نظم ورٛتھناوون۔

نظمِ چھِ لۄکٕٹؠ بٕڈؠ پانژھ بند تہٕ یہ چھےٚ آزاد نظمہٕ ہنٛدِ ٹیکنیکہِ حسابہٕ تہٕ گوڈنکس بندس چھِ پنداہ مصرٕ۔ گوڈنکس مصرس منز چھُ کُنہٕ تمہید تہٕ تعارفہٕ ورٲے ذکرِ رسول پاک ؐ اَسی بنٛنہٕ گرٕ درامتہٕ "وہ اپنے گھر سے نکل پڑا تھا" چھُ تٔہندِس ہجرت کِس واقعس کُن اشارٕہ۔ شاعر چھُ نظمہِ منز ہجرتکی وجہ تہٕ نتیجہ صرف شیٚن لفظن منز موٚثر داوان۔ اَمہٕ پتہٕ کی زٕ مصرٕ چھِ ہجرت کِس پوٚت منظرس یعنے آنحضورنٛ ؐ ستہٕ قریشن ہنٛدِ دشمنانہٕ ولوٚہ ہٕنٛچ علامتی پیکر تراشی کران۔ "سپید شب کی مسافری سے" اور "سیاہ سورج کا غم اٹھانے" چھُ گرٕ نتہٕ بے گر بسُٕن، مقصد رسا پٔتہٕ عدم تکمیل، مستقبلچ وٗنل تہٕ بنٛنہٕ مشنچ کٲم ہٕشن کیفیتن ہنٛد علامتی اظہار۔ یہ چھےٚ سفرس دوران پیش یِنہٕ والین مصیبتن تہٕ اذیتن منز لکہٕ غیٚچ ترٛیٚنہٕ ون تہٕ۔ شاعر چھُ فوراً آنحضورنٛ ؐ ہنٛدِ جسم پاکٕک نقشہٕ ودٕ تلاوان یُس سراپا، نزاکت تہٕ جمال چھُ۔

| | |
|---|---|
| وہ شام ابرو | وہ رات گیسو |
| وہ جسم چھایا | وہ چاند ماتھا |
| وہ آنکھ شمعیں | وہ ہونٹ صبحیں |

تہٕ پتہٕ چھُ یہ مصرٕ برٛونٛہہ کُن یوان۔

سفید پھولوں کا باغ نیارا

یہ مصرٕ چھُ آنحضورنٛ ہنٛدِ وجودٕچ خوشبوے، نفاست، نوزکی، نرملتا تہٕ سادگی ہنٛد جساوٕدی پیکر۔ تہٕ پتہٕ

اُداس بچوں کا باپ پیارا
کہ جس کی آنکھوں میں انکے غم
جگمگا رہے تھے

چھُ تٔہندِ باوصف ذاتِ اقدسُک بیاکھ اکھ پہلو ودٕ تلاوان یعنے اُمت خاطرٕ تٔہنز دردمندی ہنٛد احساس، بیٚیہ تٔہنزن رحمژن، برکژن تہٕ جنتن ہنٛد ذکر کرٕتھ پتہٕ تٔہندِس ہجرت کِس کرٕ تھِس سفرس کُن اشارٕہ۔

دعاؤں کے راستے بناتا

زمین کی گرمی پہ چل رہا تھا

تم اَسی دزونین تاپہ صحراون منز پکان پکان دُعاہِ خیرن ہنز وۄتہ شیران۔ پانہٕ سفرُک کرہ پھیر وۄتراوِتھ فدائے ہندین بندن ہندِ راحتُک تہٕ رحمتُک سامانہٕ کران۔ دوٚیمِس بندس منز یُس منظر برونہہ کُن یوان چھُ سُہ چھُ غزوات ژھتس پاوان، یمن ستی آنحضورنِ ہنز زندگی والبستہ روٗزمژ چھےٚ۔ تمن چھُ ابتدا پیٹھےٚ لوٗکن ہندِ دشمنانہٕ دلو ہارُک مقابلہ کرُن پیوُمُت تہٕ یزرچہ سربلندی خاطرچھُ تمو کیتہ پھر ماٗدان جنگ پاٗر وۄٹُت۔ ژکہِ اَسی ہم انسان دوس تہٕ دشمنن ستی تہٕ اَسی دوستانہٕ ورتاوُک رواداراَوےٚ کنی چھ حضورؐ لوٗکن مخاطب بنتھ فرماوان "تمہاری آنکھوں کے بادلوں میں" اور تمہارے خوابوں کے جنگلوں میں" کئی رحیم وکریم جگنو" تمہاری راتوں کے منتظر ہیں" یعنے تمن (لوٗکن) ہندس وجودس منز چھےٚ نیکی، مرحمت تہٕ گاش گنڈتھ۔ یُس اظہارنا آشنا چھُ تہٕ دعا چھِ کران زِ تہنز، ن اُچھن ہُند ادبُرکرُن اَش ورشن تہٕ راژن منز وۄسن رۄد شرانہٕ ٹیٹھ زن تہنز، گاشہِ زتنہٕ پژزلن یعنے تہنز ازلی نیکی ین برونہہ کُن۔

ترٛیمِس بندس منز چھُ منظر بدلان۔ وونی چھ حضورؐ بہارِس پیٹھ اِستادٕ نظر یوان۔ اَمہ بندکہِ گوڈنکہ مصرہ ستی چھُ معراجس کُن دیان گرنھان۔ معراجس متعلق چھ اُم ہانی، یہندِ گرِ حضورؐ تشریف فرما اَسی، رلوایتھ کران زِ خوفتن نمازِ پتہ شوٚنگی تم تہٕ پٔیلہ تمن ستی صبحن نمازِ فجر ادا کرنہٕ آے تمو کوٚر انکشاف زِ تم آیہ صبحچ نماز بیت المقدس پرُتھ، انبیاء پرناوی تمو امام بنتھ نماز، پتہ کوٚرکھ آسمانن ہُند سال تہٕ انبیاہن ستی تہندین مقامانن پیٹھ سمکھان واتی سدرۃ المنتہیٰ تہٕ تتہٕ پٔدکھ قربِ حضوری حاصل تہٕ رنگارنگ وحی یوٚت ستی پدی مُشرف۔

پہ سوٗرے پٔد اُکس ژھس منز۔ آسمانن ہُند سال کرِتھ پھیری تم گرِ واپس تہٕ "کواڑ پر نرم وگرم دستک ابھی تک اسکی منتظر ہے" صلاح الدین پرویزن چھُ اشارن منز معراجِ نبوی یُس کُن ظون پھیرمُت۔ تمو چھُ ہوا تہٕ سمندر ہوٚین

قدرت کین فطری مظاہرن ہِنٛز آنحضورؐ ہِند قربُک تہٕ تمن منز جذب پیدنُک ذکر کورمُت تہٕ پتہٕ پھکھ تم خالق کاینات ہندی اَبہٕ قرار دِتی متی ۔

اُتھی بندس منز چھُ "وہ جا چکا ہے" لفظن ووج دِنہٕ آمُت ۔ امہٕ تلہٕ چھُ ظاہر پیدان زِ تم چھِ کُنہٕ زیٛٹھِس سفرس دلرٛا متی ۔ اتھ مقامس پیٹھ چھُ شاعرس آنحضورنؐ ہِند سفر باپتھ روانہٕ پیدلس پیٹھ جذباتی طور ارتعاش تہٕ تردُد پیدان تہٕ سُہ چھُ پننہٕ والہانہٕ جذبُک اظہار کران ۔ باتن منز سادگی تہٕ فطری زبان پھٕنے جذبچ برجستگی تہٕ لولہٕ مزرُک ٹاکار اظہار کران ۔

وہ موتیا جیسے پاوں والا

وہ چمپئی چاند نور والا

وہ بیلیا وہ میرا پیارا

تہٕ مرتی ینہٕ والین دون مصرن منز چھُ شاہ افلاکس سٕتی جذباتی ربط ، جُدایی ہند احساسچ تڑس کرن واجنہٕ شُدُت منز تبدیل پیدان ۔ جذباتن ہندی یم بدلہٕ وٕنی رنگ چھِ پرتھ لفظ تلہٕ پریٛڈان ۔

اُسے بلاؤ کہ لوٹ جاؤں میں اسکی آنکھوں میں نیند بن کے

آخری بندس منز چھُ شعری کردار مُدیہ موٚت ننتھ حضورنؐ ہُند گرِ تراونہٕ پتہٕ کہٕ زلہٕ وٕنہٕ ساعتُک لازمانی آہنگ تہٕ یتی اَتھ دوران تہندس گرس منز تہنز نکھ نکھاے ہنز خوشبوے تہٕ وُشنیر ، براقہٕ سنز موجودگی ، عبادت گذاری ، دعوتِ اسرا ، بے ناو خوف تہٕ بینیہ بہ جسد یا بہ روح معراج ہوین واقاتن ہنز موروضی تہٕ اشارتی صورت گری کران ۔ بے شک چھُ اَتھ بندس منز تخلیقی سنج دُسی اکھ زیٛٹھ پھہلنہٕ لامتنہاہی زمانہٕ بنان ۔

تہٕ نعتکی آخری مصرہٕ

وہ جا چکا ہے

کواڑ پر نرم و گرم دستک ابھی تک اس کی منتظر ہے

چھِ اَتھ تزہس ابدیت عطا کران ، یتھ منز معراجُک عمل شروع پیدان چھُ تہٕ

معراج چھُ لازماً ٲنی پیدان۔

صلاح الدین پرویز چھُ تِمہِ اکھ بہلہِ پایہِ تخلیق کار۔ سُہ چھُنہٕ تفسیر دان، مورخ، راوی یا شرح کرن وون۔ تِمو چھےٚ حضورنٛ ہِندِس ذاتِ اقدسس سِتۍ وابستگی ہِندِس والہانہٕ جذبس تحت تِہندِ پاک سیرژ ہِندِ ین کینژن نقشن ہنز تخیلی بازیافت کٔرمٕژ۔ یتھ کنۍ ییمی نعتن وجود پرووُمت چھُ سُہ چھُ اکھ بہلہِ پایُک تخلیقی نظم۔ اَتھ منز چھےٚ محمد رسول اللہؐ ہِندِ پاک زندگی ہِندِ ین کینژن اہم واقعاتن ہنز کُلہم پاٹھۍ تصویر کٲری کرنہٕ آمژ ییمیُک بیچھ کنہٕ ذکر پیدمُت چھُ۔ یہ چھُ شاید اوکنۍ ممکن پیدمُت تکیازِ شاعرن چھےٚ حضورنٛ ہُند ذاتِ اقدس لولہِ جذبس تحت موٗسوس کٔرمژ۔ یہ جذبہ چھُ تِہندِ وجود کِین سترن منز شر پیومُت۔ ییلہ اَمۍ لسٲنی بازیافت کرنہٕ چھےٚ یوان تہٕ نظمہِ منز چھنہٕ فقط حضورنٛ ہنز نورٲنی شخصیتکۍ پرتو وۅتلان بلکہ چھُ شاعرٕنُد داخلی وجود تہٕ پرژھتان تہٕ کاینات چھےٚ اکہِ نوِ تہٕ نبرل گاشہِ گہہ تراوان۔

یہ نظم چھےٚ حضورِ پُرنورنٛ ہنز بسیار جہژل ذاتُچ مرقع کٲری۔ تیمنز جہژ چھےٚ دیدمان یوان زِ اَتھ چھُ زُتہٕ زوٗل پیدان۔ نظمہِ ہند پرتھ لفظ چھُ اوچھ معنوی امکانن ہیتھ پھٕلتھ۔ صلاح الدین پرویزن ییمہ شعورِ تہٕ سرژٕ تخلیقی احساسہ آنحضورنٛ سِتۍ شخصی تعلق پننہِ نظمہِ ہند موضوع بنومُت چھُ تہٕ آنحضورنٛ ہِندِ بے پناہ لولہٕ مژہجار باوجود شخصی ولولہ ہار برقرار تھوٗمُت چھُ صلاح الدین پرویزنۍ کمال۔ چنانچہ نظمہِ منز یتھ حدس تام شاعر سُنز ذٲتی شخصیژ ہند دخل چھُ تیوٗتے چھُ سُہ لوٗب نہٕ روزان تہٕ یہ چھُ تِہندِ حد درجہ موحتاط روزنہٕ کنۍ ممکن پیدمُت۔

اختصار، ڈرامایتھ، خود کلامی، لفظ شعور، تخاطب، واقع نگاری تہٕ شعری کردارن ہِندِ لہجُک تُرتراو تہٕ مجموعی تخیلی فضا چھُ نظمہِ ہندِ تخلیق نیہ نادِرک راز۔ آنحضورنٛ ہنز مدح سرٲیی چھےٚ شاعرن شخصی تجربہ بناوِتھ پیش کٔرمژ تہٕ پننہِ لفظِ ورناوِ سۍ چھُن امچہِ واریاہ جہژ گاشر اومژ۔ اَتھ نظمہِ آخری خط ونہٕ باوجود چھُ شاعر خطوط نگاری ہند لو رلوٲیی لوازمات نشہِ مچھ روزان۔ اَمیک ابتداء تعمیر تہٕ

اند چھُ نظمہِ ہندی ہیتُک آہٕ۔

صلاح الدین پرویزن چھُ معراجس متعلق زٕ مقبوٗل نظریات یعنے جسمانی معراج یا روحانی معراج اکھ ترٛٹھ بلہٕ مِش کیفیتھ شاعرانہٕ تعبیر بناوِتھ پیش کرٕ جۄنز دوشوٗنی سنز چھُنہٕ کانہہ بن روزان۔ محسوس چھُ پیدان زِ معراج چھُ روٗحانی تہٕ تہٕ جسمانی تہِ۔ یہٕ چھُ حقیقت تہِ تہٕ خاب تہٕ۔

صدا صدا بے صدا فقیری

ہوا ہوا بے ہوا سواری

بدن بدن بے بدن نمازی

یہٕ نعت چھُ بلاشک اردو نعت گوٗیی سنز اکہٕ نوِ تہٕ پرزلونہٕ بابکُ اضافہٕ کران تہٕ یہٕ کتھ چھےٚ واضح سپدان زِ عقیدہ چھُ شعرُ بنتھ زمان تہٕ مکان چہِ حدبندی یہٕ پھُٹرتھ اکھ ماورایی تجربہٕ بنان تہٕ لازوال سپدان۔

ترجمہ

**شاد رمضان**

---

دیوانہ شُدم در آرزوٗیت

اے چشمِ ہمہ جہان بسوٗیت

خسرُو بکمندِ توٗ اسیر است

بیچارہ کجا رود ز کوٗیت؟

(امیر خسروٗ)



# قرآن تہ نعتِ رسولِ رحمت

صلی اللہ علیہ وسلم

پروفیسر غلام رسول ملک

لوح بھی تو قلم بھی تو تیرا وجود الکتاب (اقبال)

غالب ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم
کاں ذاتِ پاک مرتبہ دانِ محمد است (غالب)

قرآن تہٕ صاحبِ قرآن صلی اللہ علیہ وسلم چھِ اصلاً اکی حقیقتکۍ زٕ روخ۔ قرآن چھُ قرآن لفظی تہٕ نبیِ اکرم صلی اللہ علیہ وسلم چھِ عملی قرآن۔ یتھٕ پاٹھۍ زن حضرت عائشہ صدیقہ رضی اللہ عنہا چھِ فرماوان زِ کَانَ خُلُقُہٗ قرآن (مسلم) یعنی تہند کردار اوس قرآن۔ تہند وجودِ اقدس چھُ قرآنُک عملی پیکر تہٕ زندٕ تفسیر تہٕ تہندِ وجودِ اقدسُک تفصیل تہٕ تعبیر چھِ قرآنکۍ اوراق۔

وینٕ ہنا دِنکٕ غرضہٕ اگر اسۍ قرآنس پیٹھ نظر ترٛاوو نیلِ چھِ اسۍ وُچھان زِ قرآن چھُ نعتس متعلق ناطق حکم تہٕ صادر کران، امچہِ فکری بُنیادٕ تہٕ سرحدٕ تہٕ مقرر کران تہٕ امکۍ بہترین نمونٕ تہٕ اسہٕ بروٚنہہ کنہٕ پیش کران۔

نعتس متعلق قرآنُک حکم چھُ بالکل صاف تہٕ واضح:

اِنَّ اللّٰہَ وَمَلٰٓئِکَتَہٗ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ یٰٓاَیُّھَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا صَلُّوْا عَلَیْہِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِیْمًا (الاحزاب)

خُدا تہٕ تمہِٕ ہندی ملائک چھہِ نبی یس درودٕ سوزان

ایمان دارو تُہۍ تہٕ سوزِو تمن پیٹھ درود و سلام

گویا کاینا تُک پاٹھٕ کرن وول تہٕ اُمہِ کِس انتظامس پیٹھ مامور ملکوتی طاقت چھہِ سارٕی نبی برحق سٕندِ حقہٕ درود و سلامس، تعریفس تہٕ دعاہس منٛز مصروف۔ یعنی نعت چھُ کاینا تُک زمزمہ تہٕ افلاکن ہنٛز موسیقیٖ (MUSIC OF THE SPHERE)!

گرد تو گردد حریم کائنات

ہندِ لحاظ لَوْلَاكَ لَمَا خَلَقْتُ الْاَفْلَاکَ چھِ حیثیت کیا تہٕ اَسی تن اَتھ کتھہِ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ اُمہِ کہ معنی تہٕ سپرٹ کِنیٚ چھُ یہ قرآنی تصریحاتن ستی مطابقت تھاوان۔

خُدا چھُ پانہٕ نبی یس صلعم درود و سلام سوزان، تہٕ کیازِ تم چھہِ تمہِ سٕندِ تخلیقکی سارؠوے کھوتہٕ بٔڈی شاہکار تہٕ انسانیتہٕ خاطرٕ تمہِ سٕندِ سلسلہٕ ہدایتُک تکمیل۔ ملکوتی قوت چھہِ نبی ہٕندی تعریف کران، تہٕندِ خاطرٕ دعا و سلامس منٛز اَمہِ کِنیٚ مصرُوف، تِکیازِ نبی ین اوٚن انسان پننہِ اختیاری زندگی منٛز تہٕ تتھ دَتہٕ پیٹھ یوٚسہٕ سارٕی کاینا تچ دٔتھ چھیٚ تہٕ یتھ دَتہٕ پیٹھ کاینا تس چلاونہٕ خاطرٕ ملائک مختلف کامن پیٹھ مقرر کرنہٕ چھہِ آمتی۔

انسانس پیٹھ کوٚر خُدا ین نبی یس صلعم درود و سلام سوزُن تہٕ تہٕنٛز تعریف کرٕنی اَمہِ کِنیٚ فرض، تِکیازِ تم چھہِ انسانن ہٕندی سارؠوے کھوتہٕ بٔڈی محسن۔ بلالحاظ رنگ و نسل تمام انسانن ہٕندی سارؠوے کھوتہٕ بٔڈی غمخوار۔ تم چھہِ رحمۃٌ للعٰلمین تہٕ تہٕندِ ورأے چھہِ انسٲنی زندگی بے معنی۔ بے مطلب تہٕ بے منٛزل۔ تم چھہِ تمہٕ رحمتکی سارؠوے کھوتہٕ عظیم مظہر یمہٕ کہ برکتہٕ کائناتُک پرتھ کانٛہہ مخلوق بامقصد زندگی گذاران چھُ۔ یوٚہے رحمت موردٕ گٲمتس زمینس نوٚو زندگی عطا چھیٚ کران، یوٚہے رحمت بنجرن منٛز بارانِ کرم بنتھ گلزار چھیٚ پھولٕراوان، یوٚس رحمت کینہٕ تٕلکِس کیٖمس چھیٚ غذا واتناوان، یوٚس رحمت زیٖنہٕ تہٕ ماچھ تُرٕن تام معجزاتی تہٕ حیرت ناک طریقس پیٹھ لسُن لبُن چھیٚ ہیچھناوان، یوٚس رحمت بچس زِ ہوٗنے

ماجہِ ہندِس وُچھِس کُن چھےٚ رہنمائی کران، سوٚے رحمت چھےٚ پننِس بجرِس تھزرِس تہٕ کمالس واتِتھ رحمتہٌ للعالمینی ہنز شکل اختیار کران۔

کارِ تقدیر و ہدایت ابتداست

رحمتہٌ للعالمینی انتہا است

اُمی کنہِ فرموو ربِ حصرہ سان کہ یا نبی تُہہ سوٗزِو اَسہِ تمام عالمن ہندِ خاطرٕ رحمت بنٲوِتھ۔ وَمَا اَرسَلنٰکَ اِلَّا رَحمَۃً لِّلعٰلَمِین (الانبیاء) رحمتہٌ للعالمینہٕ ہندِ احسانہٕ ورٲے کیا آسہِ ہے انسان؟ اکھ حیوان یُس کھیوٚن، چیوٚن تہٕ پوشاک لاگُن بوت پنُن مقصدِ زندگی آسہِ ہے زانان، یُہندی اصول تہٕ یُہنز قدرٕ تِمے آسہِ ہن یم چاروایِن ہندی اصوٗل تہٕ چاروایِن ہنز۔ قدرٕ چھےٚ آسان۔ ہوٗنی چھہ اُڈجہِ بیٚٹھ اکھ اَکِس خوٗن والان، درندن منز چھہ شکارٕ خاطرٕ چھپنیا جھپٹی گژھان، جنگلن منز چھہ سُے زندٕ زُوِتھ ہکان یُس بیٚیس مارِتھ ہیکہِ۔ یَمِس طاقت چھہ آسان سُے چھُ باقین پیٚٹھ بالادستی حاصل کران۔ انسان تہِ یِیہِ رحمتہٌ للعالمینہٕ ہندِ دامانہٕ رحمتہٕ لِنہٕ دوٗر چھُ گژھان تمہِ ہندی اصوٗل واقدار تہِ چھہِ یمے آسان۔ رحمتکی نبی یِنٕ وِزِ ن تہٕ علہٕ ہستی ہوٗون۔ زِ زندگی چھنہٕ کھیوٚن، چیوٚن تہٕ پوشاکھ لاگُن یوت۔ زندگی چھےٚ اعلیٰ اخلاقی تہٕ انسانی، اصوٗل تہٕ اقدار پھانٹھلاونہٕ خاطرٕ۔ یم اعلیٰ قدرٕ چھےٚ حق، عدل و انصاف تہٕ رحمت و رافت۔ بجر چھُنہٕ جبرا حیوانی طاقتس منز بلکہ یمن قدرن پیٚٹھ یرٕ تھ پرٕتھ آسنس تہٕ عمل کرنس منز۔ رحمتکی نبی یِنٕ وُچھ زِ انسانہٕ ہُند کلہٕ چھُ ذلت سان نوٚمرِتھ۔ یُتھ میٚن بروٗنہہ کُنہِ، حیوانن بروٗنہہ کُنہِ، جابرانسانن بروٗنہہ کُنہِ، اوہامن تہٕ خرافاتن بروٗنہہ کُنہِ تہٕ بےجا رسم و رواجن بروٗنہہ کُنہِ۔ تمو تُل یہ کلہٕ تھوٚد تہٕ وانٹوٗ وُکھ تِتھ تھزرِس پیٚٹھ ییٚتہِ نہٕ خُدائس ورٲے انسانس کُھو نہٕ کانہہ تھوٚد تہٕ بوٚڈ چھُ۔ انسان بنیوو مسجودِ ملائک تہٕ خلیفۃ اللہ فی الارض۔ انسانس پیٚٹھ نبیؐ سُند احسان یاد کران چھُ قرآن ونان،

وَیَضَعُ عَنہُم اِصرَھُم وَالاَغلٰلَ الَّتِی کَانَت عَلَیھِم۔ (الاعراف)

تِم چھِہ تِہند پوٚھیکو پیٚٹھ بور والان تہٕ تِہنز وگردنو منز غلامی ہندی طوق نبیر

کڈان۔

مول موج چھُ انسانس گوشت پوست تہٕ جسم دِوان۔ آباء واجدادن نِشہٕ چھُ سُہ دُنیاوی مال وجائداد حاصل کران مگر تمۍ سِندِ رُوحٕچ، تِمہٕ سِندِ اخلاقٕچ تہٕ تِمہٕ سِندِ انسانیتٕچ پرورش تہٕ پرداخت چھُ کران نبی رحمتؐ۔ امی فرماوان قرآن۔

اَلنَّبِیُّ اَوْلٰی بِالْمُؤْمِنِیْنَ مِنْ اَنْفُسِہِمْ۔ (الاحزاب)

نبی صلی اللہ علیہ وسلم چھِ مومنن ہنٛدِ خاطرٕ تِہنٛدِ پانن ہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ مقدم۔

خدا یس پتہٕ چھِ مومنن ہنٛدِ خاطرٕ کائناتٕچ سارِوے کھوتہٕ محترم شخصیت نبی اکرم حق تمۍ گژھن تِہنٛدِس ہر اکِس اشارس پیٹھ بلاچون وچرا قربان گژھنہٕ خاطرٕ تیار آسنۍ۔ تِہنٛدِس جنابس منٛز تِہنٛزِ آوازِ کھوتہٕ تھزٕ آوازِ منٛز کتھ کرنہٕ ستۍ ہیکہِ ایمان غارت گژھتھ:

یٰاَیُّھَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا لَا تَرْفَعُوْٓا اَصْوَاتَکُمْ فَوْقَ صَوْتِ النَّبِیِّ وَلَا تَجْھَرُوْا لَہٗ بِالْقَوْلِ کَجَھْرِ بَعْضِکُمْ لِبَعْضٍ اَنْ تَحْبَطَ اَعْمَالُکُمْ وَاَنْتُمْ لَا تَشْعُرُوْنَ۔ (الحجرات)

ایمان دارو پننۍ آواز مہٕ کرِو نبی سنٛزِ آوازِ کھوتہٕ تھزٕ بییہ مہٕ کرِو تِمن ستۍ تِتھےٚ پاٹھۍ بڈٕ بڈٕ کتھ ییتھ پاٹھۍ پانہٕ وٲنۍ چھو کران۔ ییتھ پاٹھۍ چھُ خطرٕ زِ تِہنٛدۍ اعمال گژھن برباد تہٕ تۄہہِ لگِو نہٕ خبرے۔

تِہنٛدِس حکمس پیٹھ اگر ذرا برابر ناگوٲری ہُنٛد احساس پٲدٕ گژھہِ، ایمانُک دعوےٰ چھُ باطل۔

فَلَا وَرَبِّکَ لَا یُؤْمِنُوْنَ حَتّٰی یُحَکِّمُوْکَ فِیْمَا شَجَرَ بَیْنَھُمْ ثُمَّ لَا یَجِدُوْا فِیْٓ اَنْفُسِھِمْ حَرَجًا مِّمَّا قَضَیْتَ وَیُسَلِّمُوْا تَسْلِیْمًا۔ (النساء)

پس نہٕ (یا نبی) قسم چانِس ربٕ سنٛدِ یم چھِنہٕ تۄہٕنٛت تام مومن

یوٗت تام نہٕ پننین تمام فیصلہٕ طلب معاملن منز یم توہی فیصلہٕ کرن وألی بناون تہٕ تمہٕ پتہٕ گژھکھ نہٕ تہنٛدِ فأصلہٕ ہتہٕ دِلس منز گرأے نہٕ بلکہ کرن (خوشی سان) سر تسلیم خم۔

اَمِچ تشریح کران فرموو نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلمو

لَا یُؤْمِنُ اَحَدُکُمْ حَتّٰی اَکُوْنَ اَحَبَّ اِلَیْہِ مِنْ وَّالِدِہٖ وَوَلَدِہٖ وَالنَّاسِ اَجْمَعِیْنَ۔ (بخاری ومسلم عن انس)

توٕہہ منز چھنہٕ توٚت تام کانٛہہ شخص ایماندار یوٗت تام نہٕ بہٕ تمس پننس مألس ماجہِ تہٕ پننیو اولادو کھوتہٕ زیادٕ لوٗلہٕ آسہٕ۔

بیٚیس اکس حدیثس منز فرموٗکھ زِ پننہٕ نفسہٕ کھوتہٕ تہٕ گژھہ بہٕ مومنس ٹوٚٹھ آسُن۔ مگر نبی یُس ستہٕ بے پایان محبتک تہٕ احترامُک یہٕ تعلق چھُ اَمہٕ حیثیتہٕ زِ تم چھِ خدایہٕ سندی رسوٗل تہٕ عالم انسانیتکی ہادی برحق۔ اسلامس چھِ پیغمبری متعلق سارنے گمراہین ہنٛدی موٗل پرأنٛٹھتی بیٚتہٕ نہٕ چھُ نعوذ باللہ من ذالک کانٛہہ شخص خدایہٕ سند اولاد نہٕ انسان شکلہِ منز خدا۔ پیغمبری ہنٛدِن سرحدن ہنٛد تعیُن کران چھُ قرآن فرمادان:

قُلْ اِنَّمَا اَنَا بَشَرٌ مِّثْلُکُمْ یُوْحٰی اِلَیَّ اَنَّمَا اِلٰـھُکُمْ اِلٰہٌ وَّاحِدٌ۔ (الکھف)

فرمأوِو (یا رسول اللہ) بہٕ چھُس تہنٛدی پأٹھی اکھ انسان یمس پیٹھ وحی چھِ نازل سپدان کہ تہنٛد معبود چھُ اکھ ذاتِ پاک حضرت اللہ۔

بیٚیس جایہٕ چھُ ارشاد سپدان:

وَمَا مُحَمَّدٌ اِلَّا رَسُوْلٌ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِہِ الرُّسُلُ اَفَاِنْ مَّاتَ اَوْ قُتِلَ انْقَلَبْتُمْ عَلٰٓی اَعْقَابِکُمْ۔ (آل عمران)

محمد صلی اللہ علیہ وسلم چھِ خدایہٕ سنٛدی رسوٗل۔ تمو برونٛہہ تہٕ چھِ پیغمبر آمتی۔ اگر تم یمہٕ عالمہٕ تشریف نِن یا شہید سپدن تہٕ تُہۍ ژٕلو ایٚتہٕ

پوءِ ته پنهنجي پوءِ ته پيروي ڪري ئي سگهن ٿا ۽ نه ته پيروي ڪرڻ ضروري هو. پوت پهير تھ.

احاديث ۾ آنحضرت فرمايو ته جيئن نصاريٰ هن پنهنجي پيغمبر بابت مبالغي ۾ درجا وڌائي ڇڏيا، تيئن اوهان نه ڪجو.

گمراهي هنز دُٿه اختيار ڪرُ دُ.

لَا تُطْرُوْنِيْ كَمَا اَطْرَتِ النَّصَارٰى ابْنَ مَرْيَمَ فَاِنَّمَا اَنَا
عَبْدُهٗ وَرَسُوْلُهٗ فَقُوْلُوْا عَبْدُ اللّٰهِ وَرَسُوْلُهٗ ـ

(بخاري ومسلم عن عبدالله بن عمرؓ)

مي مه برڙهاؤ وهينه حد نشہ يتھ پاڻ نصاراهو برڙهو وحضرت عيسيٰ ابن مريم
به چهس بن خدا په سُند بنده ته رسول لهذا ف نوِ ميے خدا په سُند بنده ته رسول ـ

بئيس اُڪس حديث پاڪس سنز فرموُوكھ:

اِنَّ مَنْ كَانَ قَبْلَكُمْ كَانُوْا يَتَّخِذُوْنَ قُبُوْرَ اَنْبِيَاءِهِمْ
وَصَالِحِيْهِمْ مَسَاجِدَ اَلَا فَلَا تَتَّخِذُوا الْقُبُوْرَ مَسَاجِدَ
اِنِّيْ اَنْهَاكُمْ عَنْ ذٰلِكَ ـ (مسلم عن جندب)

توهه به وهنه يم لوكھ اُسي تم آسي پننن نبي ين ته نيک انسانن سنزن
قبرن سجده گاه بناوان ـ خبردار تهي بناوي زيو ته قبر سجده گاه به چهُسو
توهه اُمه لنه منع كران ـ

قرآن وسنتكي يم ارشادات چهِ نعت گوئي هنز فكري اساس ته امچه سرحده
واضح پاٹھي مقرر كران ته قرآن چهُ بذاتِ خود نعت گوئي هنڈ بهترين نموُنه پيش كران ـ
اكه لحاظے بوزو تيله چهُ سورے قرآن نبي اكرم صلي الله عليه وسلمن هند نعت ـ الحمد
پيٹھ الناس تام كُنُ آيه كريم يا سورة شريف چهُ نه يمه كس پوت منظرس سنز صاحب
قرآن صلي الله عليه وسلم سنز پاک ته مقدس ذات موجود چهنه ـ دارياه عظيم صوفياء
مثلاً شيخ محي الدين ابن عربي ته شيخ سيد عبدالقادر جيلاني رح چهِ نبي اكرم صلي الله عليه وسلمنے
لوح محفوظ' ته حقيقت الاسمائيه مانان ـ چنانچه شيخ جيلاني سُند يه مشهور شعر چهُ امه
حقيقتس كُن اشاره كران :

اَفَلَتْ شُمُوْسُ الْاَوَّلِیْنَ وَشَمْسُنَا
اَبَدًا علیٰ اُفُقِ الْبَقَاءِ لَا تَغْرُبُ

بروٗنہم ساری افتاب ہ لۄسی مگر سون آفتاب
روزِ ہمیشہ بقاءِ دوٲکس افقس پیٹھ چمکان

اقبال چھ اَمہٕ کھوتہٕ زیادٕ صراحتہٕ سان ونان:

نگاہِ عشق و مستی میں وہی اوّل وہی آخر
ہی قرآں وہی فرقاں وہی یٰس وہی طٰہٰ

تاہم چھ قرآنس منز کینہہ مقام تِم یِمن کاینات کُٹ پاد کرن وول سیّد سیود پننس تخلیقی شاہکارس تہٕ حاصلِ کون و مکانس نعت خوانی چھ کران۔ کنہہ چھ تہند عبدیتک مجبوبانہٕ تذکرہ۔ عبد نہ بلکہ عبدہٗ آسنک تکیاز

عبد دیگر عبدہٗ چیزے دگر
ما سراپا انتظار او منتظر

خدا فرماوان:

سُبْحَانَ الَّذِیْ اَسْرٰی بِعَبْدِہٖ لَیْلًا مِّنَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ اِلَی الْمَسْجِدِ الْاَقْصٰی (بنی اسرائیل)

پاک چھے سو ذات یٔمی پننہٕ بندٕ رات کیت سال کرنود
مسجد حرام پیٹھ مسجد اقصیٰ تام کنہ

کنہ چھ تہند منزلی تہٕ معلم کتاب و حکمت آسنکی تعریف:

لَقَدْ مَنَّ اللّٰہُ عَلَی الْمُؤْمِنِیْنَ اِذْ بَعَثَ فِیْہِمْ رَسُوْلًا مِّنْ اَنْفُسِہِمْ یَتْلُوْا عَلَیْہِمْ اٰیٰتِہٖ وَیُزَکِّیْہِمْ وَیُعَلِّمُہُمُ الْکِتٰبَ وَالْحِکْمَۃَ وَاِنْ کَانُوْا مِنْ قَبْلُ لَفِیْ ضَلٰلٍ مُّبِیْنٍ۔ (آل عمران)

بیشک کور اللہ تعالیٰ ہن مومنن پیٹھ احسان یِلہ تمی تموے اندر تمن کُن پیغمبر سوزُس تمن برونہہ کنہ خدایہ سندی آیات

تلاوت چھُ کران ، تہند نفس پاک چھُ کران تمن
کتاب و حکمتچ تعلیم چھُ دِوان اگرچہ امہ برونہہ
تم ننہٕ وانہٕ گمراہی منز مبتلا اُسی۔

کُنہِ چھنے تہنز شان رحمۃٌ للعالمینی ہنز مدح خوانی:

فَلَعَلَّكَ بَاخِعٌ نَّفْسَكَ عَلٰى اٰثَارِهِمْ اِنْ لَّمْ
يُؤْمِنُوْا بِهٰذَا الْحَدِيْثِ اَسَفًا۔ (الکہف)

یانبی رحمت ) باسان چھُ اگر یم ایمان انن تو ہیمرٕ ژھنو
یہند دادِ یمن پتہٕ پنُن پان گالِتھ۔

لَقَدْ جَآءَكُمْ رَسُوْلٌ مِّنْ اَنْفُسِكُمْ عَزِيْزٌ
عَلَيْهِ مَا عَنِتُّمْ بِالْمُؤْمِنِيْنَ رَءُوْفٌ رَّحِيْمٌ۔ (التوبہ)

تو ہہ کُن آو توہہ اندر اکھ رسول یمِس تُہنز تباہی تہٕ نقصان
ستی دِس تکلیف چھُ واتان بیٚیہِ یُس مومنن ہندِ خاطرٕ رحیم
تہٕ شفیق چھُ۔

کُنہِ چھُ تہندِ محمودیتُک تہٕ رفع ذکرُک دلنواز بیان:

عَسٰۤى اَنْ يَّبْعَثَكَ رَبُّكَ مَقَامًا مَّحْمُوْدًا (بنی اسرائیل)

جلدٕے کرِ توہہ تہُند رب مقام محمود عطا۔

اَلَمْ نَشْرَحْ لَكَ صَدْرَكَ وَوَضَعْنَا عَنْكَ
وِزْرَكَ الَّذِيْۤ اَنْقَضَ ظَهْرَكَ وَرَفَعْنَا لَكَ
ذِكْرَكَ۔ (الانشراح)

یانبی کیا اَسہِ کھوٚل نا تہُندِ خاطرٕ تہٚند سینہٕ تہٕ بیٚیمہِ لورٕ ن
تہُند کمر مبارک تھوٚکرومُت اوس سُہ ووٚل نا تہُند بوجھ کیو
بیٚیہ کوٚرنا تہُند ذکر بلند و بالا۔

اِنَّاۤ اَعْطَيْنٰكَ الْكَوْثَرَ ۝ فَصَلِّ لِرَبِّكَ وَانْحَرْ ۝
اِنَّ شَانِئَكَ هُوَ الْاَبْتَرُ ۝ (الکوثر)

یا نبی اَسہ کوثر تۄہہ کوثرہ عطا۔ پس پرِو تۄہۍ نماز تہٕ کرِو قربانی۔
تُہنٛد دُشمنے آسہِ پتو بے نام و نشان۔

کُنہِ چھُ تُہنٛدِ معصومیتُک اعلان جانفزا

وَمَا یَنْطِقُ عَنِ الْهَوٰى۔ اِنْ هُوَ اِلَّا وَحْیٌ
یُّوْحٰى (النجم)

تم (نبی برحق) چھنہٕ خواہشِ نفسہٕ مطابق کلام کران یہ چھہ
وحی ییٚس تمن پیٹھ نازل چھ سپدان۔

کُنہٕ چھُ سرٕ دلبراں انتہائی خوشتر پیرایس منز ظاہر سپدان در حدیثِ دیگراں
ییٚلہٕ زن ربِ کائنات پنٕنِس جوبہ سنٛز شانِ محبوبی تہندین دشمنن عتاب کرِتھ
جتلاوان چھُ مثلاً

قَدْ نَعْلَمُ اِنَّهٗ لَیَحْزُنُكَ الَّذِیْ یَقُوْلُوْنَ فَاِنَّهُمْ
لَا یُكَذِّبُوْنَكَ وَلٰكِنَّ الظّٰلِمِیْنَ بِاٰیٰتِ اللّٰهِ
یَجْحَدُوْنَ۔ (الانعام)

اَسہٕ چھے خبر (یا نبی صلی اللہ علیہ وسلم) یِہنز وَکھتو ستی چھُ تُہنٛدس دِلس
تکلیف واتان۔ یم چھنہٕ تۄہہ جھٹلاوان بلکہ چھہ اللہ تعالی سندین آیاتن
ہُند انکار کران۔

وَاِنْ كَادُوْا لَیَسْتَفِزُّوْنَكَ مِنَ الْاَرْضِ لِیُخْرِجُوْكَ
مِنْهَا وَاِذًا لَّا یَلْبَثُوْنَ خِلٰفَكَ اِلَّا قَلِیْلًا (بنی اسرائیل)

یا نبی یمو منکر داوس کمر کو گنڈمُت تۄہہ ییٚمہٕ سرزمینہٕ منز نیبر کڈنہٕ خاطرٕ
مگر اگر تہٕ سپد ہے تیٚلہ روزہن نہٕ یم تۄہہ پتہٕ زیاد کالس زندہ۔

تَبَّتْ یَدَاۤ اَبِیْ لَهَبٍ وَّتَبَّ۔ (اللهب)

اتھ ییٚیہ وٕچھتھ ابولہبس بنیہ سپدس نامراد۔

کُنہِ چھ تُہنٛد قربِ الٰہیک پُراسرار تذکرٕ

مَا زَاغَ الْبَصَرُ وَمَا طَغٰى۔ لَقَدْ رَاٰى مِنْ اٰیٰتِ

رَبِّہٖ الْکُبْرٰی (النجم)

نہ گوو تہنز نظر ہیر نہ گٔیس کانہہ غلطی۔ بے شک ووچھ تمو پننس ربہٕ سندی عظیم نشانہ۔

وَالضُّحٰی۔ وَالَّیْلِ اِذَا سَجٰی۔ مَا وَدَّعَکَ رَبُّکَ وَمَا قَلٰی۔

صبحکہ گاشک قسم۔ راتھ ہند قسم ییلہٕ سو چھُپاوان چھےٚ۔ نہ ترٛووکھ ژٕ پننہٕ ربن نہ چھےٚ سُہ ناراض ژٕ نے۔ (الضحیٰ)

وَمَا رَمَیْتَ اِذْ رَمَیْتَ وَلٰکِنَّ اللّٰہَ رَمٰی (الانفال)

یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم ییلہٕ توہہ (معرکہ بدرس منز کفارن پیٹھ بکھ) چھیپو سو چھیپو نہ توہہ بلکہ چھیپ اللہ تعالیٰ ہن۔

نہ کُنہٕ چھُ ساری پرد تُلتھ خالق کائنات پننس محبوبہٕ سند جانک قسم کھیوان۔

لَعَمْرُکَ اِنَّھُمْ لَفِیْ سَکْرَتِھِمْ یَعْمَھُوْنَ۔ (الحجر)

چانہٕ جانک قسم (یا نبی) اتم (قوم لوط) آسی نشس منز اَندٕ گامتی۔

اَللّٰھُمَّ صَلِّ وَسَلِّمْ عَلٰی حَبِیْبِکَ مُحَمَّدٍ وَّعَلٰی اٰلِہٖ وَ اَصْحَابِہٖ اَجْمَعِیْن۔

---

" ناو چون کرانکھ زن کلیچہٕ واجے
شاہ معراجے کر سون پاے "

مقبول کرالہ واری

---

چون گل رودخ چھ بُلبُلن اوراد
کھوٚد وہ تھکھ سیوٚد خم گرتھن شمشاد

پروفیسر رشید نازکی

## عربی شاعری منز مدحِ رسولکی ہتہ

# نعتیہ اظہارکی ابتدآئی نقوش

ڈاکٹر شاد حسین

عربی شاعری منز خیرُ البشر حضرت محمد مصطفیٰ ﷺ ہندین تعریفن تہٕ مدحن ہنز
ورٲثھنے کرنہٕ برونٹھ چھُ یہ ضرۆری باسان زِ گوڈ ییہ مۆختصر پأٹھۍ تمن مدحن ہُند لوٚت منظر
پیش کرنہٕ۔ آنحضورن ہنز نبوت کہ زمانکۍ چھِ زٕ اہم حصہٕ، اکھ گوٚو مکگ زمانہٕ تہٕ بیاکھ
مدینُک زمانہٕ۔ یمس منز روزنس دوران آدٕ تہٕ شاعری منز تہندِ جمال و جلالُک
خاص تذکرٕ کرنہٕ۔ اما پوز تہندِس ہچہٕ بابہٕ ابوطالب صابس کُن چھِ کینہہ قصیدہٕ
منسوب کرنہٕ یوان، یمن منز تہُند تذکرٕ میلان چھُ۔ ابوطالب چھُ یمن قصیدن
منز یہ باوان زِ تمس چھُ پننِس باپتھرس پیٹھ ناز زِ سُہ کرِ اُمی سٕنز راچھ راوکھ
بامے تمس کیاہ تہٕ پییہ برداشت کرُن۔ اُمی قسمُک اکھ قصیدٕ چھُ آنحضورن
ہندِس بییہ اُکس ہچہٕ بابس یعنے حضرت حمزہسؓ کُن منسوب کرنہٕ یوان۔ دپان
یہ قصیدٕ وۆن تمۆ تمہٕ وِزِ ییلہِ تمو اسلام قبول کوٚر۔ اَتھ منز چھُ سُہ پننِس باپتھر
ہندِس نبی آسنس پیٹھ توشان تہٕ یہ کتھ دٔراوان زِ ہاشمی خاندان کرِ تہنز حفاظت۔
ہرگاہ اُمہِ قصیدُک تہٕ ابوطالب صابنین قصیدن ہُند اصلی موضوع فخر چھُ
مگر یمن منز چھُے آنحضرتﷺ ہندِ مدحچ پرٕ لوٚ تہٕ نظر گژھان۔ اَدٕکنہٕ ہیکن یم
حضورنﷺ ہندِ مدحچ گوڈنچہِ کوشش ماننہٕ یتھ۔ مثالہٕ پأٹھۍ چھُ ابوطالب صابس
کُن یم شعر منسوب یمن منز چھُ سُہ آنحضرتﷺ کُن مخاطب ییتھ ونان:۔

ودعوتنی وزعمت انك ناصحی ولقد صدقت وکنت ثَمّ امینا

وعرضت دینا لا محالة أنه     من خیر أدیان البریة دینا

لولا الملامة أو حذار مسبة     لوجدتنی سمحا بذاك مبینا

ترجمہ :- اے بیانہٕ باپتھٕر ! ژٕ تے دِژتھ مے اسلامچ دعوت تہٕ ژٕ تے کوٚرتھ خیال زِ ژٕ چھکھ میون رُت کانٛچھن وول۔ ژٕ نے سوٗچ چھُ صحیح تہٕ ژٕ چھکھ امانت دار۔

- ژٕ نے کوٚرتھ اکھ تنٛبیہ دِتھ یُس بے شک پاٹھۍ مخلوقن ہند لۆکام دینو منٛز بہترین دین چھُ۔
- ہرگاہ مے لۆکن ہنٛدِ طرفٕ تنقیدُک تہٕ ملامتُک ہیٚبتھ آسہے تہٕ ژٕ وُچھہک زِ بہ آسہ ہا یہ دین قبول کرنس منٛز سخی تہٕ فیاض۔

ذکر کرنہٕ آمتیو یمو قصیدو علاوٕ آو نہٕ آنحضورنٛ ﷺ ہنٛدِس مکی دورس منٛز بیٚیہ کانٛہہ خاص قصیدٕ ونہٕ۔ یہ کتھ گٔیہ چھپنہٕ زانان زِ مکہ شریفس منٛز اوس اسلام سیٹھاہ کٔرۍ ہیٹھۍ مرحلہٕ طے کران۔ تتھ آزمائشی دورس منٛز ونہٕ آمٕت مدحِ رسول ﷺ پیٹھ مشتمل سوٗرے کلام رٔژھرتھ نہٕ ہیکنہٕ یمکو وجوہات چھِ قابلِ فہم۔ تتھ دورس منٛز یمو کم کینٛژھ لۆکو ایمان اوٚن تم تہٕ آسۍ بیٚنہٕ پنٛنس سماجس منٛز تختۂ مشق بنان۔ کٔفر آسۍ مسلمانن کُن دلہٕ وُچھان تہٕ تہنٛز کوشش آس زِ تم ژٕ ہِتھن نوٗرِ خدالے ژھیٚپو رٲوِتھے مگر اللہ تعالیٰ ہس اوس نہٕ منظوٗر۔ اَتھ لۆژُک مرحلس منٛز آس واقعاً ژھوٚہ یہ رٕہ یہ ہیشٕرٕ۔ اَدٕ کٕنہٕ رُوٗدۍ مسلمان خاموشی سان دیٖنچ دعوت پیش کرنس ستی زیادٕہ آدرٕ۔

ابتدائی دورس منٛز آسۍ مکۍ قریش عام پاٹھۍ اسلامس کھٔنس بیٹھۍ۔ مگر اللہ تعالیٰ ہن دِیُت مدینہٕ کِین لۆکن سٕلٕگرِ یہ توفیق زِ تم کرن اَتھ برکتس ؤٲنٛس پیغامس یکدم دِلس منٛز جاے۔ مدینہٕ بنیوو اسلامُک مرکز۔ خدا صابن سوٗز پیٚنہٕ نٔبی ﷺ کُن یہ شیٚچھ زِ پنٛنُن وطن تہٕ گھر بار ترٲوِتھ واتن تم مدینس اندر تہٕ اتہٕ کرن پنٛنہٕ مشنُک صدر دفتر قایم۔ مدینہٕ کیو لۆکو کوٚر تمن وُرژھِ وانٛجھ استقبال۔ تہنٛدِ خاطرٕ آس یہ اکھ بڈٕ بارٕ عید۔ مدینکۍ شُرۍ کیٚو بڈۍ آسۍ خوشیہ مناوان۔

کورلو کور رؤف تمن تونگ یمہ آیہ مدحِ رسولس دس ٹٹن۔

طَلَعَ البَدرُ عَلَینا | مِن ثَنیاتِ الوداع
وجب الشُکرُ عَلَینا | مادعا لِلّٰہ داع
اَیُّھا المبعوثُ فینا | جئت بالامرُالمطاع

ترجمہ :- • وداع ناوکہِ بالہٕ تھوٚنگہِ پیٹھہٕ آو اَسہ کُن یہ ٹھلہٕ ژٔندر (یعنی رسول کریمؐ) بنِتھ جلوٕ ہاوان۔

• اَسہ پزِ خدا صابن شُکر کرُن تکیازِ اُمی دعوت دِنہٕ والی دیُت اَسہِ کُنس خدایس کُن عرفانُک دعوت۔

• اے اَسہ کُن سوزنہٕ آمتہٕ شانہٕ بڈِ پیغمبر! چانہٕ ڈٲسی پیش سپدن وٲلِس حُکمس پیٚیہ پزِنہٕ پاٹھۍ تعمیل کرٕنۍ۔

باسان چھُ زِ نعتہٕ گوڈ نیوُ شعروِستی آنحضرتؐ ہندِ مدحُک پزرلوٗن زمانہٕ پزِنہٕ پاٹھۍ شروٗع۔ مدینس کُن ہجرتہٕ پتہٕ آو اسلامُک شاندار تواریخ وجودس۔ اَتہٕ کٔر اللہ تعالیٰ ہن اسلامس سیٹھاہ بڈ یآری۔ یہ سوُرے شہر پٔرزلیو اسلامہٕ کہِ نوٗرہٕ ستی۔ مسلمان آسی نبیؐ یس اَندی اَندی زن گنڈ کران۔ مدینس منز آسی زٕ بڈی قبیلہٕ اَکس آسی اَوس وَنان تہٕ بیٚیس آسی خزرج وَنان۔ تِم آسی پانہٕ وٲنۍ ژٔنس رکھ کران۔ مگر مسلمان بننہٕ پتہٕ سپُد تمن نمکُ تہٕ ماژُک ہیوٗ میٚل۔

مدینس منز اسلامُک یہ وۄدتھ چار کتہٕ پیہ ہا دُشمنن پزروُنہٕ۔ لہٰذا رُوٗدی ملکی کاٗرٕ مدینس اَندی ٹیکھ تہٕ مقامی یہوٗدین ستی یکہ وٕٹہ سٲزِش کران۔ تِمو کٔر مسلمانن خلاف تلوار تہٕ نیزٕ استعمال مگر خجل خاری تہٕ پسپائی سِوا یے میوٗ لگھ نہٕ کینہہ۔ اَمہ ستی میوٗل تِہندین انتقامی جذبن وُتش تہٕ تِہندیو شاعرو کھوٗجہ مسلمانن تہٕ آنحضرتؐ خلاف زلوٕ تہٕ وُنکھ تِہندی ہجو۔ یہ بے بنیاد پروپیگنڈا ہیکہ ہا اسلامس سیٹھاہ زکھ واتہٕ نٲوِتھ تکیازِ شعر آسی عربن ہندین دِلن منز سیٹھا گژھان۔ مشہوٗر مستشرق ( R.A NICHOLSON ) چھُ اسلامہٕ برونٹھِمن عرب شاعرن ہنز اہمیت ییتھ کٔنی باوان۔

EVERY TRIBE HAD ITS POETS WHO FREELY UTTERED WHAT THEY FELT AND THOUGHT. THEIR UNWRITTEN WORDS FLEW ACROSS THE DESERT FASTER THAN ARROWS AND CAME HOME TO THE HEARTS AND BOSOMS OF THOSE WHO HEARD THEM.

A LITERARY HISTORY OF ARABS: P. 73

کاُفرو ییلہِ مسلمانن خلاف شاعری ہندِ ذریعہِ تہٕ اَمہِ قسمُک جنگ شروٗع کوٗر تام لوگ آنحضرتوٚ ﷺ بیٚنہٕ خاص بصیرتہٕ ہِتۍ اَمہِ قسمچہِ غلط شاعری ہندِ ناکارہ اثرُک انداز۔ تِموٚ دِژ فرٛلِ وٚلہِ مُسلمانن ژیٚنہٕ وَن تہٕ وَنٛہِکھ" یِموٚ لوٚکو خُدایس تہٕ تٔہندس پیغمبرس پیٚنہٕ نوٚ ہتھیارٕ وسۍ مدد کوٚر تِم کیازِ چھیٚنہٕ پیٚنہٕ نوٚ زیوٕ سۍ تہٕ تِمن مدد کران"۔ یہِ نبوتُک اشارٕ لٔبتھے درایہِ حسان بن ثابت کعب بن مالک تہٕ عبداللہ بن رواحہ شعرٕ مادانس کُن تہٕ کٔرکھ شاعری ہنزِ تلوارٕ وسۍ تہٕ اسلامچ راچھراوٕ یِم شاعرٕ اُسی پیٚنہٕ نوٚ شعرٕ وسۍ دشمن ہندِ اَسن ٹھوٚپ دِنہٕ علاوٕ اسلامچ فضیلت تہٕ آنحضرتن ﷺ ہُند ہُنز تہٕ بجرنہٕ وتہٕ ہناوان۔ یتھٕ کٔنۍ آو عربی ادبس منز آنحضرتن ﷺ ہُند مدح باضابطہٕ پاٹھۍ بارسس اَمہِ پیٚتہٕ ہاوی شاعرٕ داتھ مدحس منز نوٚ ی نوٚی رنگ تہٕ نوٚی نوٚی طرح۔

عہدِ رسالت کین یَن ترٛن ہم عصر شاعرن متعلق چھُ اَکس دوٚن کنھن کُن ضمنی اشارٕ کرُن پیٚتہٕ لٔس مُفید تہٕ دلچسپ باسان۔ تکیازِ تِموٚ سۍ چھِ اسلامس منز شاعری ہندس مقصدیتس تہٕ اہمیتس بلیغ پاٹھۍ باوتھ سپدان۔ مثلاً یہِ کتھ یتھ رِوایت علامہ ابن اسحاق حضرت تمیم داری ہندِس غلام ابوالحسن سُند حوالہ دِتھ یتھ پاٹھۍ کران چھِ زِ ییلہِ "وَالشُّعَرَآءُ يَتَّبِعُهُمُ الْغَاوُن" (ترجمہ: شاعرن ہنز پیروی چھِ تِم کران یِم گمراہ چھِ) آیت نازل سپُدٕ تہٕ اصحابن اَمِچ خبر لٔج تام آیہِ حضرت کعب بن مالک، حضرت حسان بن ثابت بییہ حضرت عبداللہ بن رواحہ حضورن ہنزِس خدمتس منز دوان تہٕ کوٚرکھ عرض "یارسول اللہ

یمہِ وقتہٕ اللہ تعالیٰ ہن یہ آیت نازل کوٚرمُت اوس بخوٗبی یتہٕ زانان زِ اُسی تِہنٛدی فِدوی تہٕ چھِ شاعرؐ" حضورؐ دیُت تمن دِلاسہ تہٕ فرموٗوکھ تِہُند چھوٚ نہٕ تمن شاعرن منٛز شامِل یمن ہنٛز نشاندہی اَتھ آیتس منٛز سپٕز مٕژ چھےٚ بلکہ چھُوٚ تِہنٛد تمن شاعرن منٛز شامِل یِمن ہنٛز نشاندہی اَمہِ پتہٕ کِس آیتس منٛز یتھ پٲٹھۍ سپٕز مٕژ چھےٚ "اِلَّا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَذَکَرُوا اللّٰہَ کَثِیْرًا" ترجمہ:۔ (اما پوٚز تِمن لُکن (شاعرن) ہنٛز کتھ چھےٚ بدل یِمو ایمان اَنُتھ تہٕ نیک عمل کٔرِتھ اللہ تعالیٰ بکثرت یاد کوٚر)

بیٚیہِ اکہِ دٕتہٕ کوٚر حضرت کعبن حضورنٛ التماس "یارسول اللہؐ شعرو نَنس متعلق کیا حُکم چھُ تُہنٛد خیال؟ حضورؐ فرموٗوُس درجواب "شعرو نَنس چھُنہٕ کانٛہہ کھاک، اکھ مسلمان چھُ تلوارِ ستۍ بیٚیہِ زیٚوِ ستۍ یعنے یِمو دٕشوٕیو ستۍ جہاد کران"

حیات اقدسس دوران دربار رسالتس ستۍ وابستہٕ روزن والیو یِمو شاعرو کٔر مدحِ رسول کٔرِتھ بالمشافہ پٲٹھۍ آنحضورنٛ ہنٛز خوشنودی حاصل۔ پتہٕ ییلہِ آنحضرتؐ عالمِ عقباہس کُن منتقل پیٚو مسلمانن ہنٛدِ خاطرٕ اوس تِہنٛد فراق سٮ۪ٹھاہ کرٕدٕکھ۔ تِہنٛدِ غمہٕ کِنہِ جذبن لوٗگ وُتشہ تہٕ تِمو وٕنہٕ کیٚہنہ مرثی یِمن منٛز شاعرو تِہنٛدِ فراقُک دوٚد باونہٕ علاوٕ تِہنٛز خوٗبیہ تہٕ ہُرٕر بیٚیہِ فضیلژ تہٕ برکژ وِرژھناونٕچ کوٗشش تہٕ کٔر۔ یِتھہٕ کٕنۍ سپُد عربی ادبس منٛز آنحضرتنٛ ہنٛدِ مدحُک اکھ قٲبلِ قدر ذخیرٕ جمع۔ یِم مدح چھِ عام پٲٹھۍ قصیدن تہٕ شعر صِنفن منٛز درگہ پٲٹھۍ۔ وونۍ زن گوو کیٚہنہ قصیدٕ تہٕ نظمہٕ آیہِ ترتیبہٕ دِنہٕ یِمن منٛز خالص حضورنٛ ہُند تذکرٕ میلان چھُ۔ مدحکۍ یِم مختلف نمونہٕ ہیٚکن اسلوبہٕ کِنۍ ژۄرن صوٗرژن منٛز باگرنہٕ یِتھ۔

۱. تقلیدی مدح

۲. فخریہ مدح (فخر کِنہِ قصیدن منٛز)

۳. مرثیہ مدح (مرثیہ کِنہِ قصیدن منٛز)

۴. سیدٕ سیوٚد مدح۔

بوہٕ کرٕ بیٚیہ یِمن سارِنۍ شکلن ہنٛز مثالو ستۍ وِرژھنے کرٕنہٕ۔

ا۔ تقلیدی مدح :۔ آنحضرتنٛ ہندِس زمانس منٛز وٗنی واریاہ شاعرو رِوایتی اندازس منٛز قصیدٕ۔ یم قصیدٕ آسی جاہلی رسمہ موٗجُب غزل یا تشبیبہٕ سٟتی شروٗع گژھان۔ یتہٕ اوس شاعر اوٗنٹن، صحرا یا باقی نظارن ہند وصف بیان کرِتھ دشمن سُند ہجو یا پننہٕ قومُک یا خاندانُک فخر بیٚیش کران۔ چھیکرس اوس سُہ ممدوح۔ سُند تذکرٕ کران۔ حسان بن ثابتنٛ ؓ چھِتھی واریاہ قصیدٕ موٗجوٗد۔ یہ کتھ چھےٚ بیٚنتھ ضمناً عرض زِ حسان بن ثابت ؓ آسی انصارو منٛز تہٕ آسی آنحضرتنٛ ہندیو بڑیو صحابو منٛز اوسٕ۔ تم چھِ آنحضرتنٛ ہندی گوڈنِکی شاعر مانِنہٕ یوان۔ حضورؐ آسی تمن ہمیشہ شاباش کران تہٕ ونان "اے حسان ژٕ دِ بدزبانن میانہِ طرفہٕ جواب، اے خدایہٕ حضرت جبرئیل سٟتی ذریعہ کرٕہس مدد" [ اُجب عنّی اللّٰھُمّ اُیّدہ بروح القدس ]۔ حضرت حسانُن اکھ مشہوٗر قصیدٕ چھُ یتھ کٕنی شروٗع گژھان۔

عفت ذات الأصابع فالجواءُ

الیٰ عذراءَ منزلُھا خلاءُ

اُمہٕ قصیدُک اصل غرض چھُ مشرکن ہنٛز مذمت کرٕنی تہٕ حضورنٛ ہندی تعریف کرٕنی۔ ابوسفیانن اوس فتح سیدہٕ برونٛہہ پننین شعرن منٛز آنحضرتنٛ سُند ہجو کوٗرمُت۔ حضرت حسان چھُ تمس اتھ بیٚتھ جواب دِوان :

هجوتَ محمّداً فأجبتُ عنه — وَعندَ اللهِ فی ذاكَ الجزاءُ

أتهجوه ولست له بكفءٍ — فشرُّكما لخيرِكما الفداءُ

هجوتَ مبارکاً براً حنيفاً — أمينَ اللهِ شيمتُهُ الوفاءُ

فمن يهجو رسولَ اللهِ منكم — وَيمدحه وَينصره سَواءُ

فإنّ أبي ووالدَهُ وعرضي — لعرضِ محمّدٍ منكم وقاءُ

لسانی صارمٌ لاعيبَ فيه — وَبحری لاتكدّره الدلاءُ

• اے ابوسفیانہٕ ژےٚ کرِتھ حضورنٛ متعلق بدکلامی تہٕ مےٚ دیُتمےٚ جواب اَمیُک بدلہٕ میلہِ مےٚ خدایس نِشہٕ۔

- ژٕرے وُنی تھا تمہٕ ہندی ہجو ییمِس لِتہٕ نہٕ ژٕرے کانٛہہ حیثیت چھے۔ سون دُعا چھُہ زِ توہہ دوییو منٛزِ یُس اکھ بد چھُ سُہ اُہن نیک اُکس پیٹھ قدا۔
- ژٕرے وُتِھ اُکس برکتہٕ واٚلِس، نیک تہٕ خدا پرست النسان ہٕنٛز ہجو، یُس خدایہ سُند امانت دار چھُ تہٕ ییمہ سٕنٛز خصلت وفاداری چھے۔
- توہہ منٛزِ یُس آنحضرتؐ سُند ہجو وَنہٕ (تمہٕ سِتؠ بیلیہٕ تہٕ تہٕندِس ذاتس پیٹھ کانٛہہ فرق)۔ یتھ کنؠ تہٕ تمن کانٛسہٕ ہندِ بلزہٕ تہٕ مدح کرنہٕ سِتؠ کانٛہہ سوچھ واتہٕ (تکیازِ خدا چھُ تمن پانہٕ مددگار)
- میانٛی آبا و اجداد تہٕ میون حسب و نسب چھُ آنحضرتؐ ہندِس عِزتس تہٕ شرفس باوتھ کرِتھ توہہ بدزبانن ہندِ شرٕ نِشہٕ راچھ کران۔
- میانٛی زٔو چھے ایزس وِچھ ژٕٹن واجنی تلوار تہٕ اَتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ عاب۔ میانِس کلامہٕ سوٚدرس ہیکن نہٕ بدزبانن ہندی آبہٕ ملرٕ گرُٹھ بناوِتھ۔ غالباً چھُ شاعر یتھ آخری شعرس منٛز سوٚدرٕ وُتھ آنحضرتؐ ہندِس ذکرِ خیرس کُن اشارٕ کران۔

ردائی قصیدُک بیاکھ نمونہٕ چھُ کعبؓ بن زہیرُن مشہور "لامیہ قصیدہ" یتھ قصیدہ بُردہ تہٕ ونان چھِ تکیازِ آنحضورؐ کٔرِ یم قصید بوزنہٕ پتہٕ حضرت کعبس پننٛی ردائے مبارک (ژادر) عنایت۔ کعب اوس مکہ مکرمہ فتح سپدان برونٛٹھ مسلمانن ہُند سخت دُشمن۔ یہٕ دشمنی ورتاوِ تمؠ پننؠن شعرن منٛز تہٕ اَمہِ کنؠ آو سُہ واجب القتل قرار دِنہٕ۔ پتہٕ لٔس بأے ہٕندِس مشورس پیٹھ اوٚن تمؠ طائف کہ غزوہ پتہٕ حضورنؐ ہندِس دربارس منٛز یتھ ایمان۔ حضورؐ کوٚر تہٕند جرم معاف۔ اَتھ موقعس پیٹھ کوٚر تمؠ اکھ قصید پیش ییمیک وُنی تذکرٕ کرنہٕ آو۔ اَمہِ قصیدُک گوڈٕ شعر چھُ یتھ کنؠ:

بانت سعاد فقلبی الیوم متبول — متیم اثرها لم یجز مکبول

اَمہِ قصیدکِس آخرس پیٹھ چھُ کعب پننٛی صفائی پیش کرِتھ حضورنؐ تہٕ

مہاجرن ہُند مدح کران تہٕ ونان

اُنبئت اَنّ رسول اللّٰہ اَوعدنی
والعفوُ عِندَ رسول اللّٰہ مأمُول
مہلاً ھداک الّذی اعطاک نافلۃَ ال
قرآن فیہا مواعیظُ وتفصیلُ
لاتأخُذنّی باقوال الوُشاۃِ ولم
اُذنب، ولوکثرت فیّ الاَقاویلُ
اِنّ الرّسول لنورٌ یستضاءُ بہ
مُھنّدٌ مِنْ سُیُوفِ اللّٰہ مسلُولُ

ترجمہ: • مےٚ آو وننہٕ زِ حضرتوٚ چھےٚ مےٚ دھمکی دِژمٕژ حالانکہ (بہ چھُس وچھان زِ) تِمن نِشہٕ چھےٚ ہمیشہ معافی ہنز وومید آسان۔

• (اے حضورؐ) ٹھہرِو حضٕ سو ذات کرِو نو حضٕ تو ہہ رہنمائی، یمیٚ تو ہہ قرآنچ نعمت عطا کٔرنو یتھ منٛز نصیحت تہٕ (خدایہ سندین) حکمن ہنز وِرٛتھنے چھےٚ۔

• (اے حضرت نبیؐ) چوغلی کھینہٕ والین ہنٛزن کتھن پیٹھ مہ حضٕ رٹو مےٚ۔ یوٚزےٚ بوٗزِو مےٚ چھُنہٕ کانہہ جرُم کوٚرمُت اگرچہ مےٚ متعلق وارِیاہ کتھہ کرنہٕ چھِ یوان۔

• رسول کریمؐ چھِ اکھ نور یمہٕ سِتۍ ژٕہ پارِ گہہ چھُ ہیوان۔ تِم چھِ (ظُلمس تہٕ کُفرس خلاف) اللّٰہ تعالیٰ ہنز اکھ ہندی تلوار یوسہٕ غلافہٕ رٛوٚس چھےٚ۔ آخری شعرس متعلق چھُ یہ ونُن ضروٗری زِ یِمہٕ زمانس منٛز اُس ملک ہندچ تلوار بہتر کالٹی ہنز مانہٕ یِوان۔

۲، فخریہ مدح:۔

کُفرس خلاف جہاد کرنس دوران آسۍ مُسلمان شاعر کافِرن پیٹھ نفسیاتی دباو تراونہٕ خاطرِ فخریہ تہٕ حماسیہ شکلِ منٛز شعر ونان۔ یہ اُس اکھ حکمتِ

عملی۔ شاعر آسی مسلمانن ہندِ روعبکی تہٕ دبدبکی باُتھ گیوان تہٕ ییتی پتٕ آسی آنحضرتؐ
ہنز بہادری تہٕ تہنزن باقی خوبین ہُند تذکرٕ تہٕ کران اَمہٕ قسمُک اکھ قصید
چھُ حضرت کعب رضؓ بن مالکن ییتھ کٕنی شروع کوٗرمُت۔

قفینا من تہامۃ کل ریب ۔۔۔ وخیبر ثم اجمعنا السیوفا

• تہامہ تہٕ خیبر حوٚ جایو کاسی اَسہِ (کفرکۍ تہٕ شرکۍ) ساری شکٕ اَمہٕ پتہٕ کٔر
اَسہِ تلوار جمع۔

یہ کیتھ پھٔلے ونہٕ لٔس لایق زٕ حضرت کعب آسی آنحضرتؐ ہندی خاص صحابی۔
تم آسی حضرت حسان رضؓ بن ثابتس پتہٕ آنحضرتؐ ہندی دوٚیم شاعر مانہٕ یوان۔
ییلہِ مسلمان جنگِ طائفس کُن درائے۔ کعب بن مالکن وون اکھ قصید یُمیُک
وِنی تذکرٕ کرنہٕ آو۔ سُہ چھُ طایفکین لوٗکن اسلام قبوٗل کرنُک مشورٕ دِوان تہٕ
یتی پتٕ چھُکھ مسلمانن ہندِ طاقتُک ہاُتھ تہٕ ترٛاوان۔ اَتھی قصیدس منز چھُ
سُہ حضورنؐ ہُند تذکرٕ ییتھ کٕنی کران۔

رئیسھم النبی وکان صلبًا ۔۔۔ نقی القلب مصطبرا عزوفا
رشید الأمر ذا حکم وعلم ۔۔۔ وحلم لم یکن نزقا خفیفا
نطیع نبینا ونطیع ربًا ۔۔۔ ھو الرحمٰن کان بنا رؤوفا

ترجمہ:۔ اتھ (مسلمانن ہندِس پرشوکت لشکرس) چھُ یانہٕ حضرت
نبیؐ سردار۔ تم چھِ کاُزن پیٹھ سیٹھاہ ڈری، تم چھِ پاک دل،
صبر واَلی تہٕ سیٹھاہ سنجید مزاز واَلی۔
• تہُند پرتھ معاملہ چھُ سنزِس پیٹھ قایم، تم چھِ گاٹلہِ تہٕ علمہٕ واَلی،
بیٚیہ چھِ تم بُرد بار، نہٕ چھِ تم طیشس یوان لاینہٕ تہٕ نہٕ چھکھ لوٗزر۔
• اَسی یکوٚ ینہٕ نٔس نبی یُس یتہٕ یتہٕ، بیٚیہ کرو یتہٕ نٔس پروردگارس سنز اطاعت
سُہ چھُ رحم کرن وول تہٕ اَسہِ پیٹھ چھُ سیٹھاہ شفیق۔

غزوہ خندقس منز پیوٚ مسلمانن سیٹھاہ ہیکُن۔ یہ جنگ لوٗڈ
مسلمانو مدینہٕ ہسے منزٕ روٗزتھ۔ آنحضرتؐ ہنز رہنمائی منز کھٔنی مسلمانو شہرس

شمالہ کنہٕ اکھ سٕرنٛز کھے (خندق)۔ کافرو دہ نقریباً اکس رتس امہ کھیہِ اپار ڈیر ترأوِتھ مگر پوتس کرٕکھ خُداصابن جھلہٕ ڈٕہر۔ امہِ جنگہِ پیٹھ ڈیٖزِ اکہِ کافر شاعرن، یُس ضرار بن خطاب ناو اوس، مسلمانن پامہ زِتموتھاو مسلمان اکس رتس ولہٕ پاٹھی اڈرۍ۔ تہٕ ہرگاہ کھے بُتھِ آسہا نہٕ تمو (کافرو) آسہن مسلمان نعوذ باللہ ختمے ژھٕنی میٗتی کرٕتھ.

کعب رضؓ بن مالک چھُ امس کافرس اکس قصیدس منٛز جواب دِوان تہٕ ونان

| | |
|---|---|
| صَبَرنالاَ نرىٰ لِلّٰہِ عدلاً | علیٰ ماناںبنا متوکّلین |
| وکان لنا النبی وزیر صدقٍ | بہ نعلوالبریۃ اُجمعینا |

ترجمہ:۔ • یہ کینٛہ ہا اسہ پیش آو، خُداصابن ستھ ہیتھ کوٗر اسہِ تتھ پیٹھ صبر۔ اسہ چھُنہٕ خُداصابس ہیوٗ کانہہ باسان۔

• حضرت نبی چھُ سون پزٕ پور مشورٕ دِنہٕ وول تہٕ وتہٕ ہاونٕک تہندی حُکم پالتھ کرو اسی سارنٕے مخلوقن پیٹھ فخر حاصل۔

غرض مسلمانن اُس خداصابنہ مدتیچ آش تہٕ وومید۔ بیٚیہ اوسُک اکھ گاٹُل ونٕہ ہاونٕک یتھ یتی اُدکنہٕ اوس نہٕ تمن کانہہ پرولے۔ دویمس شعرس منٛز چھُ شاعر آنحضرتؐ ہنٛز جنگی حکمت عملی کُن اشارہ کران۔ امہِ پیٹھ چھُ حضرت کعب رضؓ مسلمانن ہنٛز بہادری تہٕ تہندِ روعبہٕ تہٕ دبدبُک نقشہ پیش کرِتھ منٛز ونان:

| | |
|---|---|
| لننصرَاحمدَ اَوَاللہ حتّی | نکون عباد صدقٍ مخلصینا |

(مسلمانن ہنٛز سرگرمی چھےٚ امہِ موجب) تاکہ اسی کرو اللہ تعالیٰ ہس تہٕ آنحضرتؐ مدد۔ تیٚلی بنو اسی پزٕ کنہٕ خدایہٕ سند مخلص بندہ بنتھ خدایی مدد کہ حقدار۔

موختصر پاٹھی چھُ یہ عرض زِ فخرہ کین قصیدن منٛز۔ اوس شاعر موقعہ میلہٕ تھےٚ پیٹھ نس رہبر سُند تذکرہ کران تہٕ دشمنن برونٛہہ کنہٕ تہنٛز شانہٕ بڑرتہٕ تنبیہہ (اپیج) پیش کران تاکہ کافر گژھن اسلامس کُن مائل۔

۳، مرثیہ مدح:۔ آنحضرتؐ ہندِ انتقال پیٹھ وُنی واریاہو صحابیو تہندس ذاتس منٛز قصیدہ یمن منٛز غم تہٕ دُکھ باونہٕ علاوہ یلہٕ پاٹھی تہندی تعریف

کرنہ آے ۔ مثالہ پأٹھۍ چھ حضرت ابوسُفیانؓ بن حرب اکھ ژُتھ قصیدہ یتھ کِنۍ
شروٗع کران:

أرقتُ وَباتَ لیلی لایزولُ — وَلیلُ أخی المُصیبۃِ فیہ طول

منے گیٔ ینندر کامن تہٕ میأنۍ راتھ سوریہ نہ ۔ پوز گو وہ یہ زِ مصیبت زدہ
ہنز راتھ چھ زیٹھ آسان ۔

یہ مصیبت کیاہ اوس؟ یہ اوس نبیؐ پاکن ہُند دنیا ترأوُن ۔
اَیِہ باوتھ چھُ ابوسفیانؓ سیٹھاہ پُراثر اندازس منز کران ۔ مسلمانن چھو وحی ہُند
سلسلہ ژھینہ نس پیٹھ سیٹھاہ افسوس ۔ تمن چھنہٕ کانہہ اَتھ وَتھ لبان ۔ ابوسفیان
چھُ سیٹھاہ واویلا کران تہٕ چھ آنحضرتؐ ہندی احسان یاد کران تہٕ ونان:

أصبنا بالنبی وَقد رَزانا — مُصیبتُنا فمحملہا ثقیل

نبیٌ کان یجلو الشکّ عنّا — بما یوحی إلیہ وما یقولُ

ویھدینا فلا نخشی ضلالاً — علینا والرسول لنا دلیلُ

فلم نر مثلہ فی الناس حیا — ولیس لہٗ من الموتی عدیلُ

ترجمہ:
• نبی پاکنؐ دنیا ترأونہ ستۍ ووت اَسہ مصیبت ۔ اَسہ دِژ دود
اَتھ مصیبتس نکھ مگر یہ بار وترأوُن چھُ مُشکل ۔
• سُہ عظیم نبی یُس تمہ ستۍ ساٹۍ شک کاسان اوس ۔ یہ کینژھا
تس کُن وحی پیدان اوس تہٕ یہ کینژھا سُہ زبانِ رسالتہٕ ستۍ
پانہ فرماوان اوس ۔
• سُہ اوس اَسہ ہینز وَتھ ہاوان ۔ اَوکِنۍ اوسنہ اَسہ وَتھ راونک
کانہہ اندیشہ آسان ۔ حضرت رسولؐ اکرم اوس ناسون مُرشد ۔
• اَسہ وُچھنہٕ لوکن منز تمن ہش کانہہ زِندٕ شخصیت ۔ نہ چھُ توتُک
جام چینہٕ والین منز تمن برابر کانہہ نظر گژھان ۔

اَتھ قصیدس منز چھُ ابوسفیانؓ حضرت فاطمہؓس تعزیت کرتھ تس
کُن ونان:

وقولی فی أبیكِ ولا تملی ۔۔۔ وَهَل یَجزی بفعلِ أبیكِ قبلُ
فقبرُ أبیكِ سیدُ كُلّ قبرٍ ۔۔۔ وفیه سَیّدُ النّاس الرسولُ
صلاة الله من رب رحیم ۔۔۔ علیه لا تحول ولا تزولُ

ترجمہ :۔ • اے فاطمہؓ پننس بابہ صابس متعلق روزِ ژ اینکیہ نہٕ ژر تھکہٕ ورٲے گنزران ۔ (اگر پوٚز گوو بی زِ) تہنزٕ نیک کامہٕ کیتھٕ ہیکو گزنرِ منزٕ تہٕ باوٕ ژ شرانہِ ۔
• چانس بابہٕ صابٕن روضہٕ مبارک چھُ تمام قبرن ہُند سردار تہٕ تتھ منزٕ چھِ لوکن ہُند سردار حضرت رسولؐ تشریف تھاوِتھ ۔
• تمن پیٹھ آسن عالم رٕچھن واٲلس تہٕ رحم کرن واٲلس خُدایہٕ ہندِ طرفہٕ لچھِ بٔزٕ سلامہٕ ۔ یمہٕ سلامہٕ روٗزن تمن پیٹھ برابر جاری تہٕ یمن منزٕ یٖن کانٛہہ سوزر ۔ آمین ۔

۴ ۔ سیدٕ سیوٚد مدح : آنحضرتنٛ ہندی صحابی آسی تہند لولہٕ تہٕ عقیدتہٕ سٟتی سرشار ۔ منزٕ کانٛہہ اوس کانٛہہ صحابی تیوٚت بیتاب سپدان زِ شاعری ہندی رسم تہٕ رواج اذک طرف ترٲوِتھ اوس سُہ تہندِس شانس منزٕ پننی شعر ڈالی پیش کران تہٕ پانس تسکین دِوان ۔ یتھین نظمن تہٕ قصیدن منزٕ چھُ نبی صابٕن تذکرہ بیدٕ سیوٚد میلان ۔ یوٚہٕ کنہٕ چھِ یتھ کیتھہ نموٗنہٕ پیش کرنہٕ یوان ۔
آنحضرتن ہندی چچہ بابہ حضرت عباس صابس کُن چھُ اَمہِ نوٗ ترٲیہٕ ہُند اکھ قصیدہ منسوٗب ۔ یتھ منزٕ زن آنحضرتؐ ہندِ مدحک نوٚوے انہار دریٖنٛٹھ چھِ گژھان ۔ شاعر چھُ ونان زِ حضورؐ چھُ اکھ تیُتھ نوٗر یُس حضرت آدمؑ، حضرت نوحؑ، حضرت ابراہیمؑ تہٕ بیٚیہ وارہٕ پاکباز صاحبن ہُندین پُشتن منزٕ منتقل گژھان رُود ۔ حضرت عباسؓ چھِ اتھ نوٗرس کُن ونان ۔

من قبلها طبتَ فی الظلال وفی ۔۔۔ مُستودعٍ حیثُ یُخصفُ الورق

تا

فنحنُ فی ذالك الضیاء وفی النو ۔۔۔ ر وسُبُل الرّشاد نخترق

(اَتھ شعرٕ) ترجمہٕ تہٕ مفہوم:

- (اے نورِ نبی) ییمہِ عالمہٕ برونٹھٕ اوسکھ ژٕ (آدمس سٟتۍ سٟتۍ) جنتہٕ کین شیٖہجارن تل سوکھ سان روزان۔ ییہِ اوسکھ ژٕ جنتچہِ تتھ جایہٕ تہٕ حاضر ییتہٕ ننگہٕ پانن ییتہٕ ڈھروسٟتۍ وَلُت کرنہٕ یوان اوس۔
- ییتہٕ دوٚنھک ژٕ ییتھ دُنیاہس کُن تیٚلہٕ نہٕ اوسکھ ژٕ بشر ہندس حُلیس منز تہٕ نہٕ اوسکھ ماذیا خوٚتہٕ لوکھ ہنز شکلہِ منز۔
- بلکہ اوسکھ ژٕ اکِہ مبارک قطرٕچہِ حالتس منز یُس (اکِہ زمانہ حضرت نوحؑ سٟتۍ) ناوِ کھوٚت ییلہِ 'نسر' ناوکس بُتس آبن تھٕ کرِتہٕ کافر پھٹۍ آبس۔
- ژٕ روٗدکھ برابر مُبارک پُشتو کنہٕ مُبارک رحمن کُن منتقل گژھان۔ اکھ عالم اوس سوران تہٕ بیاکھ پیٚ آس بارسس یوان۔
- حضرت ابراہیمؑ سُند نار آو (خاصیتہٕ کنہٕ) بدلاونہٕ۔ تہندِس پُشتس منز اوسکھ ژٕ گُپتھ لہاذا کِتھ کنہٕ دزِہن تم۔
- (یہٕ سلسلہٕ روٗد برونٹھ پکان) یوٚتتھ تانی چانِس محفوظ گرس اندٕ اندٕ بھٕدٕ بھٕدٕ تھم جمع گۍ یمن لرِ اکھ کیتھ کرِوُن گاش وجوٗدس منز آو۔
- (اے حضرت نبیؐ) ییلہِ حضہ تہٕ ژاہ زمین حض گۍ روشن تہٕ تہندِ نوٗرٕ سٟتۍ حض پرٕ زلیہٕ اُفق۔
- اَسۍ چھِ تتھی گاہس تہٕ نوٗرس منز حق چین وتن ییتھ (عشقہٕ نارٕ) دزان۔

اَتھ قصیدس منتعلق چھُ ابنِ اثیرؔ "اسدُ الغابہ" ناوچہِ کتابہِ منز یہ رِوایت پیش کران زِ اکِہ دوہہ ہیوٚت حضرت عباسؓ آنحضرتؐ اجازت زِ سہ وَنہِ ہا تہندِس شانس منز اکھ قصیدٕ۔ آنحضورؐ وونہس "ژٕ وَن، اللہ تعالیٰ مہ بھِٹہٕ راوِن چانی دَند" یعنی خدا صاحب بخشِن تس خوشگفتاری۔

حضرت عباسؓ نِس گیاز وۅن سہٕ قصید؛ اَکھ چھُنہٕ کانٛہہ پیٚ یتہٕ میلان۔ بہرحال چھُ زِ حضرت عباسؓ اوس آنحضرتن ہِندِ بجرٕک تہٕ عظمتُک سیٹھاہ احساس۔

ییٚمہِ سیوٗد مدیح ترٛاے چھِ حضرت حسانؓ ہِندِس اَکِس قصیدس منٛز تہٕ درینٛٹھی گژھان یِمیک مضموٗن فخر تہٕ حماسہ چھُ۔ سُہ چھُ وَنان:

مستشعری حلق الماذی یقدمهم    جلد النحیزة ماض غیر رعدید

تا

مبارك کضیاء البدر صورته    ما قال کان قضاء غیر مردود۔

(نو شعر)  ترجمہ تہٕ مفہوم:

- جنٛگی لباس لاگتھ تِم (بہادُر صحابی) یِمن برونٛہہ کُنہ (بصورت حضورِ اکرمؐ) صبرٕک تہٕ برداشتُک اکھ نوٗرانی پیکر موجود چھُ۔ تِم (ساری صحابی) چھِ ثابت قدم تہٕ بُزدل چھُنہٕ کانٛہہ۔
- یعنی سُہ حضرت رسول اکرمؐ یُس خُداصابن تقوی تہٕ سخاوتہٕ برٛونٛہہ تمام مخلوقن پیٹھ بجر تہٕ شرف بخشمت چھُ۔
- اے مشرکو تُہہ ما آسوہ گُمان زِ تُہۍ کرِو یِمن عیالن ہِنز راچھ تہٕ راوُٹھ، بینیہ واتہٕ تہٕ بدرکِس آبس نشہٕ کانٛہہ (مسلمان)۔
- مگر اَسۍ واتۍ تُہٕ تِتھ تہٕ تتہٕ اُورٕ تہٕ کانٛہہ کتھاہ۔ اَسہِ چینیہ کھلہٕ ترٛیش تہٕ کالنہٕ رُودنہٕ کم آب۔
- اَسۍ چھِ اَکس تِژہِ رزِ کھیچھ کٔرِتھ یوٚس نہٕ زانٛہہ ژھینہِ۔ یہِ چھےٚ خدا صابنۍ رزو منٛز اکھ ڈر تہٕ زیٹھ رز۔
- اَسہِ منٛز چھُ پیغمبرِ خُدا پانہٕ موجود۔ تہٕ زن گۅو اَسہِ منٛز چھُ حق تہٕ یُس زیتھ اَسۍ مرنہٕ کِس دمس تام یتہٕ یتہٕ یکان روزو۔ یہِ چھےٚ اَسہِ زِ خُداصابنۍ نٕنۍ یاری۔
- بیٚلہِ تِم (کافر) دُشمنی پیٹھ لیوان چھِ رسولؐ محترم چھِ لڑایہِ تہٕ جہادکِس یمہِ پُرخطر مرحلس منٛز پیدل کیو سوار ہیہم یا بٕتھ

پکان روزان۔ تیٚ وُچھتھ چھ تمن مقابلہ جنگی سامانو ستی ملبوس سپاہ ہٕنِس لشکرس منز کھٔڑ کھٔڑ روٗزِتھ پان بچاوُن یِژھان۔ تکیازِ رسول کریمؐ چھ ژٔکہٕ سیٹھا دلہٕ ڈٔری تہٕ بہوُدُر۔

- تم چھ وفادار تہٕ شبقہٕ ارادٕ واٚلی تہنٛد ظہوٗر چھ اُکس تتھس روحانی گاشہٕ مٲلکہٕ سُند ظہوٗرُک خاص گاش دِوان چھُ۔ بلکہ چھ تہنٛد وجوٗد اکھ تُنجیتھ پھلہٕ ژٕندرُک تمام شریف تہٕ عزتہٕ والین گہہ چھُ بخشان۔
- تم چھ برگزیٚ برتھ۔ انہار چھُک ژِہ دٲہمہٕ زِوٗنہٕ ہیوٗ۔ یہ تم ونان چھ تہٕ چھُ سپدان تہٕ تہنٛد ونُن چھُنہٕ زانہہ ردگژھان۔

ابن ہشام چھُ پننہٕ سیرتچہ کتابہٕ منز ونان زِ یہ قصیدٕ وٚون حضرت حسانؓ بدرکہٕ جنگہٕ پتہٕ آنحضرتن بروٚنہہ کنہٕ خوشی ہنٛدِس حالس منز۔ شاعر چھ آنحضرتنؐ ہنز بہوٗدری تہٕ تہنٛدِس اعتمادس تعریف کران تہٕ سٕتی سٕتی تہنٛدِس خولقس تہٕ عظمتس پوٗش وہراوان۔ چھیکرس چھُ سُہ کافرن یہ چس دِوان زِ ہرگاہ تمن گاش تہٕ بۆزٕرچ وتھ لبنی چھےٚ تیلہٕ چھُ تمن دیدمان رسول محترمؐ اکھ گاشہٕ مُنار۔

آنحضرتنؐ ہنز اکھ بیٚچنٛز حضرت صفیہؓ چھ تہنٛد اکھ مرثیہ سیٚدٕ سیوٗد نبیہ منز یتھ کنٕ شروع کران:۔

| | |
|---|---|
| ألا یا رسول الله كنت رجاءنا | وكنت بنا برا ولم تك جافيا |
| وكنت بنا رؤفا رحيما نبينا | ليبك عليك اليوم من كان باكيا |

- اے خدایہ ہنٛدِ پیغمبر! تہۍ اسوٕ سانی آش تہٕ ووٚمید۔ تہۍ اسوٕ اسہٕ پیٹھ احسان کران، تہۍ اسوٕ نہٕ بدلحاظ۔
- تہۍ اسوٕ اسہٕ پیٹھ شفیق تہٕ مہربان، تہۍ اسوٕ سانی نبی۔ تہۍ گےٚو اسہٕ نِشہٕ جُدا تۆے چھ تہنٛدِس فراقس منز ازوٚدن واٚلی اوٗش ہاران۔

اہل بیتن ہنٛد تذکرٕ کرِتھ تہٕ تمن سٕتی پنٕن محبت ہاوِتھ چھےٚ حضرت صفیہؓ آنحضرتن کُن ونان:

صبوت وبلغت الرسالۃ صادقا　　وقد مت صلب الدین اُبلج صافیا
فلوأنّ رب العرش اَبقاك بیننا　　سعدنا ولکن اُمرہ کان ماضینا
علیك من اللہ السلام تحیۃ　　واُدخلت جنات من العدن راضیا

- توٚہہِ حض کوٚرُوٚ (دشمنن تہٕ نادانن ہنٛزن بیوقوفین ہیٚتھ تہٕ) صبرتہٕ لوٚزوٗنتھ واتہٕ نوٚوُو توٚہہِ حقُک پیغام پرٛیتھ کانٛسہٕ تام۔ توٚہہِ کوٚرُوٚ اکھ اوٚرتہٕ دوٚر دین بیٚش یُس روشن تہٕ چھٕلتھ کیٚو چھٕکتھ چھُ۔
- اگر عرشُک مالک توٚہہِ اَسہ منٛز موجوٗد تھاوِہے اَسی آسہو سیٹھاہ خوش قسمت مگر خُدا تعالیٰ سُند حکم چھُ لاگو سپدِتھ روزان۔
- بے عیب تہٕ بےٚ نوقص خدایہ سُند طرفہٕ روٗزِن توٚہہِ ہیٚتھ سایہ بٕرٕ سلامہ جاری۔ اللہ تعالیٰ کرِ توٚ توٚہہِ لازوال جنتن منٛز۔ داخل یتھ تہِ خوش تہٕ راضی روٗزِو۔

---

مدینُک شام زُلفن شانہٕ طوٗرس
مدینچ رات چشمن سورمہٕ نوٗرس
مدینُک صُبح پرتوٚ شش جہاتس
مدینُک دوہ ہہ جلادِلہ کس حضوٗرس

(میر غلام رسول نازکی)



# اکھ شہکار معراج نامہ

پروفیسر رحمٰن راہی

("شاعری ہُند مُطالعہ تہٕ عقیدُک مسلہٕ" عُنوانہٕ تمہٕ طویل مقالہٕ منٛز اکھ اقتباس یُس نومبر ۱۹۹۱ء کاشُر ڈپارٹمنٹ کرِ اہتمامہٕ منعقد سپدی متس سیمنارس منٛز پیش کرنہٕ آو)

..... اما پُوز یہٕ سورُے کیہنہٕ نظرِ تل اَنِتھ تہٕ ییٚیہ شاید مانُن زِ کم از کم فارسی زبانی ہندین "خوش بیانن" مقابلہٕ چھ ساری کاشرِ نعت گو معراج نامہٕ وَنان وَنان پاسان زنتہٕ پتھر کانہہ ہیتھ یوسف ٹلی ہیتہٕ دراہتی۔ مےٚ چھُ وُنی کینہہ صرف "سکندر نامس" منٛز شامل نظامی گنجہ ای سُند معراج نامہٕ دردست تہٕ ہیٚتھ چھُم زِ اَتھ سارِنے کاشرِن عاشقن گرٛتھ لقولِ ناظم ژھو یہٕ تہٕ گژاو کرنس تہٕ روزنہٕ دار ہرگاہ کانہہ فن شناس یہٕ فارسی شہکار پیش کران بلا تشبیہ و تمثیل یہٕ چیلنج کرِ زِ فاؤ لبشعر من مثلہ

در معراج نبی صلی اللہ علیہ و آلہٖ وسلم

شبی کاسمان مجلس افروز کرد
شب از روشنی دعویٔ روز کرد

سراپردۂ ہفت سلطان سریر
برآمود گوہر بچینی حریر

سر سبز پوشانِ باغِ بہشت
بسر سبزی آراستہ کارو کشت

محمدؐ کہ سُلطانِ این مہد بُود
زچندین خلیفہ ولیعہد بُود

زنافِ زمین سر باقصیٰ نهاد — سرِ نافه در بیتِ اقصیٰ گشاد
زبندِ جهان داد خود را خلاص — به معشوقیِ عرشیان گشت خاص
بُنه بست زین کوی هفتاد راه — به هفتم فلک برزده بارگاه
دل از کارِ این حجره پرداخته — به نُه حجرهٔ آسمان تاخته
برون جست زین کندهٔ چاربند — فرس راند بر هفت چرخِ بلند
براقی شتابنده زیرش چو برق — ستامش چو خورشید در نور غرق
سهیلی براوجِ عرب تافته — ادیمِ یمن رنگ ازو یافته
بریشم دمی بلکه لولو سمی — رونده چو لولو بر ابریشمی
نه آهو ولی نافش از مشک پر — چو دندانِ آهو بر آموده دُر
ازان خوش عنان ترک آید گمان — وزان تیزرو تر که تیر از کمان
شتابنده تر وهم علوی خرام — ازو باز پس ماند هفتاد گام
بعالم گشائی فرشته وشی — نه عالم گشائی که عالم کشی
به شبرنگی آن شبچراغ گشته مست — چو ماه آمده شبچراغی بدست
چنان شد که از تیزیِ گام او — سبق برد بر جنبش آرام او
قدم بر قیاسِ نظر می گشاد — مگر خود قدم بر نظر می نهاد
پیمبر بران ختلیِ ره نورد — برآورد ازین آبِ گردنده گرد
هم او راه دان هم فرس راهوار — زهی شاه مرکب زهی شهسوار
چو زین خانقه عزم دروازه کرد — بدستش فلک خرقه را تازه کرد
سوادِ فلک گشت گلشن بدو — شده روشنان چشم روشن بدو
در آن پرده کز گردِ ره بود پاک — نشالیست شد دامن آلوده خاک
بدریای هفت اختر آمد نخست — قدم را به هفت آبِ پاکی بشست
رها کرد بر انجم اسباب را — به مه داد گهوارهٔ خواب را
پس آنگه قلم بر عطارد شکست — که امّی قلم را نه گیرد بدست
طلاقِ طبیعت بناهید داد — به شکرانه قرصی به خورشید داد

به مریخ داد آتش خشم خویش | که خشم اندران ره نمی‌رفت پیش
رعونت رها کرد بر مشتری | نگین دگر زد در انگشتری
سواد سفینه به کیوان سپرد | بجز گوهر پاک با خود نبرد
بپرداخت نزلی به هر منزلی | چنان کو فرو ماند و تنها دلی
شده جان پیغمبران خاک او | زده دست هر یک به فتراک او
کمر بر کمر کوه بر کوه راند | گروه گروه جنیبت جهاند
بهار و نیش خضر و موسیٰ دوان | مسیحا چه گویم به موکب روان
نه اندازهٔ آن که یکدم زنند | نه دم بلکه چشمی که برهم زنند
ز خرپشتهٔ آسمان برگذشت | زمین و زمان را ورق درنوشت
ز پرتاب تیرش دران ترکتاز | فلک تیر پرتابها مانده باز
ندیده ز تعجیل ناورد او | کس از گرد بر گرد او گرد او
تنیده تنش بر رصدهای دور | بروحانیان بر جبندهای نور
دران راه بی راه ز آوارگی | همش بار مانده همش بارگی
پر جبرئیل از رهش ریخته | سرافیل زان صدمه بگریخته
ز رفرف گذشته بفرسنگها | وزان پرده بنموده آهنگها
ز دروازهٔ سدره تا ساق عرش | قدم بر قدم عصمت افگنده فرش
ز دیوانگه عرشیان برگذشت | به درج آمد و درج را درنوشت
جهت را ولایت بپایان رسید | قطعیت به پرگار دوران رسید
زمین زادهٔ آسمان تاخته | زمین و زمان را پس انداخته
مجرد روی را بجائی رساند | که از بود او هیچ با وی نماند
چو شد در ره نیستی چرخ زن | برون آمد از هستی خویشتن
دران دائره گردش راه او | نمود از سر او قدمگاه او
رهی رفت بی زیر و بالا دلیر | که در دائره نیست بالا و زیر
حجاب سیاست بر انداختند | ز بیگانگان حجره پرداختند

دران جای کاندیشہ نادیدہ جای  درود از محمدؐ قبول از خدای
کلامی کہ بی آل آمد شنید  لقائی کہ آن دیدنی بود دید
چنان دید کز حضرتِ ذوالجلال  نہ زان سو جہت بُد نہ زین سو خیال
ہمہ دیدہ گشتہ چو نرگس تنش  نگشتہ یکی خار پیرامنش
دران نرگسین حرف کان باغ داشت  مگو زاغ کو مُہر ما زاغ داشت
گذر بر سرِ خوانِ اخلاص کرد  ہم اُو خوردہ ہم بخش ماخاص کرد
دلش نورِ فضلِ الٰہی گرفت  یتیمی نگر تا چہ شاہی گرفت
سوئے عالم آمد رُخ افروختہ  ہمہ علمِ علوی در آموختہ
چناں رفتہ و آمدہ باز پس  کہ ناید در اندیشۂ ہیچ کس
زگرمی کہ چون برق پیمودہ راہ  نشد گرمیٔ خوابش از خوابگاہ
ندانم کہ شب راچہ احوال بود  شبی بود یا خود یکی سال بود
چو شاید کہ جان ہائے ما در دمی  برآید بہ پیرامنِ عالمی
تنِ او کہ صافی تر از جانِ ماست  اگر شد بہ یک لحظہ آمد رواست

حُسنُک اکھ اہم ماہیتی عُنصر چھُ ابہام تہٕ دُنی وُنی وَننٕ رُوزُن چھُ بیانِ حُسنُک خاصہ۔ تۆکیٚ روزِ نظامینس پیٚش نظر اعلافنی تۆ مؤنس نیستھ کانہہ تہٕ مولہٕوُن بہر حال اڈ ینچی۔ بہٕ کرٕ سردست اَمکیٚ ژور گوشہٕ روشن کرنٕچ کوشش اول اَمِچ تعبیر کٲری، دوٚم اَمِچ نوکہٕ سنجی تہٕ فکری سلامتی، سوم ناقابلِ بیان بیان کرن وول آہنگ باوژبل تہٕ چہارم اَمِچ آورن کٲری۔

معراجس ہیٚکو اُسی پنٕنہٕ بشری زبانٕ منز شاید اکھ سفرنامہ تہٕ وَنتھ مگر یہٕ اہم پھیر ملحوظِ خاطر تھاوتھ زِ اَمہٕ سفرٕچ بُنیادی تحریک چھنےٚ وُنہٕ گتھ ستہٕ پننہٕ ذٲتی یژھا یہ تہٕ اَمہٕ علاوٕ یہ واقعہ بنان زِ تَس چھُ اکھ سیٹھاہ بزرگ، برتر، قادر، شفیق تہٕ شوقہٕ ہتی عاشقن ہنٛزٕ انتہاۓ لوٚلہٕ محبوب وَندتھ پانس نکھہٕ اَنہٕ بایتھ۔ تَس احترام رٕچھنہٕ موکھہٕ تہٕ لول تہٕ اسرار باوہٕ خاطرٕ نہٕ بے نظیر آیہٕ عزت ہُررادہٕ کرٕ غرضہٕ باہمی رازو نیاز چہ محفلہٕ منز شریک سپدنُک سال کوٚرمُت۔ اَمہٕ لحاظہٕ چھُ یہ اکھ لولہٕ سفر، اکھ عشقہٕ

بێنہٕ وول، مگر یہ نوزُک فرق نظرِ تل تھاوِتھ زِ میزبان تہٕ میہمان دوشوٕے چھِ بیک وقت اکھ اَکی ہُندی عاشق تہٕ اکھ اَکی ہُندی معشوق۔ یتھس میزبانس نش یتھس پرٛتھ ہُند واتُن، یہ چھےٚ اکھ انتہٲیی غٲر معموٗلی تہٕ بے حد ہیرساوَن شایانہٕ تقریب۔ میزبان سُہ یمی کُلہم زمان و مکانس تہٕ سارِنے مخلوقاتن وُجوٗد کیتھ نوٗمود عطا کوٗرمُت چھُ تہٕ میہمان سُہ یُس اَمہِ سے خلاقِ اعظم تہٕ قادرِ مطلق سُند مدتوار چھُ۔ ہیٚکیا ویٚترِتھ کُنہ سورٲنھ یتھ اَمہِ بے مثال تقریبہِ ہُند ساعتھ نیٖرِ تہٕ پانہٕ بذاتی سیاہ وَش آسِتھ تہٕ یُتھ ہیٚو آفتاب برٛونٛٹھ یِکہِ؟ سُہ اَسمان کوتاہ رٔخ بلند یُس یتھس پرٛتھ ہُند لیٚتہ داس بنہِ۔ تہٕ سُہ سبز پوش باغوانن ہُند زیٚٹھ کوتاہ باگہِ وان یُس ہنٛدہِ سرسبز باغچ آراستگی وُچھِنہٕ یِتھ ذی عزت حُسن بند تہٕ حُسن شناس میہمان یِنہٕ وول آسہِ۔ نظامی چھُ یتھنے ہوٚین وولسنس آمتین انتظامین تہٕ وۄدنہٕ والین اُتھ اَمہِ کاییناتی گذرگاہ تہٕ مافوق محفلہِ بابتھ پوٚت منظر پارادناوان تہٕ اَڈٕ ندیوٚکھ آراستہٕ کرٕناوان:

| | |
|---|---|
| شبی کاسمان مجلس افروز کرد | شب از روشنی دعویٔ نور کرد |
| سراپردہٕ ہفت سلطان سریر | برآموٗد گوھر بہ چینی حریر |
| سرسبز اوشانِ باغِ بہشت | بہ سرسبزی آراستہ کاروکشت |

ہوَمرچھُ ہینُ جنگنامہ "الی اُڈ" لفظِ "خستم" ہِتی شوٗروٗع کران تہٕ نظامی چھُ یتھ معراج نامس "شب" لفظہِ ہتی دَس تُلان۔ دوشوٕے لفظ ورتاد چھِ بێنہٕ بێنہٕ موضوعکہٕ اعتبارٕ انتہٲیی موزوٗن باسان؛ خاصکرِتھ بیٚلہِ یہ نوکتہ موٗلہِ ونہٕ یِیہِ زِ "شبی" وَنِتھ یمہِ راتِچ ہنٛز ذکر نظامی کران چھُ تَس چھُ اَسمانی مجلس گاشراونہٕ کِنی پانہٕ مَنٛدیُن آنگ دعوا۔ گوڈنکس مصرٕس منٛز موجوٗد مخصوٗص نحوی ترتیبہٕ کِنی وۄدہٕ پٔدن وول یہ ابہام تہٕ چھُ قابلِ توجہ زِ مجلس افروزی ہنٛز کامہِ دَس تُلنس منٛز ما چھِ سٕری بێیہٕ گامتہٕ شوقہٕ سیٖتہِ راتھ تہٕ اَسمان اکھ اَکس بیٚٹھ سبقتھ ہیٚنٛج کوشش کران، تکیازِ شب تہٕ آسمان دوشوٕے چھِ اَکی آنہٕ فاعل تہٕ باسان تہٕ مفعوٗل تہٕ۔ شعرس پوٗرٕ موٗلہٕ وُن کرنہٕ بابتھ چھُ یتہٕ سٔرکرُن زِ دۆیمہِ شعرکس گوڈنکس مصرٕس منٛز چھا "ہفت سلطان سریر" کُنی ترکیب مانٛز (مطلب سَتھ شاہی تخت) کِنہ اضافتِ مقلوٗب مشخص کرِتھ

مِصرعس یِمہٕ آیہ نثری صوٗرتھ دِنہٕ : سراپردۂ سلطانِ ہفت سریر (مطلب سَتن تختن
ہندِس مالِک پادشاہ ہندِس خیمس اندی اَندی گنڑنہٕ آمُت قنات) تہٕ شعرُکِس
دوٚیمِس مِصرعس منز چھُ "چینی" لفظُکِس ایہامس تہٕ سۄزُن یُس ملکِ چینہٕ بجایہ سرادٕکہ
رنگین تہٕ پوشدار آسنچ ترٛینہٕ وُن دِوان چھُ ۔۔۔ راتھ، آسمان، مُلک ۔۔۔ یعنی از چھہٕ
زمان تہٕ مکانہٕ یاتی پارٕ اوس لگیمتی یُتھ کیٚ تمہ مخلوقاتھ تہٕ یمو آدمہٕ ہندِس وجودس
نسبتھ آدنہٕ بڑیڈی کڈی میتی آسی تہٕ پیٹھ یمن بقولِ اقبال یہ امکان ترٛہراوان اوس
کہ یہ ٹوٹا ہوا تارہ مہ کامل نہ بن جائے، از چھ تمہ یہ ترٛینتھ توشان ززنن تہٕ آفتابہ
گیاہ از چھ خود نوٗر آگرٕ ہے تہٕ پایہ روحِ بہار ہے استقبال کرُن!

نظامیس چھُ استعاری زبان ورتاونس، نحوی ترتیب بدلاونس،
تجنیسی صنعژ کام ہیتھ ایہام پادٕ کرنس تہٕ ہم آواز حرفو ذریعہ سازٕ تُ ووتلاونس
منز یدِطولا حاصل تہٕ یہ ورتاو چھُ تٔمِس بیانس نہ صرف اکھ اوٚبرٕ گوبرٕ دول
خوش ادا ایجاز عطا کران بٔلکہ سہ جدلی تھُتھراے، سہٕ وِدہ پزاو تہٕ ابہامچ سہ
درکشایی تہٕ جہاتھ نمایی تہٕ بہتر بٔرکرٕ تمہٕ کِتھ کِتھ متعدد احساس، ادراکی کیوٚ فکری
تارن مضراب دِوان چھے تہٕ زیرِ تبصرہ نظم چھے امہٕ تخلیقی جوہرٕ ستی مالامال۔ کینہہ
مثالہ:

استعارٕ تہٕ کنایہ : سراپردۂ ہفت سلطان سریر (گوڈنیک اسمان)؛
چینی حریر (تارکھ نب)؛ شبجرا (براق)؛ شب چراغ (ذاتِ محمدیؐ)؛ گندۂ
چاربند (زمین)؛ آبِ گردندہ (اسمان)؛ ترگسین حرف (بے صدا کلام)؛
سر سبز پوشانِ باغِ بہشت (رضوان)؛ کوئی ہفتادرہ (زمین)۔

تشبیہہ :- براق تہٕ سہیل؛ ہسام تہٕ خورشید، تن ہم دیدہ گشتہ تہٕ نرگس؛
راہ بی زیر و بالا تہٕ دائرہ؛ راہواری براق درافلاک تہٕ لولوی روندہ برابر یشم؛
جہت را ولایت بہ بپایاں رسید تہٕ قطعیت بہ پرگار دوران رسید؛
تیز گامی براق تہٕ وہم علوی خرام؛ بریشم دُم؛ لولو سُم۔

قولِ محال :- شب از روشنی دعوئ روز کرد؛ برآورد ازین آبِ گردندہ گرد؛

نمود از سراؤ قدمگاہِ اُو ؛ کلامی کہ بی آلہ آمد شنید ۔

تجنیس :۔ برق تہٕ بُراق ؛ سرِ سبز تہٕ سرسبزی ؛ نافہ تہٕ ناف ؛ سَر (یعنے گوٗل) تہٕ سَر (یعنے کلہٕ) ؛ شچرا تہٕ شچراغ ۔

مجاٗزی تعلقچ مناسبتھ : ماہ تہٕ گہوارہٕ خواب ؛ عُطارِد تہٕ قلم ؛ ناہید تہٕ طلاقِ طبیعت ؛ خورشید تہٕ قرص ؛ مریخ تہٕ خشم ؛ مُشتری تہٕ رعونت ؛ کیوان تہٕ سوادِ سفینہ ۔

ہم آواز حرفن ہُند اجتماع :۔

سرا پردہٕ ہفت سلطان سریر ۔۔۔ برآمود گوھر بچینی حریر

سرِ سبز پوشان باغ بہشت ۔۔۔ بہ سر سبزی آراستہ کاروکشت

بُنہ بست زین کوٗئی ہفتاد راہ ۔۔۔ بہ ہفتم فلک برزدہ بارگاہ

سوادِ فلک گشت گلشن بدو ۔۔۔ شدہ روشنان چشم روشن بدو

سوادِ سفینہ بہ کیوان سپرد ۔۔۔ بجز گوہر پاک با خود نبرد

رعونت رہا کرد برمُشتری ۔۔۔ نگینِ دگر زد بر انگشتری

ازان خوش عنان ترکہ آید گمان ۔۔۔ وزان تیز رَو ترکہ تیر از کمان

رہا کرد برا انجم اسباب را ۔۔۔ بہ مہ داد گہوارہٕ خواب را

مُجرّدِ روی را بجائی رساند ۔۔۔ کہ از بودِ اُو ہیچ باوی نماند

یِمہ مثالہٕ چھےٚ شاید تموٚ رنگہٕ رنگہٕ ڈیٚسیلوٗ مَنز کینژن ڈیٚسیلن ہنز نشاندہی کران یِمن نظاٗمی ینٛن برونٛٹھے مُعیٚن موضوٗع تعمیر کرنہٕ موکھہ تہٕ ینٛن قاری اکھ موضوٗعس مَنز تخیُلی کیوٚ جذباتی آیہ آوراونہٕ کہ غرضہٕ کاٗم ہیوان چھُ ۔ اَمہٕ تعمیر کاٗری یہ تہٕ آورَن کاٗری یہٕ ہُند بیاکھ اکھ سِٹھے کارگر ڈیٚسیلہٕ چھُ مُتعلقہ سفرُک مجمل بیان ۔ کولرج چھُ شعر بیانہٕ کِس بہاوس سَرفہٕ ہنز یکِن چالہٕ ڈالہٕ ہنز دِوان ، سَرفہٕ یکُن یُس بیک وقت ہوٚل ہوٚل ، سیٚدِ سیوٚد تہٕ تیز آسان چھُ ۔ نظاٗمی سُند بیان تہٕ چھُ تیتھے ۔ یتھ کُنی کانہہ وَتہٕ گتھ مَنز بَس کُن پکان پکان مَنزِ ڈیچھنہٕ کھوٚرِ تہٕ نظراہ نظراہ دِوان چھُ یا کُنہٕ مرحلس ہنادَم دِتھ سام ہیوان چھُنتھے پاٹھۍ چھُ

نظامی معراجک رودداد بیان کران کران دورانِ سفر پیش یِنہٕ والیو واقعاتو منٛز کینٛژن واقعن ہُنا وِلِستار ؤسان بیان کران، مگر یہ چھس تھاوِتھ ژکانہہ تہٕ تفصیل گژھنہٕ غارِ ضروٗری بنِتھ، ناسازگار باسُن یا بیانہٕ کِس بہاوس رُوٗکاوٹ کرُن۔ آسمانی گُذرگاہُک پارٕو بیان کرِتھ چھُ شاعرن یِہ وٲکس غار معموٗلی پزٕ ہوٗسند سٟتھٕے مجمل تعارف کران:

محمدؐ کہ سلطانِ این مہد بود ز چندین خلیفہ ولیعہد بود

بہ اجمال (یتھ منٛز "سلطان" تہٕ "ولیعہد" زٕ انتہاہی اہم اشارٕ موجوٗد چھہ) چھُ اَتھ موقعس پیٹھ زیادے مناسب باسان تکیاز یِہ وہہ کُن بیان سپدن والہٕ رودداد ژٕ سی چھُ سفر نامہ کِس اُمس مرکزی کردارٕ سُند تعارف پاتی پلنے مکمل سپدن وول۔ چونکہ نظم چھنے ژکہٕ صرف معراجس یعنے سعوٗدس متعلق تو کنہِ چھُ نافِ زمین (یعنے مکہ معظمہ) پیٹھ بیتِ اقصیٰ تامُک سفر تہٕ مسجدِ اقصیٰ اَس منٛز حضوٗرنؐ ہنٛد سربسجوٗد سپدنُک حال سٟتھٕے ژھوچر ؤسان بیان کرنہٕ آمُت:

ز نافِ زمین سر بہ اقصیٰ نہاد سرِ نافہ در بیت اقصیٰ کشاد

البتہ اُمہ اُفقی سفرکہ تہٕ اَرضی سیہٕ کہ مُضمر اتھ چھہ اہم تکیاز زمین زادٕ کردارٕ سنٛز سعوٗدی ژٕہ بابتھ چھنے ابتدائی اہم تیاری اَتھ دوران سپدان۔ چنانچہ نظامیؒ چھُ اَتھ موقعس پیٹھ حضورؐ ہنٛد ژٕنیوی علایقو تہِ موکجار پراونُک تہٕ عرشہٕ والین ہُند معشوق بننُک حال ہُنا دم دِتھ بیان کران:

ز بندِ جہان داد خود را خلاص بمعشوقیِ عرشیان گشت خاص
بہ نہ بست زین کوئی ہفتاد راہ بہفتم فلک بر زدہ بارگاہ
دل از کارِ این حجرہ پرداخت بہ نہ حجرہٕ آسمان تاخت

اصلی سعوٗدُک مرحلہ وار حال سپدِ وہ نی بیان۔ چونکہ یہ سفر چھُ تھزرٕ تہٕ تیزی دٕ وشوٕ بلحاظ انتہاہی غار معموٗلی تہٕ بظاہر عقلہٕ تہٕ وشرُن بہاذا چھُ تمس براقہٕ سُند حال یمہِ اکھ سٟتھٕے عظمتہٕ وول تہٕ انتہاہی لطیف سوار پیٹھ بنس نشتس پیٹھ روٗدمُت چھُ تِتھ پاٹھو وشرناوُن یتھ کنہِ تیمنٛز تیز پروازی

تہٕ اکھ کیٛو خوش عنانی یعنے رہدآری نظر نواز بنہِ تہٕ بقولِ نظآمی ناباوَر باوَر بنہِ :

بروں جست ازین کُندہٕ چار بند — فرس راند بر ہفت چرخِ بلند
بُراقی تشنابندہ زیرش چو برق — رِشامش چو خورشید در نور غرق
سُہیلی بر اوجِ عرب تافتہ — ادیم یمن رنگ ازو یافتہ
بریشم دُمی بلکہ لُولُو سُمی — رَوندہ چو لُولُو بر ابریشُمی
نہ آہُو ولی نافش از مُشک پُر — چو دندانِ آہُو برآلودہ دُر
ازان خوش عنان تر کہ آید گمان — وزان تیز رَو تر کہ تیر از کمان
شتابندہ تر وَہم علوی خرام — ازو باز پس ماند ہفتاد گام
بعالم کُشائی فرشتہ وَشی — نہ عالم کُشائی کہ عالم کشی
بہ شبرنگی آن شبچرا[۱] گشت ست — چو ماہ آمدہ شبچراغی بدست
چُنان شُد کہ از تیزیٔ گام اُو — سبق بُرد بر جُنبش آرامِ اُو
قدم بر قیاسِ نظر می گُشاد — مگر خود قدم بر نظر می نہاد
پیمبر ﷺ بران خنگِ رہ نوَرد — برآورد ازین آب گردندہ گرد
ہم اُو راہ دان، ہم فرس راہوار — زہی شاہ مرکب زہی شہسوار

آسمآنی سفرکُ گوڈنیکُ مرحلہ چھُ اکھ مُتحرک شبیہہ ذرٕیعہ بیان سپدان یوسہ پرن والی ہندس ذیہنس منز ہمچوقسم تقریبن ہُند تلازمہ بداہ کرِتھ جاذب نظر بنان چھے۔ پوٚزٕ چھُ ڈنٛی بوٚی جایگاہ بیٚٹھ وُچھِ تلِتھ اسمانٕکِس دروازس نِکھ واتان تہٕ اسمان چھُ یہ ڈیٛزٕ تہٕ بٕتھِ نیرِتھ اکھ تازٕ خرقہٕ (خلافتکُ تہٕ نوٚمُریدی ہُند اکھ بے نظیر تہٕ موزوٗن لباس) بیش کران یُس زیبِ تن کرِتھ

سوادِ فلک گشت گلشن بدو — شُدہ روشنان چشم روشن بدو

ظاہر چھِ تازگیہ چھُ باطنکُ شوٗزر لآزمی۔ توَے کِنہِ چھُ ستن تارکن ہندِس نوٗر

---

[۱] شبچرا: سہ افسانوی دانہٕ یُس راتھ کیٛت سمندرٕ منز بوٚڈ کھٕستھ آسہ منٛزٕ اکھ پرزلوٗن نُعل تراوان چھُ تہٕ یتہٕ تمہ کیٛسے نیٛہ ناوس منز گاہ بیترٕ کھوان چھُ۔

سوٚدرس ییٚتھ واتنُک نوٚو مرحلہٕ تہٕ پننہٕ ذاتہٕ نٮ۪و تمام بشری خوٗصوٗصیژ وٗنشہٕ پاک کرنُک
معنہٕ سوو عمل یمہٕ "تنہادلی" پراونس پتہٕ لامکانُک سفر اختیار کرنس منز دولہٕ بوٚر بنتھ ہیکن۔
بوزوٚ ہیے تہٕ مرٲزی تزکیُک تہٕ قلبی تطہیرُک یہ اقدام چھُ اکھ انتہٲیی تجریدی موضوع
یُس بشری زبانہٕ ذریعہٕ دیدمان بناوُن ناممکن باسان چھُ، مگر نظامی چھِ کمالِ فنکاری
ورتاوِتھ اتھ اکھ قابلِ دید، متحرک تہٕ مٮ۪ن مون مُرقع بناوان زوٗچھن وول چھُ تہٕ مٮ۪ہ
اَتھ ہتہٕ ہم آہنگ سپدان تہٕ لبن گرٕھان۔ تجریہ تہٕ تنزٕہہٕ کِس روٗکنس منز اَتھ برونہہ
چھنے تمام نالگہ بار بشری خوصوٗصیژ اکِہ اکِہ مختلف تارکن پُشرِتھ یوان، یہ نوکتہٕ رس
التزام کٔرِتھ زِ ییٚسی یہ شوٗبہ تہٕ تسی تہٕ پُشرن۔ چنانچہ نٮ۪ندرہ ہُند ناگشر سپد زوٗنہٕ عطا
یوٚ یہ (یُرانہٕ علمِ نجوُمہ موٗجوٗب) اُسمانک منزُل ماننہٕ آمژ چھنے۔ مزازچ پھٔرتی
پُشرٲوکھ ناہیدس یوٚ یہ نژن واجینژ چھنے۔ دبیرِ فلک عُطارِ دس آو قلم مُتعلِس دٲرِتھ
دِنہٕ تکیا زِ یُس اُمّی آسہٕ تس کتھ قلم بکار تہٕ یتھے پاٹھو آو لکھنہٕ آمژن بیاضن ہُند میلہٕ کرِتھ
ہندوی فلک کیوانس پھیرِتھ دِنہٕ تکیا زِ اُمّی چھُ بیاضوٗ نشہٕ بے نیاز۔ بوچھ ہنز علامتھ
زوٗٹ دِژِھ اَفتابس یُس اُسمانُک واز چھُ تہٕ شرارتُک نارُپشرِتھ مریخس یُس
اُسمانُک سپاہ ماننہٕ آمُت چھُ تہٕ مُشتری ناوکِس اُسمانی قاضس کوٗرِتھ حوالہٕ پاہہٕ پارٲو
تہٕ کِس:

به دریای هفت اختر آمد نخست — قدم را بهفت آب پاکی بشُست
رها کرد بر انجمُ اسباب را — به مه داد گهوارهٔ خواب را
پس آنگه قلم بر عُطارِد شکست — که اُمّی قلم را نگیرد بدست
طلاقِ طبیعت بناهید داد — بشکرانه قرصی بخورشید داد
به مریخ داد آتشِ خشمِ خویش — که خشم اندران ره نمیرفت پیش
رعونت رها کرد بر مُشتری — نگینِ دگر زد بر انگشتری
سوادِ سفینه به کیوان سُپرد — بجز گوهرِ پاک با خود نبرُد
بپرداخت نزلی به هر منزلی — چنان کو بود مانده تنهادلی

کانہہ کتھ یا واقعہٕ (خاصکرِتھ شہ یتھ برونٹھے بار بار باوتھ سپنز مژ

آسہٕ ) ییٚدی پاٹھۍ تہٕ کُنہٕ توجہُ گیر وٚسیلہٕ ورأے بیان کرُن چھُ عموٗمن بےٚ لطف بنان (یمیُک بےٚ سوکھ احساس اکثر کاشرٚی معراج نامہٕ پران گژھان چھُ ) ، اوٚکنہِ چھُ فنکار کُنہٕ نہٕ کُنہٕ دلکش نوٚ پہٕ ترأشیہٕ کأم ہیوان یتھ نظأمی "شگفتی" وَنان چھُ ۔ نغز گفتار شاعرس چھُ کُنہٕ تہٕ کتھہِ یا واقعس گوڈ پننس ضمیرس منٛز احساسن تہٕ جذباتن ہُنٛد پھاہ ہیوان دیُن تہٕ پتہٕ تم پننہٕ تخیُلہٕ چہٕ کوندِ منٛز پییِٚ ہیوان یُتھ تھہنز اُنتمی صوٗرتھ پرن وألِس ہنٛدِ باپتھ دلپذیر ییہ ۔ نظأمی چھُ پننہٕ فنکارانہٕ نوٚ پہٕ ترأشیہٕ کُن پہٕ وٚنتھ اشارٕ کران زِ کانہہ کتھ یا واقعہ ہرگاہ یہ ڈیٚزٕ تہٕ اکہِ زُلفِچ صوٗرتھ پرأوِتھ تہٕ مےٚ لنش واتان چھُ بہ چھُسن سہٕ کہیں نےٚ تہٕ تمہٕ کِس اندس خم ترأوِتھ آراستہٕ کران : -

دران پردہ کز راستی یافتم  سخن را سرِ زُلف برتافتم

تہٕ یہ چھُنہٕ کانہہ سہل کأم ہتکیازٕ :

بدین دلفریبی سخن ہای بکر  بسختی توان زادن از راہِ فکر
سخن گفتن و بکرِ جان سُفتن است  نہ ہر کس سزائی سخن گفتن است

تاہم گژھِنہٕ نوٚ پہٕ ترأشی تیٚژ بےٚ گنٛڈ گژھنہٕ زِ اصل موضوعچ نشہٕ ڈالہٕ توجہُ یا پننہٕ پانٕنۍ پنُن مُدعا :

اگر بی شگفتی گذاری سخن  ندارد نوی نامہ ہای کہن
مگر
بسی در شگفتی نمودن طواف  عنانِ سخن را کشد در گزاف

" دریای ہفت اخترس " ییتھ روٗنما سپدن وول مذکورہ بالا واقعہ نظر تل تھأوِتھ ہیکو وٚنتھ زِ نظأمی چھُ تمام ضوٗرٕرۍ احتیاط ورتأوِتھ نوٚ پر ترأشیہٕ ہُنٛد کارنامہٕ انجام دِوان ۔ تُہنٛد معراج نامہٕ چھُ نظر نواز تہٕ فکر انگیز تبلوزٕن (TABLEAUX) ہُنٛد اکھ رواں دواں قافلہٕ بنان ۔

بہر حال شوٗژرُک تہٕ شوزرُک یہ مرحلہٕ سپدِ طے تہٕ تہنٛدِ پرٛاوِ منتظر پژھس انتظار کرن وألۍ سارۍ ہے کھوتہٕ ذی مرتبہٕ استقبألی ( انبیا تہٕ مُرسل ) چھِ ووٚتہٕ یوان ۔ خاکسأری ترٛاوِتھ زِ زٕو جانہٕ چھِس مُطیع بنان ، زنتہٕ پدرن تل

میٚنٛز ؛ مارِ موٗت تبوٗت زِ پرِ پتھ اکھ چھُ اُمس عاشق شِکارس وارِ ہندِس شکار بندس پان اَوَیزان ترٛاوُن یُتھان ۔ اُڈی چھس اَردلس لاران تہٕ اُڈی لشکرس تِترٛ دوران ، مگر سوارٕی چھےٚ وُزملِ کھوتہٕ تہٕ تیز دَو ۔ شہٕ کھارنس کیاہ اُچھ ٹٕھوار کرنس نہٕ چھکھ مہلِ یِوان ۔ بُراق چھُ وُڈان تہٕ نہ صرف اَسمانَن پیٹھٕ اَسمان ژھنڈان بلکہ زمان کینٛو مکان پٔڈرن منٛتھتھ بروٚنٛہہ نیران ۔ یہ وُچھ تہٕ وُڈوُ چھےٚ تیٚژ بُلند تہٕ تیز زِ تھزٕ رو ییٚتھ تارکن ہند مشاہدٕ کرن والین نبی ین تہٕ مُرسلن چھ بُراقس کُن مُڑے گنڈٕ کِنہ پیٚنٛہ نِین گاشرِ وُجودن نُوٕ نوٗرٲنی جسم زیبِ جان سپدان ۔ اَکھ اَندٕ راہِ بیراہس پیٹھ یہ بُرق رفتارٕی یہ گرٛتھ ہم تھےٚ گرم رفتارٕی تہٕ بیٚیہ اَندٕ نوٗرُک اصلی آگُر قریب ترٛاوتنُک وِگلاوُن وِدل ظوٗن ۔ نتیجہ یہ زِ بُرلقی یوت چھِنہ لوسان بلکہ سالہٕ سوٲلی جبرٲیلس تہٕ چھ تمہ آیہ شہپر چھُنتھ یِوان زِ مقامِ رفرفُک مُقیم اسرافیل (یُس یاہ قیامتھ برپا کرن والہِ صوٗرُک تحویلدار چھُ) تہٕ چھُ حال وُچھتھ نزاس کھوان تہٕ ژلان ۔ دیدمان ، مُتحرک تہٕ متنوع واقعاتن ہنز گرفت چھےٚ ترٛنہ مضبوط زِ پرن وٲلس چھُنہٕ کانہہ موکلن پلے ۔ اَتھ چھِ وَنان فن پارٕچ آورن کٲرٕی:

کمر بر کمر کوہ بر کوہ راند — گرُوہ گرُوہ جنبت جہاند

بہار و نیش خضر و موسیٰ دوان — مسیحا چہ گویم بہ موکب روان

نہ اندازہٕ آن کہ یک دم زنند — نہ دم بلکہ چشمی کہ برہم زنند

زِ خرپشتہٕ آسمان بر گذشت — زمین و زمان را ورق در نوشت

زِ پرتاپ تیرش دران ترکتاز — فلک تیر پرتاب ہا ماند باز

نہ دیدہ زِ تعجیلِ ناوردِ او — کس از گردِ بر گردِ او گردِ او

تنیدہ تنش بر رصد ہائی دوٗر — بروٗ حانیان برجید ہائی نوٗر

دران راہِ بی راہ زِ آوارگی — ہمش بار ماندہ ہمش بارگی

پرِ جبرئیل از رہش ریختہ — سرافیل زان صدمہ بگریختہ

عالمِ خاکی ، عالمِ افلاک ، مقاماتِ انبیاؑ تہٕ حدودِ ملکوٗت ۔۔

سِدرہ، رَفرَف، دَرَج سارٕی مرحلہٕ سپدی طےٚ۔ جِہتن ہٕندی خطوٗط رٕلیٚ تہٕ سِمکی اَند سمکھیٚ۔ دائرٕ گوو مکمل۔ ہست و بوٗدک مادان ووت اَنتمی اَندس تہٕ نیستی ہٕند فضا گوو ووٗتھ۔ وٗں نہ چھُ بوٗن تہٕ نہ ہیوٚر۔ وونی چھُ سفر بس دائرٕک گردش یتھ دوران چھ

نمود از سرِ او قدمگاہِ او

رہی رفت بی زیر و بالا دلیر      کہ در دائرہ نیست بالا و زیر

تُہنٛد عشقُک خلوتھ گاہ۔ نہ دوٗرِک کھوٗر نہ دُوی ہٕند پرٛدہٕ، لوٗت زِ عاشقی تہٕ معشوقی تہٕ اَمرِ تہٕ ماموٗر سٕند پھیرہاو حجاب ووٗتھ تہٕ ملاقاتُک حجرٕ سپُد پرٛتھ کُنہِ بیگانگیہ نشہٕ خالی۔ سُہ مقام یتہٕ تخیلس تہٕ کانہہ روزن جاے روٗزنہٕ! تہٕ سپُد شوٗروٗع ؏

درود از محمدؐ، قبول از خدا

اَمہِ مافوق تہٕ غارِ مرئی محفلہِ ہٕند حال باوُن تہٕ اَتھ منز سپدن وول سُہ بے دہن و گوش تہٕ بے حرف و صدا کلام، سُہ دیدنی دیدار زنہٕ اَچھ پانٕی پانس وُچھ! یہ واو لوکہ رٹُن چھُ ویسے بشری زبانی ہٕند دسترس نیبرٕ مگر تہٕ اَستہ تہٕ یہ لامکانی لازمانی صوٗرتِ حال بشری تخیلس منز دیدمان بناوُن تہٕ یہ سارے رمز باوتھ آدمی احاسہٕ کِین کنُن ہنر موسیقی بناوٕنی اَتھ و نوٗ فنکُ اعجاز تہٕ بس، یُس وُچھن وُچھان پرن وول وُچھ وُنےٚ روزان چھُ۔ نہ چھُس مزید کُنہِ اَچھ گاشِچ پرٛتھا وو تلان تہٕ نہ سرِتابی ہٕند کانہہ ظوٗرن برٛادان۔

کلامی کہ بی آلہ آمد شنید      لقائی کہ آن دیدنی بُود دید
چُنان دید کز حضرتِ ذوالجلال      نہ زانسو جہت بُد نہ زینسو خیال
ہمہ دیدہ گشتہ چو نرگس تنش      نگشتہ یکی خار پیرامنش
دران نرگسین حرف کان باغ داشت      مگر زاغ کو مہر مازاغ داشت
گذر بر سرِ خوانِ اخلاص کرد      ہم او خورد و ہم بخشِ ماخاص کرد
دلش نوٗرِ فضلِ الٰہی گرفت      یتیمی نگر تاچہ شاہی گرفت!

اَتھی چھِ وَنان کینہنس کینہہ بناوُن، مُطلق نیستیہ اکھ صوٗرتھ، اکھ ناو، اکھ جایگاہ عطا کرُن۔

نظامی سنز نوکتہ رسی ، نوکتہ سنجی تہٕ فکری سلامتی ہُند کیاہ گوژھ اَمہٕ ہُریانہٕ
تُو بُوٚتھ آسُن زِ سُہ چھُ حدہٕ رُوٚس رکہٕبل تِتھرِس ہیٚتھ تہٕ سیٚتھے استقامژ تہٕ خوش ادٲیی
سان قدم تُلان ترٛاوان ۔ دُسۍتہ تَن فِرقَن منز آسہِ شایدے کانہہ لیٚس نظامی
ہِندِس بیانِ معراجس سٟتۍ کانہہ اختلاف آستھ ہیکہِ ۔ عجیب الخلقت مگر
ذی شان بُراقہٕ سُند توصیف چھُ بے حد احتیاط منگان ، تُوے کٔنی چھےٚ اَہندِس
خوش رنگ وُجوُدس عربی فضاہس منٛز گردش کرن واٲلس برٛزٕ ونس سُہیل تارکس
سٟتۍ مشابہتھ دِنہٕ آمٕژ یُس ہندِ ناتٕمیر ملکِ یمنُک خوبصورتھ ترین تہٕ مشہور چیمر
رنگ رُٹان چھُ ، تس لیٚس سازِ زیب تَن چھُ تَتہٕ چھُ نیہٕ ناوس منز غوطہٕ دِتھ
اُفتابہٕ وَنہٕ آمُت ) تہٕ تہنز خوش ادا یکن ترٛاےہ پاٹھی پارچس ہیٚتھ ڈلہٕ دِنس
موکھتہٕ ژھلس سٟتۍ ہشر دِنہٕ آمُت ۔ رُوس وَنُوس نہٕ مگر رٕوسی بندی پاٹھو چھُ
مُشکہٕ بوٚرُت تہٕ رُوسی بندی پاٹھی چھس دَنٛدٕ زنتہٕ دُردانہٕ جڑتھ ؛ تہٕ تسنزِ شوبدار
تیز رُوی پہٕ ہُند کُس بیان ہیکہٕ ییمہِ کھوتہٕ موزوٗن تہٕ شایستہ آستھ :

ازان خوش عنان ترکہ آید گمان — وزان تیز رَو ترکہ تیر از کمان
شتابندہ تر وَہم علوی خرام — ازو باز پس ماند ہفتاد گام
بجنان شد کہ از تیزیٔ گام او — سبق بُرد بر جُنبش آرام او
قدم بر قیاسِ نظر می کُشاد — مگر خود قدم بر نظر می نہاد

نبی یَن تہٕ مُرسلَن ہُند شوقِ دیدار تہٕ ذوقِ تعلُق بیان کرُن چھُ اَمہٕ
تہٕ گژھ نہٕ حفظِ مراتب منگان ۔ شدہ جانِ پیغمبران خاکِ او ۔ اَمہٕ مصرعُک
ابہام چھُ داد دِنس لایق ۔ اَتھ ہیکن کہیں نے تہٕ ژوٚر تاویل پیدہ کٔرتھ (ا) پیغمبرن
ہندی مقدس رُوح بنیے آنحضور ﷺ ہند خاکِ پاک (ب) پیغمبر بنیے آنحضورن ﷺ
ہندی تنھو ماتحت تہٕ مطیع زَنتہٕ پدبن تل میٚژ (ج) ییتھ پاٹھی آنحضور ﷺ ینہٕ مختلف
بشری خصوصیژ مختلف تارکن عطا کٔرِتھے پاٹھی بخشنُک ہیتُن خاک پاک پیغمبرن
(د) آنحضورن ہُند خاکی وُجوٗد اوس بشری آلایشو نِشہٕ تہٕ ییوت مُصفا تہٕ مُژ کا
سپدمُت زِ سُہ ڈیشتھ پیٚو آدی پیغمبرَو نوٗری رُوح ۔ اَمہٕ کھوتہٕ تہٕ با ادب بیان

چھُ عۂ بہار ونیش خضر وموسیٰ دوان۔ یہ وُنِنہٕ بجایہِ کہ خضرؑ تہٕ موسیٰؑ آسۍ اَرِ دُلس لاران یا پاسبانی کران چھُ یہِ وَنُنہٕ آمُت زِ تِم آسۍ سُہ فریضہٕ انجام دِوان یُمہٕ کِنۍ حضرتِ موسیٰؑ سُند نیُٹھ برادر ہارُون معرُوف چھُ۔

آنحضورنۍ ہُند بالاۓ سفر اوسا محض بہ رُوح کِنہٕ بیک وقت بہ رُوح و بہ جَسَد، نظامی چھُ یہِ نوزُک مرحلہٕ پننہِ اعجاز صفتہٕ بیانہٕ ذریعہٕ تتھہٕ پاٹھۍ طے کران زِ پرَن وول چھُ بہ زبانِ حال وقال سُبحان اللہ وِرد کران۔ سُننٕ تارِکن ہند سوٗدرِ شوٗرَر تہٕ شوزر پراوِتھ تہٕ برق رفتاری بہ تہٕ گرٛ ھی تھے گرم زوٗ ی سببہٕ ہیٚر لوہ نہٕ نوٗرے نوٗر نیتھ :

| | |
|---|---|
| زِ دروازۂ سدرہ تا ساقِ عرش | قدم بر قدم عصمت افگندہ فرش |
| زِ دیوانگہِ عرشیان برگذشت | بہ درج آمد و درج را در نوشت |
| جہت را ولایت بہ پایاں رسید | قطعیت بہ پرگارِ دوران رسید |
| زمین زادۂ آسمان تاختہ | زمین و زمان را پس انداختہ |
| مجرّد روی را بجائی رساند | کہ از بودِ او ہیچ باوی نماند |
| چو شُد دررہِ نیستی چرخ زن | برون آمد از ہستیٔ خویشتن... |
| دران دائرہ گردشِ راہِ او | نمود از سرِ او قدمگاہ او |
| چنان رفتہ و آمدہ باز پس | کہ ناید در اندیشۂ ہیچکس |
| تنِ او کہ صافی تر از جانِ ماست | اگر شُد بہ یک لحظہ آمد رواست |

نہٕ ہمیٚو سارِوے موضوعو تہٕ منظومو کھوتہٕ زیاد فکری سلامتی، باریک بینی تہٕ معجز بیانی ہُند تقاضہ چھنے سو بارگاہِ نیستی کران یُیتہٕ عبد، عبدہٗ بنتھ تس حضرتِ ذوالجلالس سۍتی ہمکلام تہٕ ہم خوان سپدان چھُ یُسُند بہترین توصیف چھُ لَیسَ کَمِثْلِہٖ شَیْءٌ:

| | |
|---|---|
| دران جاے کاندیشہ نادیدہ جاے | درود از محمدؐ قبول از خدا ے |
| کلامی کہ بی آلہ آمد شنید | لقائی کہ آن دیدنی بود دید |
| چنان دید کز حضرتِ ذوالجلال | نہ زاں سو جہت بُد نہ زین سو خیال |
| ہمہ دیدہ گشتہ چو نرگس تنش | نگشتہ یکی خار پیرا منش |

دران نرگسین حرفِ کان باغ داشت      مگو زاغ کو مہر ما زاغ داشت
گذر بر سرِ خوانِ اخلاص کرد      ہم اُو خورد و ہم بخشِ ما خاص کرد

عانِ ممکن چھُ اَتھ ماورا تہٕ بے نشان ماحولس منز گژھن لقا، دیدہ تہٕ نرگس ہوین لطیف لفظن تہٕ نرگسین حرف ہنٛدٕ لورٕک ترکیبہٕ منز تہٕ مادی ژھایہ درینٛٹھ، مگر تمیک رہ کھہ نظامیس بجایہ تتھ بشری زبانی لوبہ چھانتھ پھانتھ تہٕ عارف بناوِتھ تہٕ پتمہٕ اصلیژ کنی زمینی روزان چھےٚ۔

سفرک آخری مرحلہ چھُ وُرُوٗد تہٕ واپسی تہٕ تمیک بیان چھُ حسبِ توقع موخصر تہٕ مجمل:

سوی عالم آمد رُخ افروختہ      ہمہ علمِ علوی در آموختہ
چنان رفتہ و آمدہ باز پس      کہ ناید در اندیشۂ ہیچکس
زگرمی کہ چون برق پیمودہ راہ      نشُد گرمی خوابش از خوابگاہ

تہٕ نظم چھےٚ یتھ حارتھ ناو شعرس پیٹھ اند واتان ز:

ندانم کہ شب را چہ احوال بود      شبی بود یا خود یکی سال بود

معراج نامس یمہٕ خوش بخت "شب" لفظہٕ سٕتۍ دَس ووتھو تمی شبہٕ کہ استعجاب آمیز احوالہٕ سٕتۍ ودت اندہٕ۔ تعمیر کاری پہٕ ہند فریضہ گو وبطورِ احسن پوٗرہ تہٕ فنکارہ بندہٕ س پرکارس پیٹھ قطعیتھ حاصل تہٕ آخری دون شعرن منز چھُ شاعر پانہٕ ارضی تہٕ بشری سوٗتھرس پیٹھ کھڑا سپدتھ اکھ غار معمولی تجربس بیتنہٕ آیہ اکھ قابلِ توجہٕ منطبق پیش کران:

چو شاید کہ جانہائی ما در دمی      بر آید بہ پیرامنِ عالمی
تنِ اُو کہ صافی تر از جانِ ماست      اگر شُد بیک لحظ آمد رواست

نظمہٕ ہندی مابقی شعر، یم تہٕ اسہ پینٛہٕ نس یتھ تبصرس منز شامل کرٕی، ہکو کھ شاعر سٕنٛز ذاتی اثر پذیری تہٕ ادبی رلوائیژ ہنز پاسداری پہٕ ہندی ترجمان گنزرتھ یم بہرحال اصل معراج نامہٕ کہ آہرنہٕ بہر چھُ۔

پہٕ احوال زانتھ چھُنہٕ مےٚ باسان زِ سوہ سخن فہم حضرات کیا گژھ

یہ بوٗزِتھ کانہہ تعجب زِ دآنِتے آبہٕ "ڈِ وائن کامیڈی" لیکھان لیکھان یتھوٕ معراج نامو متاثر کوٚرمُت، یا یہ زِ تم کیا کَرِن یہ نظامی مُند یہ دعوا بوٗزِتھ اِمَنا وصدّقنا زِ

سُخن چون گرفت استقامت بمن  اقامت کُند تا قیامت بمن

(آنند)

---

لوح بھی تو قلم بھی تو تیرا وجود الکتاب  گُنبدِ آبگینہ رنگ تیرے محیط میں حباب

عالمِ آب و خاک میں تیرے ظہور سے فروغ  ذرّۂ ریگ کو دیا تو نے طلوعِ آفتاب

شوکتِ سنجر و سلیم تیرے جلال کی نمود  فقرِ جُنید و بایزید تیرا جمالِ بے نقاب

شوق اگر ترا نہ ہو میری نماز کا امام  میرا قیام بھی حجاب، میرا سجود بھی حجاب

تیری نگاہِ ناز سے دونوں مُراد پا گئے  عقل غیاب و جستجو، عشق حضور و اضطراب

تیرہ و تار ہے جہاں گردشِ آفتاب سے
طبعِ زمانہ تازہ کر جلوۂ بے حجاب سے  (اقبالؒ)



"بوٗشَس چھنے باوتھ پوٗش پھلِی پاکیزہ سرٗودس  توشاں ملک ہیتھ چھِی ژٕے خُدا یا یہ درٗودس

میٖل گو وزمانن لامکانن سال ژٕنے کوٚرنے  ماضی تہٕ مستقبل ژٕے ونوان درٕاے سعوٗدس

اَتہٕ گیتہ حقن پٕرِتھ دَتہٕ گَس کر نو مُعطل  دَتہٕ وُچھنہٕ مُرسل درٕاے پننِس شاہ شہوٗدس

خوش گرٛتھ الم نشرح وُچھِس از دل گرِتھ خوش  پیچھ باعثِ تخلیق چھُکھ ژٕے عالم بودس

وَالنجم رزفہ دزاو، سُبحانَ الّذی اَسریٰ
وَاللّیل سفرس وَالضّحیٰ منزِل چھُ نمودس

(مرغوب بانہالی)

# مولانا جامی سُند عکسِ زندگی،

## عقیدہ، شاعری تہٕ امتیازِ نعت گوئی

پروفیسر مرغوب بانہالی

مقالہٕ کِس عنوانس منز اشارٕ ہاوَنہٕ آمتین ترٕین تعارُفی ہدفن ہُند تقاضہٕ چھُ جامیؒ صابُن یہ ذکرِ خیر ترٕین ہدفن حصن منز باگرٕن۔ تِی ملحوظ تھٲوِتھ چھےٚ اُمِس عظیم شاعر سٕنز یے لوٗش زندگی، شریعت شناس شاعری تہٕ دلنواز نعت گوئی متعلق یہ زان تہٕ رائے ترٕین ہدفن مگر باہم وابستہٕ خانن منز پیش پاوان کرنہٕ:۔

مولانا جامیؒ چھُ عربی تہٕ فارسی زبانٲنٛ منز ۵۴ ہن بصیرت افروز کتابن تہٕ رسالن ہُند بہلہِ پایہٕ مُصنف۔ اُمی سُند مقام چھُ نوٛمہٕ صدی ہجری (پندٲہمہٕ صدی عیسوی) ہندٕین فارسی شاعرن تہٕ نثر نگارن منز سارِوٕے کھوتہٕ بلند تسلیم کرنہٕ آمُت۔ بلکہ چھُ ترٛیمہٕ صدی پیٹھٕ نوٛمہٕ صدی ہجری تام گُزرمِتین تمام عظیم فارسی شاعرن ہندِس فکری تہٕ فنی رِوایتس یِتھ شیخ سعدی یَس پتہٕ ہمہ گیر ترقی، تکمیل تہٕ بُلندی عطا کرنہٕ کِس بُنیادِس پیٹھٕ جامی صابس خاتم الشعراء تہٕ ناو کرنہٕ آمُت۔ دانشورن تہٕ سخن فہمن ہندِس سطحس پیٹھٕ جامی صابس متعلق گنیمتہٕ اُمہِ مشترکہٕ تاثرُک تہٕ مجموٗعی حسنِ ظنُک عکس چھُ شیری ناوِہ کِس شاعر سُند یہ شعر تہٕ پیش کران ؎

سعدی نہاد کاخِ سخن را بناء ولے

جامی بہ یُمنِ ہمتِ عالی تمام کرد!

۸۱۷ ہجری سنس منز تولُد پیدہٕ گژِتھ ۆرشہ بابرکت وٲنسہ پتہٕ ۸۹۸ھ سنس منز رحمتِ حق سپدن دوٚل حضرت جامیؒ چھُ آسمان ادبُک اکھ تیٚتھ آفتاب

یَسند علمِ و فضلک تہٕ فکرِ و فنک احاطہٕ کرنہٕ خاطرٕ ہمعصر مورخن تہٕ قریب العصر تذکرٕ
نویسن درجہٕ وار اعزازی ناو تھٔرِن چھ پیمتہٕ۔ شخصی فضیلتہٕ کِس بنیادس پیٹھ وضع کرنہٕ
آمتین یتھین اعزازی ناون تحت چھ جامی صابس مسیحِ وقت، خورشیدِ حقایق، ارشاد
پناہ، مَرجعِ اہلُ اللہ، صاحبِ اسرار، غوثُ الانامی، مُلاذُ الاسلامی، نورالدین، نخشر
المتقین، نور الحق والحقیقت بیٚیہ حضرتِ مخدوم تہٕ ونہٕ آمُت۔ علمی تہٕ عرفانی
فضیلتہٕ کِس اُتھی پسِ منظرس منز چھ یُہند ناو مولانا نورالدین عبدالرحمان جامی علیہ الرحمہ
ڈُنتھ ہینہٕ یوان۔ حضن جامیس سٟتۍ اَمہٕ بیمانک عقیدت وابستہٕ سپدنکۍ محرکات تہٕ وجوہات
دأیران ہیکہِ اکھ بوڈ دفتر تیار سپدتھ۔ لہٰذا ہیٚن ییٚتہٕ لٟس تِتھی سارۍ زاوِلی بحث
مُچھ تراوِتھ ذیم نوٚمہ صدی ہند علم پرور ایران یا کم از کم شہرِ ہرات سارییٚ علمی تہٕ ثقافتی
سرگرمی ہیتھ پرٛزناونک تقاضہٕ کرہن۔ اَتھ سلسلس منز فقط کینژن اِشارن کامہٕ
ہیٚنہٕ ژنگ چھ پیٚتے وٕتن کافی زِ شہرِ ہرات اوس تیموری سلطنتس سٟتۍ وابستہ میرزا شاہرخ
(۸۰۷ - ۸۵۰ھ) میرزا ابو سعید (۸۶۱ - ۸۷۳ھ) تہٕ سلطان حسین بایقرا (۸۷۷-
۹۱۲ھ) ناوٕ کین ترٛین اسلام شناس علم پرور تہٕ ادب نواز حکمرانن ہندس دورِ
حکومتس منز اکھ مثالی ولایت بنیومُت۔ خوش قسمتی کِنۍ بنیو و یوٚہے شہر لچھ بدن صاحب
دِلن عشقِ نبیؐ یک گاش بخشن وألس مولانا جامی ناوٕ کِس ادبی آفتابس طلوع گژھنک
اصلی نبہٕ دٕژندتہٕ۔ حالانکہ مولانا جامیُ سُند والدِ بزرگوار شیخ نظام الدین اوسہٕ اَیک اصلی
روزن دول۔ سُہ اوس یہٕ سعادتمند تہٕ ارجمند فرزند تھٕنہٕ بینہٕ برونٹھ کیٚ کال اصفہانہٕ
پیٹھ ہجرت کرِتھ جام ناوِچہٕ تَتھ سَریہ منز بستہ آمُت یوٚسہٕ ۵۳۶ ہجری سَنس دوران
وفات لبن وألس عظیم صوفی بزرگ تہٕ شاعر شیخ احمد جام ہندِ کِنۍ اکھ سٹھاہ مشہور
تہٕ روٗحٲنی جاے بنیمٕژ اُس۔ یِشیخ الاسلامی، ژندہ بیل، یِشیخِ جام تہٕ پیرِ جام ناوٕ زانہٕ
ییٚنہٕ وألس تیٚیمہِ صدی ہجری ہندِس اُمس بزرگس چھ مولانا جامی تِتھے پأٹھۍ اظہار رو
بیانک مرشد تہٕ مانان اوسمُت یتھ پأٹھۍ حضرت شاہ ہمدانؒ صابٔ، سید علاء الدولہ
سمنانیس یا علامہ اقبال مولانا رومیس مانان چھُ۔ ییٚتھ چھُ اول الذکر بزرگن ہند
مشترکہ علاقٕی تخلصکی پأٹھۍ یم لعبد الذکر بزرگ تہٕ رلہِ وٗن تخلص جامی کران اُسۍ یتہٕ

دوٚن گوٚو اکثر پأٹھۍ احمد جام ناوس تحت عرفانی حلقن منز بٔھوٚد مقام بٔھون والِس اُمِس بزرگس سٟتۍ کرٕژھ عقیدتمندی پٔھتے مولانا جامیس اُسمۍ پنٕنہ تخلصک وجہ تسمیہ بیان کران چھُ تمیُک اظہارٕ یتھ پأٹھۍ کران ؎

مُولدم جام و رشحۂ قلمم — جرعۂ جام شیخ الاسلامی است

لاجرم در جریدۂ اشعار — بہ دو معنی تخلصم جامی است

امہٕ کتھہٕ ہُند مختصر ذکر تہٕ مثال کرٕ اُسی یتھہٕ بہن بیش زِ مولانا جامی سُند روحانی مُرشد شیخ احمد جام کمہٕ پایُک شاعر تہٕ نعت گو چھُ اوسمُت۔ گوڈہ روزِ شہر ہرات کِس ناظرس منز یہ وَنُن مناسب زِ مولانا جامیؒ اوس آقائے نامدار صلی اللہ علیہ وسلمن ہنز غلامی ہندی آداب یِنھکہٕ بہٕ ولنہٕ اکہٕ تِتھہٕ عظیم المرتبت شخصیتُک مالک بنیومُت زِ وقتہٕ کین پادشاہن تہٕ وزیرن ہٕ اوس اُمِس کُن سرخم کرُن پیوان۔ چنانچہ اُسی سلطان حسین بایقرا تہٕ تسُند وزیرِ اعظم امیر علی شیر نوائی پانہٕ اُمِس نِش حاضرِ خدمت سپدان تہٕ درپیش مشکلاتن متعلق اُمِس مردِ قلندرس مشورہٕ پرٕژھِتھ رہنمائی لبان۔

یِمو اولین اہم تذکرہ نگارو تہٕ ادب شناسو مولانا جامی ہندین حالاتن، کمالاتن تہٕ ارشاداتن پیٹھ اظہارِ خیال کرُن ییٚنُ ڈیکہٕ بجر زونمُت چھُ تِمن منز تہٕ چھُ وزیرِ اعظم امیر علی شیر نوائی سرِ فہرست اوسمُت۔ سُہ چھُ مولانا جامیس پیٹھ زہ کتابہٕ مجالس النفائس تہٕ خمسۃ المتحیرین لیکھان۔ نوائی یس علاوہ چھِ مولانا جامی ہندی حالات و کمالات قلمبند کرن والین تذکرہ نویسن منز روضات الجنانُک مصنف معین الدین اسفزاری، حبیب السیرُک مصنف خواند میر تذکرۃ الشعراہُک مصنف دولت شاہ سمرقندی مجالس العشاقُک مصنف سلطان حسین بایقرا ریاض الشعراہُک مصنف والہ داغستانی تحفۂ سامیُک مصنف میرزا سام مجالس المومنینُک مصنف قاضی نور اللہ شوشتری تہٕ تذکرۂ میخانُک مصنف ملا عبدالنبی فخر الزمانی خاص پأٹھۍ قابلِ ذکر۔ بہ کرہٕ ییٚتہٕ نس نمونہٕ خاطرٕ صرف نوائی سِند مجالس النفائسُک اکھ تعارفی اقتباس ترجمہ کرِتھ پیش:-

"سُہ آفتاب یُس منز سونچن نزدیہ ہُند تاپھ زمانس تہٕ جہانس پرٕ زلاوان چھُ۔ تٔمسِند عرفانُک پرتو چھُ یِمہٕ زمانہٕ کین لوکن اکہٕ لا انتہا بصیرتُک باعث بنیومُت۔ بصیرتُک

یہ آفتاب مولانا نورالدین عبدالرحمٰن جامیؒ چھُ فصاحت و بلاغتُک اکھ تیُتھ سمندر یتھ باسان ییٚندِس طبیعتس منز پرورده گامتی مسرجانہ تہٕ موختہ انبار ہم عصرن پرٛتھ قسمہٕ ناداری کاسنکی ضامن چھِ۔ تیٚہندِ پرنوٗردِلہٕ منزٕ دہ تلیمتین دلنواز شعرن ہنز معنویت روز تا ابد قایم۔ تکیازِ یم شعر چھِ فنی لحاظ انتہائی ماری مُندی تہٕ معنوی لحاظ انتہائی دلکش توٚے چھِ تم بوزان بوزانی دِلن پیٹھ نقش گژھان۔ بلکہ چھُ تم لوٗزتھ اکھ سخن فہم عرفانی تجربن ہندِس خاص نوٗرس منز ولنہٕ یوان"۔ مولانا جامی ییٚس پیٹھ یمن عظیم فارسی شاعرن ہُند خاص اثر پیوٚمُت چھُ تمن منز چھِ حکیم سنائیؔ، شیخ عطار، مولانا رومی، نظامی گنجوی، شیخ سعدی، امیر خسرو تہٕ حافظ شیرازی خاص پاٹھۍ قابلِ ذکر۔ یمن عظیم شاعرن ہندِس ادبی ریواتیس پانناوِنہٕ، ژُزھراوِنہٕ تہٕ برٛونہہ پکناوِنہٕ کوٚشش کران یم شاہکار تصنیفہٕ مولانا جامی بارسس چھُ انان تمن منز چھےٚ سلسلۃ الزہب، نفحات الانس، یوسف وزلیخا بہارستان، لوایح، لوامع، شواہد النبوت، خردنامۂ اسکندری، تحفۃ الاحرار، سبحۃ الابرار۔ لیلیٰ ومجنون، خردنامۂ اسکندری، رسالۂ عروض وقوافی تہٕ رسالۂ موسیقی شامل۔ یمو علاوہ چھُ اکھ ضخیم دیوانِ غزلیات یُس قریباً ہہن ساسن شعرن پیٹھ مشتمل چھُ۔ بیٚیہ مولانا جامی نظامی ہندی پاٹھۍ اکھ یادگار پنج گنج لیکھان چھُ تہٕ چھُ سُہ امیر خسرو ہندی پاٹھۍ پنن دیوانِ غزلیات فاتحۃ الشباب، وسطۃ العُقد تہٕ خاتمۃ الحیات ناوکین ترین حصن منز باگران۔ مولانا جامی ہندین ذاتی وہ ستادن منز چھِ شیخ سعدالدین محمد کاشغری تہٕ قاضی زادہ رومی خاص پاٹھۍ قابلِ ذکر۔ یمن ہنٛز صوفیانہ طرزِچ روحانی تربیت حاصل گژھنہٕ پتہٕ چھِ مولانا جامی خاص عبادات وریاضات کرنکہِ بدولتہٕ نقشبندی سلسلس منز رشاد تہٕ کس انتہائی تھدِس مقامس تام واتان۔ شیخ سعدی ہندی پاٹھۍ چھِ بہارستان لیکھنہٕ برونٹھ مولانا جامی ہم عصر عالمِ اسلام کین واریاہن اہم ثقافتی مرکزن ہنز سیاحت کران۔ خاصکرتھ چھِ تم دمشق (ملک شام) بغداد (ملکِ عراق) سمرقند (تُرکستان) تبریز تہٕ غزنوی (افغانستانس) منز کینژس کالس قیام کران۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ مکہ شریف تہٕ مدینہ پاک گژھنہٕ کسِ تیٚہندِس حجس تہٕ سفرِ محمودس متعلق روح پرور واقعاتن ہُند ذکر خاص مختلف توجیہاتن تحت مشہور اَسی تھے۔

مولانا جامی سٕندین دستیاب تقریباً پانژہن ساسن شعرن ہندِس بیشتر حصس منز چھےٚ نعت گوئی ہنز اکھ بے مثال زیرین لہر ییٚنہٕ موجودگی ہُند باس دِوان، ویسے کلٕہم کلیاتِ جامی پرٕتھ چھُ ننان زِ اُمی عظیم شاعرن چھےٚ تٔمِس اہم صنفن منز باضابطہ نعت گوئی کرٕمٕژ۔ تم صنفہٕ چھےٚ ترجیع بند، ترکیب بند قصیدٕہ، غزل، مثنوی تہٕ رباعی۔

صنفہٕ وار نموٗنہٕ پیش کرنہٕ برونٹھ چھُ جامی صابٕنہٕ مجموعی نعت گوٗیی متعلق تقابلی غرضہٕ ییٚتےٚ وننُ کافی زِ یتھٕ پأٹھۍ امام بوصیری سٕندی نعت عربی عوام کیٚن دِلن منز عشقِ رسوٗلک نقش کھنٛنس منز کامیاب گےٚ تِتھےٚ پأٹھۍ گےٚ مولانا جامی سٕندی والہانہ، شیرین تہٕ پرسوز نعت براعظم ایشیاہٕکس اکس وسیع سطحس پیٹھ کرورٕ بدٕین دِلن عشقِ رسوٗلکۍ آداب ہیچھناونس منز کامیاب۔

مولانا جامیس چھُ تمام عظیم فارسی شاعرن منز یہ امتیاز حاصل زِ تٔمۍ چھُ نعت گوئی منز اکس نٔوِس تہٕ نستعلیق جمالیاتی اظہارس بارسس انان تہٕ آیندٕہ نسلن ہند خأطرٕ تتھ فنی شعوٗرٕچہٕ پختگی سان اکھ مثالی نموٗنہٕ (ماڈل) بناوان۔ یوٗدوٗے تہٕ عقیدتی شاعری ہندۍ ارکانِ ثلاثہ یعنے مناجات، نعت تہٕ منقبت وٕنِس منز ہوٗبے اُستادانہٕ کمال ہاوان چھُ مگر مناجاتس تہٕ منقبتس منز چھُنہٕ تس تیٚتھ امتیاز حاصل ییٚدان ییٚتھ امتیاز عامس کیو خاصس وأنجہٕ گأش عطا کرن وألِس تٔہندِس نعتس بأگہٕ آمُت چھُ۔ کٔشیرِ ہندین شاعرن چھےٚ حضرت جامی ہنز نعت گوٗیی خصوصیتہٕ سان عشقِ رسوٗلکۍ آداب ہیٚچھناوُن وأجنۍ اکھ ترتھ اوتن جی ثابت گأمٕژ یوسہٕ قرآنِ حکیم کیٚن پُرنور لفظن تہٕ شرعِ محمدی کیٚن تقدیر ساز رمزن ہُند عرفان بخشنہٕ علاوٕہ تِہندِ ضمیرکیٚن صدی وادن دٕمتین اندرٕمین تہٕ درگہ باوتھ کران چھےٚ تہٕ اُمی خصوصیتہٕ کنٛۍ چھےٚ فارسی نہٕ زانن وألین کأشرین تہٕ جامی صأبٕنۍ نعت گوٗیی نہٕ فقط ہٕندریمٕژن وأتنٛجن ڈٕکھ ہیوٗژ لہٕ ناوان بلکہ بیمار اُرزوین تہٕ پُر امید اوشن وانہٕ ستۍ غسلِ صحت کرناوان۔ لہٰذا چھُ لأزمی باسان زِ مولانا جامی سٕندین مختلف الاصناف نعتیہ اظہارن ہندی کیٚنہہ نموٗنہٕ پیش کران کران ییٚن کٔشیرِ ہندین کینژن اثر پذیر شاعرن ہندِ کلامکۍ مختصر نموٗنہٕ تہٕ مقالُک حصہ بناونہٕ۔ بلکہ مأیزن منٛزٕ کٔشیرِ منز انتہائی مقبولیت لبنٛتھ ورِدِ زبان بنیمتین ستن اَکھن نعتن ہندی تِمہ شعر تہٕ صحیح متن ہیٚنتھ پیش کرنۍ

یمن سنٛز وارِیاہ عالِمَن غلطی ہُند ارتکاب کران چھِ۔ یہ اقدام چھُ تمن اشارٕ تا خود اصلاحی ہنٛز تحریک دِنہٕ خاطرٕ ضروری باسان۔

مگر اَمہِ اقدامہٕ برونٛہہ پٔھتے یمہٕ کتھہِ ہنٛز واقفیت بہم کرٕنۍ تہٕ ناگزیر باسان زِ کٔلہم پأٹھۍ کیا نظریہ تہٕ عقیدٕ چھُ مولانا جامیس شأعری متعلق اوسمُت۔

گویا اگرأمہِ یہ زانُن آسہِ زِ مولانا جامی سنٛز شأعری ہُند حاوی موضوع کیا چھُ؟ تہنٛز محبوب ترین ہیٔت یا شعرِ ذات کوٚس چھےٚ؟ تہٕ تمہٕ قسمٕچ فنی صنعژ (CRAFTS MANSHIP) ہنٛدی روادار چھِ؟ یمن ترشوٚنۍ سوالن ہُند جواب چھُ مولانا جامی سُنٛد تہِ دار تہٕ بلیغ شعرن سنٛز دِوان مثلاً شأعری ہٕندِس حاوی موضوعس تہٕ پسندیدہ ہیٔتس یا صنفس متعلق تہٕنٛد یہ شعر

دم از سادہ رویانِ رعنا زدم　　غزل را زمہ خیمہ بالا زدم

حاوی موضوعس واضح کران چھِ تم سادہٕ رویان ترکیبہ یہ ڈٔنتھ وژھنے کران زِ تہنٛدی محبوب شاعرانہ کردار چھِ آنحضورؐ تہنٛدی آل واصحاب تہٕ جان نثار غازی۔ یمنے ہٕندِس ذکرِ خیرس چھُ سُہ پنٕنۍ شأعری ہنٛتھ پان وندان تہٕ ونان ؎

بہ صدق وصفاے توان گشت جامی

غلامِ غلامانِ آلِ محمدؐ

اتھ موضوعس یا یمن کردارن ہنٛز پاکیزٕ تہٕ سادٕ زندگی لٕل کھوٗل کرنس پٔھتے مولانا جامیس زیادٕ برابری غزل صنفہ سنٛزے آہرٕ توے چھُ ونان ؎

زدم عمرے از بے مثالان مثل

سرودم بہ وصفِ غزالان غزل

مشہور اُردوٗ غزل گو میر تقی میر سُند یہ شعر چھُ جامی صابنہٕ اَمی شعرُک عکس باسان:۔

گئی عمر در بندِ فکرِ غزل　　سو اس فن کو ایسا بڑھا کر چلے

مولانا جامی ''کباز'' چھُ بحثیت اکھ مٔلی شاعر یمنے پاکیزٕ کردارن حاوی موضوع بنأوِنس لایق زانان تہٕ اصلیت چھُ سُہ خلفاے راشدین ہٕندی اسماءِ گرامی اکہِ اکہِ گنٛز راوِتھ

یتھ پاٹھۍ ونان :۔

خاصِ آلِ پیمبر و اصحاب — کز ہمہ بہتر اند در ہر باب

وز میانِ ہمہ نبود حقیق — بہ خلافت کسے بہ از صدیق

وز پے او نبود ازاں احرار — کس چو فاروق لایقِ این کار

بعدِ فاروق جُز بہ ذوالنورین — کارِ ملت نیافت زینت وزین

بود بعد از ہمہ بہ علم ووفا — اسداللہ خاتم الخلفاء

رضی اللہ عنہم از سوے حق — بہر ایشان بشارتِ مطلق

مولانا جامی چھُ تہندین خصوصی تہٕ امتیازی اوصافن ہنز۔ فضیلت یتھ پاٹھۍ تہٕ فہم کرناوان :۔

بہ تخصیص آنان کہ بے تخت وتاج — گرفتند از تاجداران خراج

یکے ثانی اثنین در کنجِ غار — کہ چون مار شد ناوکِ جان شکار

دویم آنکہ از سکۂ عدلِ اوست — کزین گونہ دنیا و دین سرخ روست

سوم شرمِ گیتی کہ شد بے قصور — ز شمعِ نبوت نصیبش دو نور

چہارم کہ آن ابرِ دریا نثار — نم او کرم، برقِ او ذوالفقار

وون اگرچہ تُہُن آسہٕ زِ مولانا جامی کمن فنی صنعژن تہٕ زاوِ جارن چھُ مرغوب

تہٕ کمن چھُ نامرغوب زانان تمیک عرفان چھُ سُہ یمن لفظن منز باگران :۔

خوش آید در سخن صنعت ز شاعر لیک نے چندا — کہ آرد دور کمالِ معنیِ مقصود نقصانش

خیالِ خاص باشد خالِ روے شاہدِ معنیٰ — چو خال اندک فتد بر رُخ دہد حسنِ فراوانش

وگر گیرد ز بسیاری ہمہ رخسارِ شاہد را — میانِ سادہ رخساران سیہ روئی رسد زانش

یہے فکری تہٕ فنی نظر ہر لحظ ملحوظ نظر آسنکہِ بدولتہٕ چھُ مولانا جامی فنِ شعرس فن شریف

بناوِتھ ہیوکمُت بلکہ چھُ تِمی یتہٕ امتیازک پزریہ اعتماد سان باوِتھ ہیوکمُت زِ :۔

من آن نیم کہ زبان را بہ ہرزہ آلایم — بہ مدح و ذمِ خساں نوکِ خامہ فرسایم

فکری سطحس پیٹھ اَمہٕ قسمک تقدس تہٕ احتیاط ورتاون وول جامی صاب چھُ فنی سطحس

پیٹھ لفظن ہنز ژار تہٕ داخلی موسیقی تہٕ برتہٕ تہٕ پاٹھۍ مسنان اوسمُت۔ نتہٕ ہیکہ ہے نہٕ یہ کتھ

ڈنتھ سہ

نظم را حُسنِ صوت مے باید — تا ازاں حُسن او بیفزاید

مولانا جامی چھُ پننہِ شاعری ہنز کینہہ بییہ ہاو تخصوصیژ یمہ آیہ تہٕ بیان کران :-

ہست دیوانِ شعرِ من اکثر — غزلِ عاشقانِ شیدائی

یا فنونِ نصائح است و حکم — منبعث از شعوُر و دانائی

ذکرِ دُونان نیابی اندروے — کان بود نقدِ عمر فرسائی

مدحِ شاہان درو بہ اِستدعاست — نہ زِ خوشی خاطری و خود رائی

ہیچ جا نبود آن مدائح را — در عقب قطعۂ تقاضائی

یتھ حصس منز ییتہِ مولانا جامی ہنزِ غمناک عشقیہ باوژ ہندی مختلف نموٗنہ پیش کرنہٕ علاوہ تہنزِ امتیازی نعت گوئی ہندی مختلف پہلو نشاندہی کرنہٕ آیہ ین تتہٕ ییہ ضمناً تہنزِ نعت گوئی ہندس اثرس ہاوُنہٕ ییس علامہ اقبالس علاوہ کشیرِ ہندین کینژن اہم شاعرن پیٹھ بیومُت چھُ۔

مولانا جامی ہند پرنوُر سینک عاشقانہٕ تلاطم شاعرانہٕ اندرونک ترنم تہٕ فنکارانہٕ جمالیاتک تکلم چھُ تہندس نعتیہ اظہارس منز پے انتہائی عروجس تام واتان ۔ انھ اظہارس چھُ حُسنِ آنحضرتؐ خوٗر آسنہٕ کِنہٕ زمینی وجوٗدس آسمانی وردن پانٕی پانے ییژرنہٕ یوان ۔ تہٕ زن گوو حقیقی عشقُک پوٗرٕ اظہار آسنہٕ کِنی چھُ اتھ قرآنی آیاتن ہنزٕ والبتہ محکماتی حرفو علاوہ مُتشابہاتی اشارا تن ہندٕ پُر اسرار خلعت تہٕ پلانے ولنہٕ یوان مثلاً یمن کینژن تغزّل پرور شعرن منز :-

آنراکہ بر سر افسرِ اقبالِ سرمد است — سر در رہِ محمدؐ و آلِ محمدؐ است

فرزندِ کاف و نون اند افرادِ کائنات — احمد میانِ آن ہمہ فرزندِ امجد است

مدے کہ ہست بر سرِ آدم علامتے — زان میم و دال دال کہ قدم گاہ احمد است

دندانِ سینِ سُنت و شینِ شریعتش — دندانہٕ کلیدِ بہشتِ مخلّد است

ورح پرور تغزل تہٕ ترنم چھُ ہتھین مخاطبانہٕ شعرن منز بییہ سن کاڈکڈان :-

اے والضحیٰ والضحیٰ جبینت — واللیل نقابِ عنبرینت

طاہا درقی زِ داستانت — یٰسین علمے بر آستانت

تو صاحبِ کانِ کُنتُ کنزاً     اعیانِ رُسل فراخنہ چینت
چوں بر تو خدائے آفرین گفت     جامیؔ چہ سزائے آفرینت!

امہ طرزکہ نعتیہ اظہارُک اثر چھُ کینژ و علم و فضل والیو کاشرِ یو شاعرو بڈ سنجیدگی سان قبوٗل کوٗرمُت مگر امہِ قبولِ اثرُک حق چھُ یژنہ پاٹھۍ فقط دوٚ یو ترٚیے یوَ شاعرو ادا کرِتھ ہیوٚکمُت یِتھین خوش نصیب فارسی گو کاشرِ ین شاعرن منز چھُ مولانا احمد باہہالی مُند ناو سرِ فہرست تھوٗن لایق۔ یہ کتھ چھےٚ نہ کُنہِ جانبدٲری یا علاقٲئی رشتس تحت ونان بلکہ بمصداق "عطر آنست کہ خود ببوید" چھِ تہند تمہ نعتکۍ فقط کینہہ شعر پیش یوان کرنہ یمُو ونان ونانی مولانا احمدس آنحضورن ہُند جلوٚ نصیب سپدنُک واقعہ مشہوٗر چھُ تہٕ یُس نعت ازتہٕ کینژ ہتن بیشتر مسجدن منز دروُدِ حضورس ہتی پرنہ چھِ یوان۔ مولانا جامی ہندۍ پاٹھۍ قرآنی ارشادتن ہُند تلمیحاتی ورتاو کرن والہ تمہ نعتکۍ کینہہ شعر چھِ یم:-

سیّدا روئے والضحیٰ داری     موئے واللیل اذا سجیٰ داری
طائے طاہا طرازِ خلعتِ تو     وز مدثر مہین ردا داری
یائے یٰسین کہ یاسمن بو بیست     گُلِ دستار خوشنما داری
لن ترانی نصیبِ موسیٰ بود     احتزامت لقد رٲیٰ داری
نقشِ نصر" امِنَ اللّٰہت بہ نگین     وز فتحنا بکفِ لوا داری
بہ قرآنے کہ وحیِ تنزیل است     بہ مُعاجز کہ بے عصا داری
بہ شبِ قدر و لیلۃ المعراج     بہ وصالِ کہ با خدا داری
روئے زیبا نُماکہ مُشتاقم     قسم ذاتِ کبریا داری
مسِ قلبم بہ یک نظر زر کُن     کان نظر ہمچو کیمیا داری
بہ ابوبکرؓ و عمرؓ و عثمانؓ     بہ علیؓ آنکہ مرتضیٰ داری
پادشاہا بہ حالِ ما نظرے     کہ عنایت بہر گدا داری

مولانا جامیس کتھ حدس تام چھُ امہِ طرزکہِ نعتیہ اظہارک فیضان پننس مقامی مُرشد احمد جام صابس نِش حاصل یُدمُت ییٚہ بعضے جامی تخلص ورتاوُن وول

یُہندِ سُہ بیشر وکھ اعلیٰ پایُک نعت گو چھُ اوسمُت تمیُک نمونہ ہاونہ خاطرٕ چھ تِہندِ اکہ مشہور نعتکہ فقط یم شعر پیش یوان کرنہ ؎

والضحیٰ لمحۂ خدمت دیدم | قمُ فانذر سہی قدت دیدم
عرش وکرسی وآسمان وزمین | ہمہ زوّارِ مرقدت دیدم
جامی از شوق ہر نفس گویا | یا محمدؐ محمدت دیدم

اتھ مشہور نعتس چھُ کٔشیرِ ہندیو کینژو مشہور شاعرو کاشرس منز ترجمہ کٔرمُت یا جواب لیکھنٕک تمنا ہنٛز بٔنز استعدادٕ موجب تشکلو وُمت مثلاً محمود گامی یمہ آیہ:-

ژیے حبیبِ خدا دِیان وُچھمے | حوٗرِ در خُلد دِنہ وان وُچھمے
روے پاکُک صِفت کرٕی ذاتن | سورٔہے شمس در قرآن وُچھمے

یا امیر شاہ کریری یتھ پأٹھۍ:-

یا رسول کھوٗدژے قدر وشان وُچھمے | صدر بر قدرِ دو جہان وُچھمے
رحمتچ خاصہ چھتر ارسلناک | عالماہ زیرِ سایئبان وُچھمے

اتھ کتھ کُن ییہ بُتھ یہن اشارہ کرنہ زِ مولانا رومی تہ شیخ سعدی ہندی پأٹھۍ چھُ مولانا جامیس تہ عربی زبانۍ ہیٚنٛز اُستادانہ عبوٗر تہ کمال حاصل اوسمُت ییٚتہٕ نس چھُ نعتن کاشُر ترجمہ کرنٕکس سلسلس منز یہ وَنُن دلچسپ باسان زِ محمود گامی تہ امیر شاہ کریری ہندِ کھوتہ کہیا بہتر ترجمہ چھُ مولانا ثناء اللہ کریری دُعاے صبحس منز پرنہ ینہ وٲلِس تتھ نعتس کران یمیُک مطلع چھُ ؛

اِنلت یا ریحَ الصبَا یَوماً اِلیٰ اَرضِ الحرم
بلِغ سَلامی روضۃً فیہا النبیِ المحترم

ثناء اللہ صأبن ترجمہ چھُ ؎

ہا داد واتھنا نوٗتے ییٚتہٕ ڈاپھ ترأوتھ مصطفیٰ
احوال میانی تس وَنکھ سٕے ہوکریم دادٕن دوا

ثناء اللہ صأبنس اتھ اظہارس منز چھے مولانا جامی ہندِ یمہ شعرچ صداے بازگشت تہ کنن گژھان ؎

نسیما جانبِ بطحا گذر کُن

ز احوالم محمدؐ را خبر کُن

مولانا جامی چھُ پانہٕ تہٕ نعت گوٚیی ہندس معاملس منز پننین شیخ سعدیؒ تہٕ امیر خسروؒ ہوٚین روحانی مرشدن بُتھ ہیوٚ استفادٕ کران مثلاً استادِ غزل شیخ سعدیؒ چھُ آنحضورؐن ہُند مدح خوان بنتھ اکس مختصر قصیدس منز پننُن خراجِ عقیدت یتھٕ پاٹھۍ پیش کران :-

| | |
|---|---|
| ماہ فرو ماند از جمالِ محمدؐ | سرو نباشد بہ اعتدالِ محمدؐ |
| قدرِ فلک را کمال و منزلتے نیست | در نظرِ قدرِ با کمالِ محمدؐ |
| آدمؑ و نوحؑ و خلیلؑ و موسیٰؑ و عیسیٰؑ | آمدہ مجموع در ظلالِ محمدؐ |
| چشمِ مرا تا بخواب دید جمالش | خواب نمے گیرد از خیالِ محمدؐ |

مولانا جامی چھُ فخرٕ اتھی بحرٕ تہٕ لفظتس کام ہیتھ بہن بندن تہٕ ۹۶ شعرن پیٹھ مشتمل پننُو سارؤے کھوتہٕ سرس نعتیہٕ ترجیع بند لیکھان۔ تمیک یہٕ ستم بند چھُ شیخ سعدی بندٕ اظہارُک ہوبہو عکس باسان :-

| | |
|---|---|
| ماہ بود عکسے از جمالِ محمدؐ | مُشک شمیمے ز زلف و خالِ محمدؐ |
| در چمن فاستقم قدم ننہادہ | سرو ولئے بہ اعتدالِ محمدؐ |
| حرف شناسانِ نقشِ کلکِ قدم را | صد مدد آمد ز میم و دالِ محمدؐ |
| یافت چوں روے بتان ز خالِ معنبر | دین ھدیٰ زینت از بلالِ محمدؐ |
| روزنہٕ بکشا کہ تافت بر ہمہ عالم | پرتوِ خورشیدِ بے زوالِ محمدؐ |
| دستِ بدامانِ آل زن کہ نباشد | جز بہ محمد مآلِ آلِ محمدؐ |

کاشُر زبانۍ مختلف طریقو مالامال کرن وول محمود گامی تہٕ چھُ اَتھ نعتیہ اظہارس لولہٕ تہٕ لاے کرٕتھ امہٕ قسمک ترجیع بندُک اہتمام کران مگر وونِک شعرن لاگتھ کنۍ چھُ شہ اتھ ہیئتِ غزلچی اکھ سونہٕ ہٕری کرتھ بینکہ ہانکل بناوان۔ بطورِ ثبوت چھِ اتھی بحرِ منز "محمدؐ" ردیف بناوتھ محمود گامی ہندین پانژن فارسی نعتن ہندی یم مطلع پیش :-

| | |
|---|---|
| ۱۔ ما تحفہ چہ سازیم بہ ارسالِ محمدؐ | صلِ اللہ علیہ و علیٰ آلِ محمدؐ |
| ۲۔ شد جان و دلم والہ و شیدائے محمدؐ | در دیدہ کشم خاکِ کفِ پائے محمدؐ |
| ۳۔ موجود شدہ از قدم آن ذاتِ محمدؐ | وز عرش بلند رفعت و درجات محمدؐ |
| ۴۔ خورشید بدان ذرہ ے از روئے محمدؐ | محراب ہمہ قدسیاں ابروے محمدؐ |
| ۵۔ کونین ہویداست ز انوارِ محمدؐ | خورشید خجل گشت ز رخسارِ محمدؐ |

نعت گوئی منز ینہِ پیشرون امہِ قسمُک استفادٕ کرن وٕنۍ مثال چھنے شیخ سعدیؒ ہُوس بزرگ شاعرس نِش تہٕ میلان۔ چنانچہ تمہِ یُس مختصر ترین تہٕ مقبول ترین ژُ مصرعی عربی نعت بنیہِ گلستان ناوِچہ کتابہِ منز لفظن منز ڈیکہِ ٹیکہِ بنوومُت چھُ سہ

بلغ العلےٰ بکمالہٖ
کشف الدجےٰ بجمالہٖ
حسنت جمیع خصالہٖ
صلوا علیہ و آلہٖ

سُہ نعت چھُ براہِ راست امام یافعیؒ سندس اُکس ہتس تہٕ شیتھن بندن پیٹھ مشتمل ژیٹھس نعتس منز شامل اکہ بندکین لفظن مُنہ فقط پس و پیش یا تقدیم و تاخیر ہاون وول مکمل عکس باسان۔ امام یافعیؒ بندِ ژیٹھِ نعتُک سُہ بند چھُ یتھ پاٹھۍ سہ

بکمالہٖ بلغ العلےٰ
بجمالہٖ کشف الدجےٰ
بقدومہٖ زال الوبا
صلوا علیہ دائما

مولانا جامیؒ چھُ مشہور پیشرون استفادٕ کرن سوٗدٕ یم نہج تہٕ نعت گوئی منز پایہ ناوان یتھ تحت کاُنہ قصیدہٕ گو ہنز ورتاو مژ بحر تہٕ مثنوی خاطرٕ ورتاوٕ نہ پچھنے یوان۔ مثلاً ژوٗرمہِ صدی ہجری ہندِس منوچہری سُند یُہ شعر دستی شروع گژھن دول قصیدٕ سہ

| | |
|---|---|
| الا یا خیمگی خیمہ فروہل | کہ پیش آہنگ بیروں شد ز منزل |

| | |
|---|---|
| نمازِ شام نزدیک اوست امشب | مہ و خورشید را بینم مقابل |

مشہور مثنوی یوسف وزلیخا اُتھی بحرس منز دِنن وول مولانا جامی چھُ عالمہ شہرت بن وول سُہ نعت امی طرزِ تخاطُب سان آنحضورس ﷺ کُن وَنان:

| | |
|---|---|
| زمہجوری برآمد جانِ عالم | ترحم یا نبی اللہ ترحم |
| نہ آخر رحمۃ للعالمینی | زمحرومان چرا فارغ نشینی |
| زخاک اے لالۂ سیراب برخیز | چو نرگس خواب چند از خواب برخیز |
| بروں آور سر از بردِ یمانی | کہ روئے تست صبحِ زندگانی |
| شبِ اندوہِ مارا روز گردان | زِ رُویت روزِ ما فیروز گردان |

| | |
|---|---|
| بدہ دستے زِ پا اُفتادگاں را | بکُن دلداریٔ دلدادگاں را |
| اگرچہ غرقِ دریائے گُناہیم | فتادہ خشک لب برخاکِ راہیم |
| تو ابرِ رحمتی آں بہ کہ گاہے | کُنی برحالِ لب خشکاں نگاہے |

یہ بحر گژھ اہ سازگار چھنہٕ مولانا جامیس نعت گوئی خاطرٕ باسان تمیک ثبوت چھُ اتھ منز ژور وکھ تہٕ زیادٕ نعت ڈیٖتھ دِنہٕ آمُت۔ چنانچہ چھُ سُہ مشہور نعت تہٕ اَتھی بحرس منز۔ یمیک مطلع صُبحکس واوس وکیل بنٲوِتھ وَنان سہ

نسیما جانبِ بطحا گزر کُن
زاحوالم محمد ﷺ را خبر کُن

بٮ۪یو کینژو کٲشرِ شاعرو علاوٕ چھُ ییٚنیک مشہور نعت گو عبدالاحد نادم اَتھ نعتس اَمی طرزِ تخاطب سان تضمین لیکھنچ کوشش کران تہٕ وَنان:۔ سہ

| | |
|---|---|
| ژٕ نے اے بادِ صبا طاقت ہبا چھےٚ | نشا وانکھ جزا ضایع نبا چھےٚ |
| ژٕ جستہ دست بستہ گژھ ہتہٕ راہی | وَنس آہستہ آہستہ کمٲہی |
| شہنشاہا شفاعت دستگاہا | کران چھےٚ عرض کوشُر عُذر خواہا |
| زِمہجوری برآمد جانِ عالم | ترحم یا نبی اللہ ترحم |

والہانہ عشقِ رسوٗلس باوتھ کرنِ واجنیٚ مولانا جامی بننہ. ممتاز نعت گوئی پھنے محمود گامی تہٕ عبدالاحد نادم ہندی پاٹھۍ ہنہ بدِن شاعرن ہندس تخلیقی شعوٗرس تہٕ عشقیہ اظہارس کاڈ کرڈ ناوان ۔ دراصل چھ عشقِ رسوٗلکس اُمس شہہ ڈُنگہ بندِ شاعرانہ تجربکۍ ہر جانہ دُرج تہٕ موٗختہ پھٹلر دردِ سوزٕ والین جمالیاتی اظہارس پرتھ کاہنہ بہرٕ گی ژٕلنا وان تکیاز ژکہٕ چھُ عشقکُ یہ ترجمان دردوغمہ ہے شادمانی ہُند موٗلُل سرمایہ زانان ۔ اَتھ موٗلُل سرمایہ زانَنکُ برجستہ اظہار چھُ خود مجبوٗبس تھی تہٕ کران ۔ مثلاً یتھ پاٹھۍ ؎

| | |
|---|---|
| اے غمت تخمِ شادمانی ہا | وصلِ تو اصلِ کامرانی ھا! |
| کردہ ام گم بہ کوے عشقِ دلے | بروے از داغ تو نشانی ھا |
| نکتہ جو بان عشق را شرط است | سادہ بودن ز نکتہ دانی ھا |
| بقعہ خیر ماست گوشۂ غم | لیس فی الکائنات ثانی ھا |

مگر عشقہ غم حبیب یُنے چھُنہ کافی اَمہ غمہ نِشہ تمتُع گیرِتھ لذت پذیر یِندنکُ ولوہار تہٕ اظہار نیٚچھُن چھُ حقیقی سعادتمندی بخشان ۔ یہے سعادتمندی پھنے مولانا جامیس وِنہ ناوان :- ؎

| | |
|---|---|
| مرا شد جامۂ جان از غمت چاک | بیا اے آرزوے جانِ غمناک! |
| نہ رفت از لوحِ دل نامت اگرچند | ز لوحِ آب و گل شد نقشِ من پاک |
| نہانے ہر شبے آیم بہ کویت | گریبانے دریدہ دامنے چاک |
| گہے از درد ریزم خاک بر سر | گہے از شوق مالم روے بر خاک |

طاق مِصرعن منز، ودتلاد نہٕ آسُت غمِ عشقکُ ولوہار تہٕ جُفت مِصرعن منز اَمیُکُ اظہار چھُ عقلہ مقابلہ مزٕ پڑاونکُ جواز محسوٗس کرناوان ۔ یُہے جواز چھُ خود جامی صابس مولانا روٗمی ہندی پاٹھۍ مادی تعلقاتن ہُند ژھر یرٕ تہٕ بے دفایی ہاوِتھ غمِ عشقس یامژرس مِے گُلرنگ نا دِکرنا وان تہٕ اَتھ عقلہ بیٹھ یمہ آیہ ترجیح دیاوِ ناوان : ؎

| | |
|---|---|
| من اے ساقی نہ آنم کز مے گلرنگ بگریزم | مے گلرنگ دہ کز عقلِ پُر نیرنگ بگریزم |
| چنان در پردۂ دل اُنس شد با نغمۂ دردم | کہ نخواہم از صداے عود و صوتِ چنگ بگریزم |

ییلہ اُکس عاشقِ رسول سُند عشق تہٕ غم باہم اَکھ واس کرِتھ وجد آفرین رقص کرُن چھُ

ہیوان ۔ تیلہٕ چھُ یقیناً خوٗر تہٕ ملک ہتھ کُل عالمس وجد طاری باسان ۔ پٔرِ ھی روح پرور پاکیزٕ بکٕنہٕ ہُند باس چھُ مولانا جامی ہُندِین یِتھین عاشقانہٕ شعرن پٔرِتھ تہٕ لگان :-

| | |
|---|---|
| اے دل و دیدہ ہر دو خانۂ تو | سر من خاکِ آستانۂ تو |
| ہمہ تن گوش مے شوم از عشق | ہر کجاے رود فسانۂ تو |
| ہر کسے خوش بہ گوشۂ طربے | من و غم ہاے بیکرانۂ تو |
| جامیا بوے دردمے آید | از غزل ہاے عاشقانۂ تو |

نیم جلوچ یہ کیفیت حواسن پیٹھ طاری گژھنہٕ پتہٕ ییلہٕ اُرزٕوین ہُندِ رقص روحس وٕدہ لسنس انان چھُ اَتی چھِنے مولانا جامی ہوس عاشقِ صادقس تہٕ ابتذالچہ رکنہٕ گژھنہٕ ہیوان تہٕ سُتہٕ چھُ تغزلہٕ کِس تھرٕ رس واتتھ نعتیہ اظہارس منز ییٚتھی ہوی شعر وَنتھ گژھان :-

| | |
|---|---|
| رُوحی فداک اے صنمِ ابطحی لقب | آشوبِ ترک و شورِ عجم ، فتنۂ عرب |
| ہر کس نیافت جرعۂ از جامِ وصلِ تو | زین بزمگاہ تشنہ جگر رفت و خشک لب |
| تا زُلف تو نشست و رخت آفتابِ چاشت | والّیل والضحیٰ ست مرا وردِ روز و شب |

بلکہ چھُ امہٕ قسمکہٕ عشقُک اثر طاری گژھنہٕ پتہٕ جامی صاب پٔرِتھ ہِشہٕ کتھ تہٕ وَنتھ گژھان :-

| | |
|---|---|
| اے بروٗختہ ہر نفس مہر دل ما فزون | وجہک شمس الضحیٰ نحن لہٗ عابدون |
| ابرو و قدِ خوشت صورتِ "نون والقلم" | نقشِ خطِ دلکشت معنیٔ ما یسطرون |

ییلہٕ مولانا جامی یہ آنہہ تقدس و بزرگی عشقِ رسولُک اظہار کران امہٕ قسمہٕ ابتذالک مُرتکب سپدِتھ ہیکہٕ نیلہٕ کیازٕ چھُ تہٕندِین مریدن ہندِس مُرید رسولِ میرس پُس بہر حال مقابلتاً اتھ وَنہٕ منز اکھ نو آموز چھُ تہٕ یُس اکھ نیم جلوک منظر نامہ یمہٕ آیہٕ پیش کرن چھُ ہیوان

| | |
|---|---|
| زِ لٔہ از آم دلبر الحمد للہ | دوتم سٕہ دربرٕ الحمد للہ |
| منز باگ ہینس زن آینس | ہیو تم سٕہ جوہر الحمد للہ |
| مہر وے موے نور تجلّی | اللہ اکبر الحمد للہ |
| چ کھوت برافلاک چھُس تاجِ لولاک | سُے سون سرور الحمد للہ |
| چھُ وصف یٰسین تعریف طٰسین | حامیم زیور الحمد للہ |

رسوٗل چھُ عاشقن تس میٖٹھ بلاشک  نالی سخنور الحمد للہ

اُتھ الف تہٕ ج نعتیہ اظہارس درمیان چھُ رسوٗل یس رٕنسوانی لفظت اختیار کٔرتھ ینہٕ ہو
ابتدالگ ازنکاب کٔرتھ گرتھان۔

ے  چھےٚ تینٛھ قدتس تی نشوبہ سورگس  طوٗبی تہٕ کوثر الحمدُ للہ
لجسے بہٕ شاہس تس کج کلاہس  یس غمزہ لشکر الحمدُ للہ
وُچھنن تہٕ قاتل گرنس بہ بسمل  تس آوے سر الحمدُ للہ

وحدۃ الوجودی نظریکٕ عظیم صوفی شاعر بنتھ ییلہٕ مولانا جامی رسولِ نازنین پسترن تمن
ہندس سجرابس پاک باطن دیندارن ہُند معنوی قبلہ قرار دِتھ ونان چھُ :- ے

زہے اَبرویت قبلۂ پاک دیناں  بہ نازِ تو خوش خاطرِ نازنیناں
توئی ترمنِ حسن و ہستند برتو  نظر دوختہ ہر طرف خوشہ چیناں

اُتی چھُ وحدۃ الشہودی نظریکٕ غار صوفی شاعرِ مشرق علامہ اقبال حضن جامی ہندی پاٹھی
حسنِ رسولہٕ کین خوشہٕ چینن منز شامل ییدتھ پختہ عاشقن اَمہٕ قسمکٕ گفتار کٔرن رواآسنکٕ
دِگہ اعلان کران تہٕ ونان :- ے

مرا از منطق آید بوے خامی  دلیلِ او دلیل ناتمامی
بر ویم بستہ در ہا را کشاید  دو بیت از پیر رومی یا ز جامی

امامِ غزالی تہٕ پیر رومی ہندی پاٹھی چھُ مولانا جامی تہٕ فلسفس تہٕ منطقس حقیقی عشقس
مقابلہ "پاے چوبین" یا ہچو زنگہٕ لاگنھ یکن دول دنہٕ گنھ زانان بلکہ چھُ تمن تہٕ حقیقی دینہٕ کِنہٕ
غفلت درتاون دالین تمن ہنز گیچہ گنڈان تہٕ ونان ے

تعالیٰ اللہ زہے شاہِ یگانہ  زہے حسن و جمالِ جاودانہ
مجو اسرارِ عشق از خلوتِ شیخ  چہ داند نطقِ طوطی مرغِ خانہ

علامہ اقبال چھُنہٕ فقط مولانا جامی ہستن اَتھ دبیتی منز درتاونہٕ آمژ بحر ہندس
بنیادس پیٹھ تتھے پاٹھی پننہٕ آخری تہٕ یادگار کتاب ارمغانِ حجاز تخلیق کران۔ بلکہ چھُ اتھ
دوبیتی منز ورتاونہٕ آمتین لفظن تام مختلف آیہٕ تعویزہٕ کران مثلاً یمن ددن دُبیتین
منز :- ے

لہ بہ ایں پیری رہِ یثرب گرفتم    نوا خوان از سرورِ عاشقانہ
چو آں مُرغے کہ در صحرا سرِ شام    کُشاید پر بہ فکرِ آشیانہ

تہٕ پَرَ در وُسعتِ گردوں یگانہ    نگاہِ او بہ شاخِ آشیانہ
مہ و انجم گرفتارِ کمندش!    بدستِ اوست تقدیرِ زمانہ

عشقِ رسولؐ چھُ مولانا جامی ہندی پاٹھی علامہ اقبالس تہٕ وطنکہ محدود قیدہ نشہٕ آزاد کرِتھ حجازک عالمگیر جانا وار بناوان۔ چنانچہ ییتہٕ مولانا جامیؔ پننہٕ روح تہٕ لے دہ شوے حجازی آسنک اعلان ییتھ پاٹھی کران چھُ زِ،

تنِ من خاکِ عجم مرغِ دلم مرغِ حجاز    تنم اینجاست ولے جان و دل آنجا دارم

تتہٕ چھُ ترانہٕ وطنکُ واجبی کھارات تمی ترانہ لیکھت اداکرن ودل علامہ اقبال تمی شعور پوختہٕ یُدتھ ع ہر مُلک مُلکِ ماست کہ مُلک خدائے ماست ییوٗ اعلان کرنہٕ علاوہ حضن جامی ہندی پاٹھی ونان: ۔

تنم گُلے زِ خیابانِ جنتِ کشمیر    دِل از حریمِ حجاز و نوا زِ شیراز است

حجازس یا مکہ مدینس ییتہٕ زُو کھوتہٕ لوٗٹھ زانن ودل مولانا جامی چھُ مسلمانن پرِیتھ محدود مکانی تعصبہٕ نشہٕ آزاد تھوٚونچ واحد وَتھ مثالی معاشرٕ تشکیل دِنہٕ والہِ دیارِ حبیبک یعنے مدینہ ے پاکُک واجبی لول زانان۔ توے چھُ ۲۳ ہن شعرن ہینٛد مشتمل شہرنی یکُ شہ لاثانی تہٕ لافانی قصید لیکھان ییمکی دہ شعر ییتہٕ تس تبرُکا درج چھ کرنہٕ یوان!۔

مائیم کہ چوں لالۂ صحرائے مدینہ    داریم بہ دل داغِ تمنائے مدینہ
سودائے بہشت از سرِ دانا برود لیک    ممکن نبود رفتن سودائے مدینہ
ہرگز بہ تماشائے بہشتت نکشد دِل    گر چشم کُشائی بہ تماشائے مدینہ
بکشائے چوگُل گوش کہ از وحیِ الٰہی است    گلبانگِ زنان مرغِ خوش آوائے مدینہ
کعبہ کہ بود بادیہ پیمائش جہانے    خواہد کہ شود بادیہ پیمائے مدینہ
پا کردہ زِ سر کُن زِ مدینہ طلبِ دین    کز سر ہمہ دین آمدہ تا پائے مدینہ
از میم مدینہ بنگر اینک کہ چگونہ    دین است مرتب شدہ تا ہائے مدینہ
کوثر کہ شنیدی نبود تشنہ دلان را    جز ساغرِ آب از کفِ سقائے مدینہ

هر چند که خاکِ خراسان شده محبوس ‏ ‏ ‏ جامی که بود عاشقِ شیدائے مدینہ

دارد بجود امید که فردائے قیامت ‏ ‏ ‏ سر بر زند از شقۂ خارائے مدینہ

کٲشِر منز مولانا جامیس پرٕنہٕ پاٹھۍ استفادہ تہٕ پٲروی کرن والیو منز چھ محمود گامی یُن تہٕ رُسل میرُن ہم عصر عبدالاحد ناظم (وفات ۱۲۶۶ھ) تقریباً دۄن ہتھن ؤری عبدالاحد نادمس (وفات ۱۳۲۹ھ) برونٛہہ کٲشرِس منز۔ وٕژن چالہٕ تہٕ وٕلون چالہٕ نعت لیکھنس باضابطہ پاٹھۍ بارس انان۔ مدینہ ے پاکس متعلق جامی صابنس اتھ قصیدس چھ ناظم یہے بحر ورتاوِتھ پندہن شعرن پیٹھ مشتمل کٲشُر جوابی نذرانہٕ پیش کران بطورِ نمونہ چھ ناظم صابنۍ فقط پانژھ شعر پیش:-

چھٕس دۄر ہیومُت گرٛھتھ رۄدُم یارِ مدینس ‏ ‏ ‏ تمہٕ نورٕ روشن گے درودیوار مدینس

گل روے، عنبر بوے، سنبل مُوے نرگس چشم ‏ ‏ ‏ تمہٕ حسنٕ پھولمُت جنتُک گلزار مدینس

مازاغ چشمن چھکنہٕ نیٚندر از غمِ اُمت ‏ ‏ ‏ بتہٕ سوزٕ گرٛھتھ روزٕ ہا بیدار مدینس

سوے جاے بہتر پیشِ حق از کعبہ واز عرش ‏ ‏ ‏ یتھ جایہٕ ہینتھ پانہٕ تہٕ سردار مدینس

بیچارٕ ناظم آرزو ہیٚنتھ چھے یوٚہے دردل ‏ ‏ ‏ گرٛھ ہا بہٕ رِدان نالہٕ دِوان زار مدینس

مختلف تقلیدی مثالہٕ پیش کرنہٕ باوجود چھُنہٕ یہ پزر تسلیم کرنس کانہہ چارٕ لگان زِ مولانا جامی سٕنز پرٛزلونہٕ نعت گوئی برونٛہہ کُنہٕ پھٕے اکثر کٲشرین شاعرن ہنز جوابی کوشش تِتھے پاٹھۍ کاژنان یِتھ پاٹھۍ آفتابس برونٛہہ کٕنہٕ ژۄن کاژنان تہٕ مند چھان پھٕے۔ بہرحال اَمِس عظیم فارسی نعت گوس منز یوسہ امتیازی خصوصیت وُنسنام بیٚیہ کانٛسہٕ عجمی شاعرس حاصل چھنہٕ سیدٕ تھ ہیچھ ز سو پھٕے فنی تہٕ جمالیاتی کھوچہٕ پیٹھ پرٛتھ لحاظ پانہٕ نیرن واجینۍ جامی صابنۍ والہانہ، عاشقانہ تہٕ مکالماتی خوش کلامی۔ مثلاً یِتھین شعرن منز:-

یسار است دُنیا یمین آخرت ‏ ‏ ‏ بزیرِ نگینت یسار و یمین

چو طوبیٰ بہ نعلین تو سودہ سر ‏ ‏ ‏ رسیدہ سر او بہ عرشِ برین

سگِ بندگانِ تو جامی کہ ہست ‏ ‏ ‏ سگانِ ترا بندہ ے کمترین

یا یتھ شعرس منز:-

یا رسول اللہ بسوے خود مرا راہے نمای ‏ ‏ ‏ تا ز فرقِ سر قدم سازم ز دیدہ پا کنم

پرٛتھ خوش بیانی تہٕ شیٖرین کلامی ہیٚکہِ آنحضورؐ دیدمان تسٕی حاصل پیٚدِ تھ یُمہِ ہنٛزِ پانس پیٚہ ذُ تیٛتھ مطلوب بہِ رۄحانی تربیت کرُمٕژ آسہ زسہ

روےِ دل در لقاےِ سرمد باش

نقدِ جان زیرِ پاےِ احمد باش

بہرحال یہ چھُنہٕ ممکن زِ نعت گوئی ہنٛدِس مولانا جامی ہوٚس بحرِ ذخارس کیا ہیٚکہِ اَکھ پیٚہ مقالس منٛز احاطہ سیٚدِ تھ۔ لہٰذا چھُ مناسب یِی باسان زِ وۄنی کرٕ بہٕ کٲشرِ منٛز مِیدِ یو پیٚٹھ رٲیج رۄدی مِتیٛ بلکہِ کٲشرِ ایرانِ صغیر ناو دیاونس منٛز ٹیٛٹھ پاٹھی حصہ دار رۄدی مِتیٛ کیٛہن تیٛتھی نعت ییٚتہِ نس جُزوی طور درج یِمن ہنٛد متن واریاہن مجلسن منٛز غلط پاٹھی پرنہٕ یِوان چھُ۔ حاضرِ ینٛو منٛزہ آسن واریاہ دوست یہ کنٛتھ زانان زِ درود نجات یا باقی ختمات پرنہٕ چین خاص مجلسن منٛز چھُ مولانا جامی سٕندِ سہٕ نعت بہٕ غلطی بطورِ اکھ مناجات پرنہٕ یِوان یُس شیخ سعدیؒ ہنٛدِس ع ہمچو کلہے عاجزم کوہے گناہ آوردہ ام "نقش قدس پیٹھ وننہٕ چھُ آمُت۔ شیخ سعدی چھُ تیٛتھ یا الٰہ العالمین تخاطبہٕ سٟتۍ شروع کرِتھ باضابطہ پاٹھی مناجات بناوان ییٚلہِ زِ مولانا جامی سٕتن بندن پیٹھ مشتمل نعتیہ ترکیب بندس منٛز پننس تخلیقس بندمِس بناوِتھ تہٕ ع یا شفیع المذنبین تخاطبہٕ سٟتۍ شروع کرِتھ باضابطہ پاٹھی نعتچ صورت لبناوان چھُ۔ ایرانس منٛز سیٛٹھاہ اہتمامہٕ سان چھاپنہٕ آمژ تہٕ آقای ہاشم رضی منٛز ترتیب دِژمژ دیوانِ کامل جامی" پیٚٹھے اَمہِ نعتک متن یمہِ آیہِ ہاوان تہٕ یِوہے چھُ اَکھ صحیح تہٕ بنیادی متن :۔ سہ

| | |
|---|---|
| یا شفیع المذنبین بارِ گناہ آوردہ ام | بر درت این بار با پشت دوتاہ آوردہ ام |
| چشمِ رحمت برکشا موےِ سفیدِ من نگر | گرچہ از شرمندگی روےِ سیاہ آوردہ ام |
| آن نمے گویم کہ بودم سالہا در راہِ تو | ہستم آں گمرہ کہ اکنوں رو براہ آوردہ ام |
| عجز و بے خویشی و درویشی و دل ریشی و درد | این ہمہ بر دعویِ مشقت گواہ آوردہ ام |
| دیوِ رہزن در کمین نفس و ہوا اعداءِ دین | زین ہمہ با سایۂ لطفت پناہ آوردہ ام |
| گرچہ روے معذرت نگذاشت گستاخی مرا | کردہ گستاخی زبانِ عذر خواہ آوردہ ام |
| بستہ ام بر بکید گر نخلے زخارستانِ طبع | سوےِ فردوسِ بریں مشتے گیاہ آوردہ ام |

دولتم این بس کہ بعد از محنت و رنج دراز     بر حریم آستانت مے نہم روے نیاز

اتھ نعتس برعکس چھُ شیخ سعدی سُند مناجات باضابطہٕ پاٹھۍ بطورِ توبہ ونہٕ آمُت پنانچہ چھِ تمکۍ شعر پانٕے امہٕ خصوصیچ شہادت پیش کران مثلاً یِم شعر :-

چار چیز آوردہ ام شاہا کہ در گنج تو نیست     نیستی و حاجت و عذر و گناہ آوردہ ام

توبہ کردم توبہ کردم رحم کن رحمت نمائے     چوں بدرگاہ تو خودرا در پناہ آوردہ ام

بر گناہ من مبین و بر کرم خود ببین     زانکہ بہر ہر مرض توبہ دوا آوردہ ام

(شاید چھُ دوا بدلہٕ اَتھ بدل گُتنام لفظ قافیہ)

ترجیع بند ناوچہ شعر ذاتس منز چھُ گوڈے شیخ سعدی سُندس اثرس تحت ونہٕ آمتہٕ جامی صابنہٕ "جمالِ محمدؐ" تہٕ "کمالِ محمدؐ" ہوین قافین تہٕ ردیفن ہند نمونہٕ پیش کرنہٕ آمُت ۔ وونی چھُ پیش قصیدٕچ صنفہٕ منز ونہٕ آمتین تہندین نعتن ہند بطور سلام تخلیق شُدمُت یہ نمونہٕ یُس کنہِ سِن شعرن میٛنژ مشتمل تمہٕ قصیدُک تشبیب چھُ یِتھ عنوان چھُ "سلامے است بر روضۂ پاک او" قصیدہ کہ تشبیبہٕ منز تہٕ چھِ فقط یِم شے شعر پیش :-

سلامٌ علیک اے نبیِ مکرم     مکرم تر از آدم و نسلِ آدم

سلامٌ علیک اے ز آبائے علوی     بہ صورت مؤخر بہ معنی مقدم

سلامٌ علیک اے ز اسماءِ حسنیٰ     جمالِ تو آئینۂ اسمِ اعظم

سلامٌ علیک اے بہ ملکِ رسالت     ترا خاتم المرسلین نقشِ خاتم

سلامٌ علیک اے ثنا سابہ صدسر     کہ روح الامین در یکے نیست محرم

سلامٌ علیک اے ز ابرِ نوالت     مرا کشت زارِ امل سبز و خرم

اتھ کتھہِ کُن چھُ گوڈے اشارہٕ کرنہٕ آمُت زِ مولانا جامی سُند بیشتر کلام خاص کرتھ بیشتر نعت چھِ غزلٕ صنفہٕ منز تمو سے منز چھِ کینہہ کشیرِ منز رائج لہٰذا چھِ تہند جزوی متن پیش کرنس میٛنژ اکتفا کرُن مُناسب باسان ۔

گوڈٕ چھُ سٹھاہ مقبولیت تھون والہٕ یمہٕ نعتہٕ کین زبان زد شعرن ہند صحیح متن پیش :-

کے بُود یارب کہ رُو در یثرب و بطحا کُنم     گہ بہ مکہ منزل و گہ در مدینہ جا کُنم

بر کنارِ زمزم از دل برکشم یک زمزمہ     وز دو چشمِ خون فشان آن چشمہ را دریا کُنم

یارسول اللہ بسوے خود مرا راہے نماے
نازِ فرقِ سر قدم سازم ز دیدہ پا کُنم

آرزوے جنتُ الماوا بروں کردم زِ دل
جنتم ایں بس کہ بر خاکِ درت ماوا کُنم

نواہم از سوداے پابوست نہم سر در جہاں
یا بہ پایت سر نہم یا سر درین سودا کُنم

مُردم از شوقِ تو معذورم اگر ہر لحظہ ے
جامی آسانا ئہ شوقِ دگر انشا کُنم

وٕہ ذٕچھ جامی صابنہ اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ مقبوٗل تمہٕ نعتکہ زبان زدٕ شعر پیش یمیٕک متن ایرانس منز چھاپنہٕ آمٕژن داریاہن دیوانن منز درج چھُنہٕ کرنہٕ آمٕت ۔ نعت چھُ :۔

تو جانِ پاکی سر بسر نے آب نے خاک اے نازنینؐ
واللہ زجان ہم پاک تر روحی فداک اے نازنینؐ

پاکاں ندیدہ روے تو دادند جان بر بوے تو
اینک بگردِ کوے تو صد جانِ پاک اے نازنینؐ

رفتی بہ گلگشت چمن، گل دید لطفِ آن بدن
کز شوقِ آن بر خویشتن زد جامہ چاک اے نازنینؐ

دارم زغم بیماری ے' بیمارِ غم را یاری ے
گر تو کُنی غمخواری ے از غم چہ باک اے نازنینؐ

گر شد چو لالہ پیکرم' غرقابِ خون کے غم خورم
این بسکہ بر دل مے بُرم داغت بخاک اے نازنینؐ

جامی کہ دارد با تو خو، ہرگز نتابد از تو رُو
گر خود نہی بر فرقِ اُو تیغِ ہلاک اے نازنینؐ

وٕ ذٕچھُ تغزل تہٕ موسیقیتہٕ رُنگی دل وٕ لسنس انن والہِ اَمہِ غزل نما نعتچہ کھوتہٕ مقبوٗل تر نعتُک متن پیش۔ یتہٕ چھُنہٕ جامی صابنین کینژن دیوانن منز درج میلان ۔ اَمہِ کین زبان زدٕ شعرن ہُند صحیح متن چھُ یتھ پاٹھی :۔

عارض است این یا قمر یا لالۂ حمراست این
یا شعاعِ شمس یا آئینۂ دلہاست این

یارب این طاق است یا محراب یا قوسِ قزح
یا ہلالِ عید یا ابروے یارِ ماست این

چشم نرِ آہوست یا جادوست یا صیادِ خلق
یا دو بادامِ سیہ یا نرگسِ شہلاست این

حقۂ لعل است یا سرچشمۂ آبِ حیات
یا دہن یا میم یا طوطیِ شکر خاست این

یارب این خورشید تابان است یا ماہِ تمام
یا فرشتہ یا ملک یا شوخِ بے پرواست این

قامت است این یا الف یا سرو یا نخلِ مراد
یا مگر گلدستۂ باغِ جنان آراست این

طوطیِ شیرین سخن یا قمریِ باغِ بہشت
بلبلِ بے خانماں یا جامیِ شیداست این

جلوہٕ رسولِ اکرمسؐ تہٕ شمایلِ شریفس نکھہ واتنا دن والہِ بیٚیہ سراپا نگاری تہٕ تشبیہ کاری ہنز بہترین مثال پیش کرن والہِ امہِ غزلیہ نعتہٕ پتہٕ چھُ یہ مقالہ رباعی منز کرتہٕ آمتس جامی صابنس

نعتیہ اظہارس پیٹھ اند واتنا وِنہٕ پِوان۔ مولانا جامیؒ سٕنزٕن دستیاب تقریباً ڈاین ہتن رباعین منز چھُ بیشتر توحیدُک تہٕ خداے واحدس ستۍ ہمکلام پدنُک پہلو حاوی۔ اتھ معاملس منز چھُ مولانا جامی ٹاکارپاٹھۍ حضرت بہاء الدین نقشبندؒ سٕنز مُتابعت کران۔ اَتھ صنفس منز چھُ تاہم جامی صابن سیٹھاہ کم نعتیہٕ اظہار کورمُت۔ اماپوز مقدارہ کِنۍ کم آسنہٕ باوجود چھُنہٕ اتھ صنفہِ منز کرنہٕ آمُت تہٕند نعتیہٕ اظہار معیارہ کِنۍ بیٚیوٚ صنفو کھوتہٕ کُنہٕ رنگہٕ کمتر۔ باسان مثالہِ پاٹھۍ چھےٚ فقط زٕ رباعی پیش۔ گوڈنِچ رباعی چھےٚ:-

اے خاکِ درت کعبۂ اربابِ خصوص
نازل شدہ ز آسمان بہ وصفِ تو نصوص

از پرتوِ روے و خاتمِ لعلِ لبت
ظاہر شُدہ سترِ لمعانست و فصوص

دوٚیِم عالمگیر شہرتہٕ واجیٚنۍ نعتیہٕ رباعی بلکہ شیخ سعدیِ ہندِ "بلغ العلیٰ بکمالہٖ" والہِ نعتکۍ پاٹھۍ مختصر ترین تہٕ مقبول ترین نعتُک نموٗنہٕ تہٕ خاتمے کلامِ بشری بنن واجیٚنۍ رباعی چھےٚ مولانا جامی پتھرِس کلامس دَوام بخشان یتھ پاٹھۍ:-

یا صاحبَ الجمالُ و یا سیّدَ البشر
مِن وجھکَ المنیرُ لقد نُورُ القمر
لا یُمکنُ الثناءُ کما کانَ حقُّہٗ
بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر



# مقبولؔ امرتسری

## بحیثیتِ نعت گو شاعر

ناجی منور

دُعا بدرگاہِ الٰہی تہٕ نعتِ رسولِ اکرم صلی اللہ علیہ وسلم چھہٕ تمہٕ زِ عنایژ یم مسلمانن گوڈٕ پیٹھے شوٗب بنیہ۔ کشیر منز تہٕ ییہٕ ییلہٕ اسلامُک نوٗر پھٹلیو ییم زِ ڈیکہٕ روٗدی اسلامس شولہٕ نادان۔ تحریری صوٗرژ منز چھُ اَسہٕ نش علمدارِ کشیر حضرت شیخ نورالدین ریشیؒ سُند کلام ییمہٕ کتھہٕ ہُند ثبوٗت زِ دُعا تہٕ نعتِ رسولؐ چھہٕ کاشرِ ادبکہ تاٹھ صنف روٗدی متہٕ۔ شیخ العالمؒ ہندی نعتیہ شُرک چھہٕ ہتہٕ وادو وری یوٗ پیٹھ کاشرِ ین مسلمانن ایمانُک نوٗرت تہٕ عرفانُک شوق بخشان روٗدی متہٕ۔

پارِ پارِ لگِ زے تس پیغمبرس
یہندس دورس رحمت چھُے جاری
کالہِ پیلہٕ ہکھ لگہٕ روزِ محشرس
تس کُن ووٚمیدوار آسن ساری

حضرت شیخسؒ پتہٕ چھُ نعت گوئی ہُند یہ سلسلہ برابر جاری مگر کاشر زبانی ہنز بدقسمتی زِ امیُک اکثر پرٚون ادب چھُ گال کھاتس گژھان روٗدمُت تہٕ اکثر شاعرن ہُند کلامہٕ چھُ رادِس تل گوٚمُت۔ دوٚن گوٚد ازکالکہٕ تحقیقہٕ کرِ برکتہٕ درایہٕ واریاہ تِتھی شاعر ییمو پننِ خوٗنِ جگر رسولِ اکرمسؐ نعتن ہندی ہدیہ سوٗزی متہٕ چھہٕ ییتھین شاعرن منز چھہٕ فاخر۔ ثارہٕ شریفکی بابا کمال، ظریف خان ظریف تہٕ مقبول امرتسری، ییمن ہندی واریاہ نعت شریف ساتس ییکہٕ وینہٕ وٚنس منز شامل چھہٕ گمتہٕ مگر مقبول امرتسری چھُ سُہ شاعر ییُس سٹھاہ اہم اَستھ تہٕ دوٚن

ہتن وٕریٖن پتھ دن ژھایہ روٗد۔ حالانکہ کاشر ادبہٕ کیٛو پرستارو تھوٚو تہٕنٛد کلامہٕ درٕز درٕز پننین بیاضن منز نقل کرِتھ مگر عام لوکھ چھ توتہٕ تہٕنٛدِ ناوٕ نِش بے خبر روٗدی متۍ۔

مقبوٗل امرتسری کُس اوس؟ سُہ کتیٛک اوس؟ تہٕ سُہ کیاز اوس امرتسری۔

یمن سوالن ہنٛد جواب چھُنہٕ وُنہٕ بدس یوان۔[1] اسی چھ تسنٛدِ کلامٕچ داخلی شہادت حاصل کرِتھ انداز ہیکان کرِتھ زِ مقبوٗل امرتسری چھُ اکھ کاشُر شاعر اوسمُت تہٕ کنہِ تام کامہِ ہنٛدِس سلسلس منز چھ امرتسرے لبیومُت یا تتی چھُن وانٛسہِ ہنٛد بیشتر حصہٕ گذرومُت تہٕ تتہٕ روزنس دوران چھُس کشیرِ ہنٛد سخت مار ہوٚت روٗدمُت مثلن اکہِ عزلک پیکھمُت چھُن یتھ کٔنۍ لیوٚکھمُت ؎

مقبولہٕ ینہٕ نے دلیش کر یاد
ینہٕ ووٚنۍ ییمہٕ دلیشہٕ لولو

مقبول چھُ امرتسر گمنامی ہنز زندگی گذاران اوسمُت تہٕ پننہٕ گمنامی ہنٛد احساس چھُس رُمن رُمن سینیومُت یمیُک اکھ وژنُک پیکھمُت چھُ ییمہٕ آیہٕ درج۔

حالہٕ دِل نِشہٕ عامن
مقبولہٕ مہ کر حالی ییے
چھُم شہٕ منز گمنامن
دامن بہ رٹس کالی ییے

پننہٕ وطنہٕ دوٗر پردیسس منز ووہہ پرزباتی ہنٛدِس ماحولس منز تہٕ وہہ پرلوکن منز باگ روٗزِتھ اُکس شاعر سنٛدی دوہہ گذارنۍ کوتاہ کرُڈ تجربہ آسہِ۔ سُہ آسہِ ہے پننٕ بوس نشامن، کاشرین ہتن مزوٗرن نِش تہٕ لوٗزہراوان یم پتھ کالہٕ ہیٛتھ ہرُد واتی تھے کشیرِ ہنٛد زُلان آسی۔ یتھ کٔنۍ آسی وندکہٕ عذابہٕ نِش تہٕ بچان تہٕ پوٗلنہٕ ٹوٗنک تہٕ کماوان۔ یتھِس ماحولس منز اکھ حساس تہٕ رمز شناس

---

[1] پروفیسر غلام محمد شاد سُنٛد دعویٰ چھُ زِ تمن چھےٚ مقبول امرتسری یس متعلق واریاہ کیٛتھ معلوٗم تہٕ تم آسہِ ییٚجبیارِس نکھہٕ کنہِ تام گامس منز روزان۔

شاعرٕ لگُن چھُ بدٕ بے معنے تھاوان۔ یتھیس شاعرٕ ہندِس کلامس منز آسہٕ لازمن سوز و گداز تہٕ تہٕ درد تہٕ۔

اَسی ہکوٚ نہٕ سبقہٕ پاُٹھی یہِ کتھ وَنِتھ زِ مقبول امرتسرٚی ین کوتاہ کلامہٕ آسہٕ لیوٚکھمُت تہٕ تمہٕ منز کوتاہ آسہٕ پتھ کُن بچومُت۔ مےٚ یُس کلامہٕ مختلف قلمی بیاضو پیٹھٕ نقل چھُ کورمُت تتھ منز چھِ غزل تزہ ہر وژُن داہ باہ کینہہ نعت شریف تہٕ منقبت، اکھ مثنوی اَمہِ علاوہ چھِ مثنوِیہ تمہٕ تہٕ یمن متعلق اُسہٕ صرف یقینے یوت چھُ زِ یم تہٕ گرٚ ژھن مقبول امرتسری پنٕنز آسنہٕ۔ یمن مثنوی ین منز قصے یوسف زلیخا قصے شیخ منصور یوس کلیات مقبول کرالہٕ واری یُس منز شامل چھےٚ گمژ تہٕ قصے ہارون رشید یوس کلیات محمود گامی کس فُٹ نوٹس منز درج چھےٚ اَمہِ علاوہ تہٕ ہنکہٕ کینہہ کلامہٕ اورٕ یور موجود آسِتھ۔

دردس کلامہٕ نظر تل تھاوِتھ چھُ مقبول امرتسری سنز شاعری متعلق ننان زِ تمس چھُ شاعری ہنزن مختلف صنفن پیٹھ مکمل عبور اوسمُت سُہ چھُ کمال فنکاری سان غزل تہٕ یکھان تہٕ وژُن تہٕ تہٕ مثنوی منز تہٕ چھُ سُہ پننہٕ وقتہٕ کمن شاعرن منز سرِس۔ ظاہر چھُ زِ تمی آسن محمود گامی سنز مثنوِیہ "بہلی نامہ"، "منصور نامہ"، "ہارون رشید" تہٕ "یوسف زلیخا" پرمژ تہٕ یمن مثنوی ین ہُند اختصار آسِس پنہٕ خوش کورمُت تیوٚے چھُن یمہٕ مثنوِیہ زرا زیٹھراوِتھ لیچھمٕژ۔

یوٚدوے محمودس تہٕ مقبول امرتسری یُس مثنوی ین منز یک رنگی تہٕ ہشر چھُ مگر غزلس منز چھُ مقبول امرتسری محمودس کتہٕ کور برونہہ درامُت۔ تمی چھُ غزل کمال فنکاری سان اَمہِ کِس اصلی ہیتس منز پیش کورمُت۔ یتھ پیٹھ وُنی کمن کتھ کرنٕچ گنجایش چھےٚنہٕ۔ خیالوکِنی چھُ مقبول اکھ صوفی منش تہٕ اکھ عاشق صادق شاعر اوسمُت۔ تمی چھُ مجازکیو وتہٕ پدٕ لوٚنکِ پکِ حقیقتُک منزل ژھورمُت۔ تمی ہندین

---

۲؎ مقبول امرتسری ہندی پاٹھی چھُ یتھ تجربہٕ لکھن جو طبس تہٕ کرُن ہیوٚمُت یہِ تمی پننز مثنوی سکندر نامہ تہٕ کینہہ شاعری امرتسر رزوری کران کران لیچھمٕژ چھےٚ۔

غزلن منز چھ خیالن ہنز رنگارنگی تہ پرتھ زاوی یہ کنۍ چھ محبوب سُند عکس پانہٕ تہ وُچھان تہ ہیٚون تہ ہاوان۔

| | |
|---|---|
| بلبل بنتھ منز گلشنس | یارس وُچھن گژھ درشنس |
| منصورِ سند ہو سور گوو | دارس تہ نارس تے انس |
| ظاہر وُچھتھ انوارِ حق | کرساں ملکِ باطنس |
| سوٚن آہنس کینژن سپدُن | کینژن سپنی سر تل سوٚنس |
| بیٚہہ درطریقِ اولیا | تھف کرژ تہندس دامنس |

مقبولہ ہردم ذکر کر
سوٚن ژٕ یے بنی اتھ آہنس

مقبولن چھ غزل تہ لیکھی متۍ تہ وزن تہ مثنوی تہ تہ ماہِ رمضانکی تعریف تہ۔ تمی ہندین نعت شریفن منز چھ غزلک اظہار صاف بروٚنہہ کُن یوان۔ سُہ چھُ اکھ مست عاشقِ رسولؐ یمس پننہِ محبوب خداؐ دیدمان بروٚنہہ کنہٕ چھُ۔

یتھ نعتِ شریفس دیتو داد۔

| | |
|---|---|
| بوزہے قال یا رسول اللہؐ | روزہے نال یا رسول اللہؐ |
| آہ، چونے جمال وُچھنس سٍتہ | گوم تیژ کال یا رسول اللہؐ |
| روے پچھُ شمس خوے ماہ منیر | موے خوش حال یا رسول اللہؐ |
| چشمہ چانے وُچھتھ چھ شرمندہ | چشمِ غزال یا رسول اللہؐ |
| چھے ژٕنے معلوم سر لبسر سوینے | حال و احوال یا رسول اللہؐ |
| سینے مدینس ہینگ تمنا چھم | درہمہ حال یا رسول اللہؐ |
| کرتہ نظارہ مینے کُن چھے گوُت | بے پرو بال یا رسول اللہؐ |
| کیاہ ونے بو چھسے غمو کورُت | گنگ تنے لال یا رسول اللہؐ |
| روے چھم زرد موے چھوت گوُت | برف تمثال یا رسول اللہؐ |
| نفسِ شوٗمن بہ چھس سٹھاہ کورُت | خار و پامال یا رسول اللہؐ |
| وقتِ پیری منے بروٚنٹھ آنت چھُم | غمہٕ کیٚ بال یا رسول اللہؐ |

دردوٕ عالم چھُ سایہ اَسہٕ چہٕ تیٚ      جاہ و اجلال یارسول اللہؐ
ٹاٹھ سارِی میٚ چانی چھم اصحاب      یارتیٚ آل یا رسول اللہؐ
قحط و امراض رنج وونی دوٗر      یم مرض گال یا رسول اللہؐ

ستی تھو ساٚ ہمیشہ مقبولس
حسن اعمال یارسول اللہؐ

نعت شریفکہٕ اندازِ بیان تلہٕ چھُ ننان زِ مقبول امرتسری چھُ ینہٕ مروٗجہٕ طریقہٕ نش ڈُنیہٕ نوٗی پیمانہٕ ژھاران۔ یتھ کنہٕ تمہِ ہندین غزلن ہُند مطالہٕ کرتھ تہٕ بوٗزن چھُ تگان۔ غزلن منز چھےٚ مقبولن زیچھہٕ بحرتہٕ ورناو شُرِ تہٕ ژھوچہٕ تہٕ۔ تم بحرتہٕ ہم اَسی زانان چھہٕ زیچھراچھہٕ اُزی ورناوس یوان۔ مقبول اوس تمن منز غزلن ہندی شعر نزاکتہٕ سان لیکھان۔ محمود گامی ہندِ زمانکُ رِواج اوس زِ قریب ساری نعتِ شریف اَسی وَن وَنس منز گیونہٕ خاطرِ وُژن فارسس منز لیکھنہٕ یوان۔ محمود، ظریف، فاخر، ولی سارِوے چھہٕ وَن وُن خاطرے پننی نعت لیکھی متی۔ مگر مقبول امرتسری چھُ غزلک فارم ورتاوِتھ تیتھ کنہٕ لیکھان زِنتہٕ چھُ رسول مقبولؐ نین یادن تل تہندِس دامنہٕ شریفس تھف لایتھ الپور تران۔ مقبولن چھہٕ وُژن فارسس منز تہٕ نعت شریف وَنی متی، تمن منز چھُ سہٕ ہاوان زِ تمس اَس کاشُر زبانی پیٹھ کمالِ دستگاہ حاصل۔ مقبول نہٕ یمہٕ نعتِ شریفکی شعر وُچھتو

پننس رسولِ اکرمس      برتل بہٕ روضس روزہٕ ہس
ہردم دروٗدا سوزہس      برتل بہٕ روضس روزہٕ ہس
درخاب راتھا کرہٕ ییم      دیدار رحمت کرہٕ دِییم
شیٚرِین کلاماہ بوزہٕ ہس      برتل بہٕ روضس روزہٕ ہس
دِپہٕ ہس کرم حاجت روا      دادین کرم پانےٚ دوا
نظراہ دِتم میٚ مضطرس      برتل بہٕ روضس روزہٕ ہس
روٗزتھ مدینس یار چھُم      سینس اندرسےٚ نار چھُم

آہ ترادس تے ہاوِ ہس
برتل بہ روضس روزہس

| | |
|---|---|
| سُے بیکسن ہُند پانہٕ کس | سُے عاجزن ہُند دادرس |
| تھف زاہ تس نو دامنس | برتل بہ روضس روزہس |
| تعریف رویش والضحیٰ | والّیل موئیک مُدعا |
| اوصاف ساری شوٗب تس | برتل بہ روضس روزہس |
| مقبول پانس کُن رنتن | پننہٕ ہین سگن ستن ہتن |
| ہر دم یہ شھان دل تی چھُ تس | برتل بہ روضس روزہس |

مقبول امرتسری غزل لیکھو تن یا نعت شریف، ماہ صیامکی تعریف لیکھو تن یا مثنوی سُہ چھُ تمکی ساری امکانی پہلوٗ وِتڑھ ناوان ۔ غزلس یا وژنس منز چھُنہ سُہ ردیفک کانہہ لفظ یَہ تھاوان تہٕ یوٗہے چھُ وجہ زِ تسندی غزل وژن یا نعت چھِ سیٹھاہ زیٹھ ۔ ہیرِ ہمن نعت شریفن منز تہٕ آیہ منتخب شعرے نقل کرنہٕ ۔ ووں گو وَ بیتہٕ تس ردیفن ہنز گنجایش کم آسہٕ تنتِن چھُ مقبول مختصر غزل تہٕ لیکھان ۔ اکھ نعتیہ غزل چھُ درج سہ

| | |
|---|---|
| نوٗر تہٕ رحمتہٕ ستی ملہٕ نووٗن | محمد صاحب تھوونس ناو |
| فلکن کھارِتھ ملکن ہووٗن | ازمیون معشوق سے تس آو |
| آبس تہٕ خاکس منز یلہ تروٗن | قدرتہٕ ستن نار تہٕ واو |
| زِ تیب تھو تس پانے تھووٗن | تمہ پے حضرت انسان ناو |
| حضرت آدم تمی وذ نووٗن | جنتہٕ لبنہٕ ییلہ نبر دراو |
| کنکہ دانہٕ کتھ پانھ جنتک کھووٗن | ددان در دورِ دُنیا ژاو |

کس دِتِن لسان کس مند چھووٗن
مقبول کس کس تھووٗن ناو

یہ چھِنہ پزکتھ زِ باقی کلامہ کھوتہٕ چھُ مقبول امرتسری سندین غزلن منز زیاد گوہر ۔

—— تمۍ ہندین غزلن منز چھ عرفانکۍ تہٕ معرفتکۍ رموز آشکار گژھان —— بجہ کتھ ین تیلی چکاونہٕ یێلہِ تسند سوزٕ کلام بازرس منز پیٚیہِ۔ مقبول امرتسری ٚنند اکھ مناجات چھ بدس آمت یُس ژ مصری اکن بجی شعرن ہیٚتھ مشتمل چھُ۔

| | |
|---|---|
| بوزتم تہٕ وۄنہے زار | یا بار الاٰہی |
| ژےٚ میون وفادار | یا بار الاٰہی |
| چھُس غافلا نادان | ژ نیٚے ستۍ ژ راوم زان |
| کور تتھ منے استغفار | یا بار الاٰہی |
| افسوس کھوٚ ام نی | راوم متے جوانی |
| نفن کوٚرُس بو خار | یا بار الاٰہی |

بیترِ

منصورس ہیٚو منٚت عاشق آسنہ باوجود چھُنہٕ مقبول امرتسری قرآن تہٕ حدیثکۍ داماہٕ اتھہٕ منز ترٚاوان۔ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ بوز عاشقِ رسولِ اکرم تہٕ بێین تہٕ یہے پُرٚ زٕ وٚتھ رٚٹنس دعوت دِوان اکہِ وژنکہِ کیٚہتہٕ شعرو چھنوٚ۔

| | |
|---|---|
| مصحف اندرے بوز آلوٚ | پانےٚ لونکھ وٚد باوٚد |
| دی حفص کنُ کنُ تھو | پانے لونکھ وٚد باوٚد |
| انبیا ییٚ گےٚ بروٚنٹھ بادِتھ | اولیا تی گے یاد تھاو |
| غارن پیٚٹھ یێلہِ بوزکھ بیو | پانے لونکھ وٚد باوٚد |
| دمہ دمہ دِلہ کس باغس اژھ | رُمہ رُمہ تتھ پیٚٹھ پھیران گژھ |
| بییکھ بوزکھ تورہِ گوشو | پانے لونکھ وٚد باوٚد |

انٛدرس پیٚٹھ کرو مقبولنۍ یہ شعر نقل۔

| | |
|---|---|
| رنگہٕ رنگہٕ پوشن اُدی بے رنگمن | رنگ کیا دیٚت نکھ درگلزار |
| مقبول یہ بوٚزنت منز اندیشن | کریشن چھُس کرڈیشن یار |




پروفیسر غلام محمد شاد

کٲشُر ادبہٕ کِس توارِخس اندر اصطلاحی زبانی منز نعت گوئی ہُند آغاز شِنٛاکھ پاٹھۍ مقرر کرُن یوٗدوے ناممکن چھُنہٕ پوٚز مشکل تہٕ چھُ ضرور۔ یوٗدوے کُنہٕ حدس تام یہ ونُنھ ہیکو زِ کٲشِرس منز گۆڈ نعت گوئی حضرت سیّد علی ہمدانی رح ہند پیٹھے شروع ہتکیاز "چہل اسرار" کِس مجموعس منز چھِ اَمہٕ رمز و اشارن ہنز زبانی نثر۔ کینہہ تِتھۍ نعتیہ غزل نظر گژھان یِم رُوحس تازگی تہٕ طراوت بخشان چھِ۔ باسان چھُ زِ حضرت امیر رح سُنٛد واریاہ شعری سرمایہ آسہٕ زمانہٕ کِہ بے رحم اتھو ضایع تہٕ غلط ورتاوس تل گومُت، اَتھ منز آسہٕ ہیے ضرور تِمٲنٛس نبی سُنٛد مدحک تہٕ نعتک واریاہ حصہٕ تہٕ شامل۔ "چہل اسرار" چھُ حضرت امیر رح سُنٛد قادر الکلام شاعر آسنُک بوڈ بارہٕ ثبوت اَمہٕ کنۍ ہیکو نہٕ تِہنز شاعری اَتھۍ نام محدود مانِتھ۔

اما پوٚز حضرت امیر رح ہندِس تہٕ تِمن پتہٕ وقتس منز چھُنہٕ اَمہٕ کٲشُر یا فارسی زبانی منز اصطلاحی طور خصوصی صنفہٕ کِس لحاظٕ تحریر پیٚد مُت کانہہ نعتیہ فن پارہ نظر گژھان۔ پوٚز فارسی علم و ادب تہٕ شعر و شاعری عام گژھنس ستۍ ستۍ دیت وارہٕ وارہٕ کٲشرِو فارسی تہٕ کٲشُر لیکھن والیو شاعرو اَدرِ کُن جان توجہ۔ نعتکۍ تہٕ مدحکۍ ابتدائی آثار چھِ اَسی حضرت شیخ نورالدین نورانی رح ہندِس کلامس منز وُچھان، مگر تِم "آثار شریف" ہیکن نہٕ اصطلاح پاٹھۍ "نعت شریف" بنِتھ۔ باسان چھُ زِ فارسی مثنوی ین ہنز تقلید کران کران کوٚر کٲشرِو فارسی گو شاعرو پننین مثنوی ین منز حمد باری تعالیٰ تہٕ نعت پیغمبر صلعم تہٕ اتھ

ہنز ستۍ مدحِ چار یارِ باصفا، مناقبِ اولیا تہٕ پنٕنٮ۪ن خصوصی رُوحٲنی مُرشد ہنز منقبت، شٲمل۔ وقت گُذرنس ستۍ ہیۆتُن آیہ نعت گوٚیی تہٕ منقبت گوٚیی اصطلاحی طور باقاعدہ منفرد صوٗرتس منز۔ کٔشیر ہندس فارسی، کٲشرس تہٕ اُردو ادبس منز بارسس پیہ تہٕ از چھُ شاعری ہنز اَکھ مخصوٗص صِنفہٕ منز۔ کٲشرٮ۪ن شاعرن ہند فارسی، اُردو تہٕ کٲشرِ زبٲنۍ منز تصنیف کوٚرمُت نعتیہ ادب، ساٚنِس ادبی تواریخس منز باگہٕ بوٚرُت تہٕ شوٗبہٕ دار حِصہ کہ لحاظ ہاوُن باوُن تہٕ تھپکُن لایق۔

کٲشرٮ۪ن نعتن چھُ اکھ خاص رنگ تہٕ مزاج۔ اکثر نعت چھ بیکو تت مناجات تہٕ تہٕ نعت تہٕ، یہ چھُ پزٕر زِ نعتُک تخلیق کار چھُنہٕ لکے فرد۔ یعنی شاعر لوٚز نعت لیکھنہٕ وِز چھُ سُہ دُکھ، دادٕ، غم تہٕ رنج، مشکلات تہٕ وقتٕکۍ ظلم باوان باوان تہٕ فریاد کران کران اجتماعی نمایندگی ہُند فرض انجام دِوان۔ ساٚنین اکثر کٲشرٮ۪ن نعتن تہٕ منقبتن منز چھُ یہ مخصوٗص تھیم، مزاج تہٕ رنگ عام پأٹھۍ نظرِ گژھان۔ اَتھ چھُ سُہ مخصوٗص سیاسی تہٕ اقتصادی پسِ منظر ذمہ دار یُس کٔشیرِ پیٹھ وٕنۍ نال وٕلتھ رود۔ کٔشیر اَسہِ سیٹھا کالہ پیٹھے سیاسی محکوٗمی تہٕ غُلامی، غربت ناداری تہٕ اقتصادی بدحٲلی باگہٕ آمژ۔ یُس تہٕ غٲر مُلکی حکمران یا حکمرانن ہنز ٹوٚلہ۔ فوجی طاقتہٕ یا سیاسی مکارِ لوٚ تہٕ پھندو فریبو ستۍ کٔشیرِ پیٹھ قبضہٕ کرِتھ حکمران بنیوو، تِمو کٔرۍ پنٕنۍ اقتدار مضبوط بناونہٕ خاطرٕ خاص خاص پأٹھۍ زِ مشہوٗر سامراجی طریقہٕ استعمال۔ ہنز سیاسی پیٹھوٗلی قایم تھوٚنہٕ باپتھ عوامٕک وٕنٮ۪ن تہٕ امکو امکانات تہٕ ظلمس خلاف عوامی آواز دباونٕچ مسلسل کوٗشش تہٕ عوامی یکژٕت فٕٹراونچ سازش۔ بیٚیہ کٔشیرِ ہندٮ۪ن قُدرتی مٲلی وسیلن تہٕ لُکن ہنز کمایہ تہٕ محنتُک بےرحم پأٹھۍ استحصال تہٕ لوٗٹ، کٲشرِ چھہ امی وقتہٕ حملہ آور تہٕ قابض سیدی متین غٲر مُلکی حکمرانن بلا لحاظ مذہب نفرت کراں رُودمِتۍ۔ کلہن تام چھُ راج ترنگنی" منز یہ وننس مجبوٗر گوٚمُت زِ "فوجی طاقتہٕ کِس بل بوتس ہیکہ نہ کانہہ تہٕ کٔشیر زینتھ"۔ زینُک مطلب گو مسلسل قبضہٕ وٕتھ اَژھٕن انگ بناوُن پنٕنہٕ سلطنتُک۔

وٲنہٕ وادن ہنز سیاسی غلامی تہٕ اقتصادی پسماندگی، خاص اندرونی جغرافیٲیی حالات، سماجی تقسیم تہٕ گروہ بندی تہٕ باقے دُنیا نِشہٕ الگ تہٕ بیوٚن

آسنہٕ کنۍ ہیوٚکنہٕ کاشرِ لوٚ غارملکی غاصبن ہندِس ظلم و جبرس خلاف یکٕت کٔرتھ ٹھوس طاقت بنتھ، کانہہ کامیاب جدوجہد تہٕ مقابلہٕ کٔرتھ۔ نتیجہ دراو یہِ زِ کاشرِ لوکو حالاتن ستی نہٕ یرٕ ژھینہٕ باوجود، ظاہری سمجھوتہٕ۔ یمن گیہ ہال ظلم، جبر، دوکھ تہٕ غربت برداشت کرٕنۍ۔ امی آو وننہٕ زِ "کاشُر چھ ظلم پرست"۔ پوشک تنٕے تہٕ "زُ دُگُھ تنا" چھُ اَمۍ شہادت دوان۔ کاشرِ لوٚ موٚنگ خدایس، نبی یس ﷺ، اولیاہن، امی زِ ظالم گوٚژھ گلُن تہٕ ظلم گوٚژھ ختم گژھُن۔ اکثر کاشرین نعتن منز چھ شاعر و نبی یس ﷺ گذارِش کرمٕژ زِ ہر گاہ پانہٕ یور نیج فرصت چھوٚ نہٕ تیلہِ سوٗزی توکھ پننۍ ژور یار، نہٕ حضرت پیرِ دستگیر، نتہٕ حضرت امیر وغیرہ، یِم کفرس تہٕ ظلمس نابود کرن۔ تِم کس وُنہٕ ہن پتہٕ یہٕ سرمنڈل چھُ سائنس عشقیہ، رومانوی تہٕ مجلسی ادبس تہٕ نال وُلتھ۔ اکھ قدیم مورخ چھُ "ہن" خاندانہٕ کس ظالم ترین حکمران "مہر کل" ہندِس غیبی قہرس تل مرنیچ خوش خبر بوزِتھ ونان زِ اہندِس مرنس پتہٕ گےٚ ساری دیوتا تہٕ خوش۔

عہدِ سلاطین ختم گژھنہٕ پتٕے ووٚل کشیر رنگہٕ رنگہٕ مصیبتن نال۔ کاشرین خصوصن مسلمانن پیٹھ یُس ظلم و ستم برابر جاری روٗد، تمی ترٲوی تِم دپہٕ راوتھ، دوٚنتھ تہٕ پھیارتھ۔ ظلم کوٚر یمو برداشت، مگر کراہنہٕ سان، سہ دلہٕ بنیو وہٕ کاشُر زانہہ تہٕ ظلمس مددگار۔ اتھ گرٕ زُس منز روٗد اُس اکے پرہزلوٗنی امید۔ سہ گے ٹاٹھس نبی ہنز پُرنوٗر بابرکات تہٕ مقدس ترین ذاتِ مبارک۔ یُس تہٕ کانہہ مصیبت، دوکھ، غم، فکر، پنہٕ بیاسی محکومی تہٕ اقتصادی پسماندگی، غربت تہٕ افلاسہٕ کنۍ کاشرس مسلمانس بنتھو آو، تمیٚک فریاد کوٚر تمی ٹاٹھس نبی یس ﷺ کُن۔ کاشُر نعت چھ استعاراتی تہٕ ورگہٕ اندازس منز ظالم تہٕ جابر حکمرانن تہٕ حکومتن خلاف کاشرِ ہند اکھ پُرتاثیر احتجاج، اکھ نالہٕ تہٕ فریاد، اکھ دلدوز آہ و زاری۔ اگر اَمس یہٕ اکھ موٚرتھ یا کٕہ ژھلہٕ تھپہٕ نمو، تیلہِ دوکھیس پہٕ سُر بنہٕ کاوتہٕ۔ کاشرِ نعت چھ اکھ سیاسی تہٕ اقتصادی تناظرس منز باقاعدہ تحقیق مطالعہٕ خاطرٕ اہم مواد بہم کران۔ نتہٕ اگر پابند اصطلاحی فصاحت مدِ نظر تھاوٕ و تیلہِ چھُ نعتُک خصوصی مضموٗن پیغمبر صلی اللہ علیہ وسلم ہند تعریف، مدح تہند تھوٚد مرتبہٕ تہٕ شان، تہندی کارنامہٕ، اُستن تہٕ کائناتس پیٹھ تہنز مہربانی تہٕ احسان،

تِمن ستۍ عقیدت مندی، یُژھ تہٕ پرٛژھ تہٕ لولُک والہانہٕ اظہار۔ بیٚیہٕ تہندین ژورن یارن، صحابہٕ کرام تہٕ اہلِ بیتن ستۍ محبتُک تہٕ احترامُک بیان۔

بیاکھ کتھ چھےٚ یہ زِ کاشرین نعتن ہُند ادبی مول تہٕ مقام کیاہ تہٕ کمہِ پایُک چھُ۔ یم ہیٚکو کھاُسی عربی، فارسی تہٕ اردو نعتیہ ادبس ہم پلہ یا برابر مرٛا نتھ یا یمن ہُند تقابلی مطالعہ کتھہ حدس تام ہیٚکو باتھے زبٲنی ہندس نعتیہ ادبس ستۍ کرِتھ۔ یہ چھُ اکھ الگ تہٕ مخصوص موضوع۔ یتھ مو مختصر تعارفی مقالس منز چھُنہٕ مےٚ اتھ متعلق کینہہ تہٕ وَنُن۔ ممکن چھُ یہ کام ما آسہ کانٛہہ بیٚیس دوستس پیٚتھ تہٕ آمٕژ۔

مےٚ اوس خیال زِ یہ کرٕ ہیٚنٛ مقالہٕ اردو زبٲنی منز۔ کٲشِر منز تحریر یہٕ بیدٕ مٕتین نایاب فارسی نعتن پیٹھ لیکھتھ یتھ سیمنارس منز یہ ژاٰنتھ پیش زِ کشمیر یونیورسٹی ہُند فارسی تہٕ اردو شعبہٕ گژھہِ مس نیٚندرِ بیدار۔ تم کرن کشیر منز تخلیق گمتۍ تہٕ از تام نامعلوم تہٕ نایاب فارسی تہٕ اُردو نعتیہ، رزمیہ یا عشقیہ ادبس تہٕ نثری کارنامن متعلق پنٕنین شعبن ہندِ ذٔسی تسلسُل سان کینہہ سیمنار منعقد۔ یتھ پاٹھۍ میلہِ ہے تِمن نوسر کشیر منز یمن زبانین تہٕ اکہِ ادبُک تواریخ مرتب کرنس منز بے انتہا مدد۔ میون دُعا چھُ زِ یمن دانا مزارن منز گوژھ کانٛہہ مسیحا قُم باذن اللہ صدا لاینتھ یتھ معجزا انجام دیُن۔ یوٚدوے میون اُردو مقالہ لیکھنُک خیال آو نہٕ باعمل مگر یہ کرٕ تونہٕ یتیتھین کینژن اہم تہٕ نایاب فارسی نعتن تہٕ نعت دٕنن والین ہُند سرسری ذکر، تاکہ پتہٕ والہِ وقتہٕ خاطر روزِ یہ یادداشت تحریری طور موجود۔

میانِس ذاتی کلکشنس (COLLECTION) منز چھُ پیر سعداللہ شاہ آبادی سند کینہہ کاشُر کلام، اکھ طویل نعتِ شریف، ییٚس فارسی، عربی، ہندوستانی (ہندی) ترکی تہٕ کاشِر زبانٕ منز تحریر کرنہٕ آمٕژ چھُ۔ اتھ منز چھِ ۹۴ شعر فارسی ۳ ہندوستانی، ۷ عربی ۸ ترکی تہٕ ۸ کاشِر زبٲنی منز۔ اَمی نعتہٕ نشہِ چھُ نَنان زِ پیر سعداللہ صاب اُسی زٕ تخلص ورتاوان اکھ گوو "سعادت" تہٕ بیاکھ گوو "ہمت"۔ یہ نعت چھُ یتھ پاٹھۍ ؎

بلبل بدل بانگِ ولا سر کردہ با گل صبحدم

مدح و تحیاتُ و ثنا نعتِ نبیؐ محترم

مقطع چھس یہ

بود سعادت را امان در عالم ستر و عیان

جز لطفِ تو جز عفو تو جز عطف توائے محترم

یہند بیاکھ نعت چھ مناجاتیہ انداز ک۔ اتھ نز چھ اکھ ہتھ شعر مطلع چھس یہ

یارب بہ تحیاتِ تو در کارِ محمدؐ

یارب بکراماتِ تو دربارِ محمدؐ

تہ مقطع چھس یہ

یارب بہ سعادت نظرے کش دل زارا ست

صحت طلب از نرگسِ بیمارِ محمدؐ

پیر سعداللہ صابن چھ زِ مثنوی "باغ سلیمان" تہ "منظوم السعد" بیہ اکھ تفسیر قرآن تہ لیوکھمژ یمن اوس بابہ صاب ترکی زبان تہ موج اکھ پشتو زبان زانان۔

## شرحِ قصیدۂ بانت سعاد (کعب بن زہیرؓ)

مولانا نورالدین جامی سند منظوم ترجمہ بانت سعاد چھ مشہور تہ متداول، یوز ور ہکی مولانا حافظ کاملی صابن چھنے امہ قصیدچ منظوم تشریح اکھٹن شتن شعرن منز پیچھ مژ تشریح علاوٕ چھنے کاملی صابن (۱۱۵) اکھ ہتھ تہ پندہن شعرن منز کعب ابن زہیر مصنف قصیدہ سند تمہیدی تعارف تہ لیوکھمت۔ حافظ کاملی صاب اُسی کبروی تہ قادری سلسلس منز تعلق تھاوان۔ مےٚ نش مسود چھ مولوی محمد خضر مقبل صابن داہ ماہ ربیع الثانی برو زِ چہار شنبہ نقل کورمت۔ مسود چھ لوکٹ کتابی سایز کین ۲۷ صفحن پیٹھ مشتمل۔ ابتدا چھس یتھ پاٹھۍ

حمد مر پروردگارِ انس و جاں را ہر زماں

کو پدید آورد از قدرت زمین و آسماں

احمدِ مرسل امام انبیا فخرِ رسُل

مقتدائے انس و جاں مقصودِ خلق جزو کل

ہر زماں از حضرتِ حق صد صلوٰۃ و صد سلام
باد نازل بر وے و بر آل و اصحابِ کرام

بعد ازین معروضِ اصحاب ودادو اتحاد
کا ملی دارد کہ مخفی بر ضمیرِ شاں مباد

کامداست الحاج ایشاں یاد مارا ایں زمان
التماس شان قبول افتاد مارا ایں زمان

کارہائے خویش را یکچند بگذاریم ما
بہرِ ایشان بر قصیدہ شرح بنگاریم ما

## عبدُ الصّمد ککرو مقبلؔ بارہ مولوی

عبدالصمد ککرو صابنہٕ چھہٕ ترٕ ے نعت شریف میانٕس ذاتی کلیکشنس منز۔ یم چھہٕ امرتسر نقل کرنہٕ آمتہٕ۔ ککرو صابس اوس علامہ اقبالس ستہٕ قریبی تعلق، یہنٛدِس فرزندٕ بندٕس مرنس پیٹھ چھہٕ علامہ اقبالن مشہور مرثیہ لیوکھمُت سہ
اندھیر احمد کا مکان ہوگیا

ککرو صابنہٕ ترٕ ے نعت چھہٕ یتھ پأٹھٕ

دارم دل اندوہ گین یا رحمۃ للعالمین
ارحم علیٰ ھٰذا الحزین یا رحمۃ للعالمین
از جرمِ مُقبل در گذر کز دل بہر شام و سحر
وردِ زبان کرداست این یا رحمۃ للعالمین

در گنہ شُد ماہ و سالم یا شفیع المذنبین
سال و ماہ در قیل و قالم یا شفیع المذنبین
بر زبانِ مقبل از فضلِ تو بادا یادِ حق
در زمانِ انتقالم یا شفیع المذنبین

خویش را فارغ ز بندِ کفر و دین داریم ما

دست در دامانِ ختم المرسلین داریم ما

گرچہ با تر دامنی خواہی شدن در روز حشر

غم مخور مقبلؔ شفیع المذنبین داریم ما

## خلیل اللہ خلیلؔ

خلیلؔ صابُن اکھ طویل نعت ۶۲ شعرن ہُند چھُ مے نسخہ موجود، مطلع تہٕ مقطع چھُس یتھ پاٹھۍ

باز از فیضِ بہاری تازہ شد سودائے من

صد قیامت زاید از شور مداحت زائے من

در گل و آبم ہوائے مصطفےٰ بود است خلیلؔ

زان شُد اندر آتشِ دُنیا گلستان جائے من

## بابا محمد خلیل خاکی

خلیل خاکی صاب اُسی ویچہ بیارکہ بسکین، افضل خاکیؔ، احمد خاکیؔ ہنقبول خاکی تہٕ قمرالدین خاکی ہندی اُسی یم رشتہ دار تہٕ یکجدی۔ یِہندِ کینہہ نعت چھِ مے نسخ موجود۔

نمونہ چھُ حاضر

| | |
|---|---|
| دل بہ قالِ تو یا رسول اللہ | جان بہ حالِ تو یا رسول اللہ |
| آفتاب و قمر شدہ روشن | از جمالِ تو یا رسول اللہ |
| خواہد از حق خلیل خاکیؔ زار | انفضالِ تو یا رسول اللہ |
| روز و شب زان کہ ورد جاں دارد | قیل و قالِ تو یا رسول اللہ |

## مجموعۂ نعت از انورؔ

یہ انورؔ اوس حنفی تہٕ خوشس اعتقاد امیک اظہار چھُ اُمی یاپہ کورمُت۔ اکھ مجموعس منز چھِ انورؔ ہندی لگ بھگ ژتجہہ (۴۰) فارسی نعت — اکھ کاشُر نعت، بیٚیس شاعر صدر (تخلص) ہندی ژ نعت، فاخرٔ سند اکھ کاشُر نعت،

محمود گامی سُند اکھ نعت، ثنا شاہنٛز اکھ غزل بیتر شامِل۔ انورس چھُ فارسی زبانی پیٹھ جان عبوٗرتہٕ مہارت حاصل آسمٕژ۔ خوش اعتقاد آسنہٕ کنہِ چھُس اہل حدیث حضراتن (یمن سہٕ نجدی تہٕ وہابی ونان چھُ) ہنٛز سَخ ژران آسمٕژ۔ انورہٕ سند مجموعہ منز چھُ یم شعر پیش رہ

دارم شہی کہ ہست خلایق غلام او
ختم الرُسل محمد و محمود نام او
دادند انبیائے مُکرم پیام او
ہر چیز مستفید شُد از فیضِ عام او
صلوات بر محمدؐ و آلِ کرام او

در مصطفےٰ و عیسٰی و موسےٰ است فرق ہا
شان ہر دواند طالب و مطلوب مصطفےٰ
ذاتش ز آفرینشِ خفت است مُدعا
انور بخواں بہ صدق ز صد شوق بر ملا
صلوات بر محمدؐ و آلِ کرام او

حبیب خاصِ خدا مصطفےٰ است صلّی علیٰ
شفیع روزِ جزا مصطفےٰ است صلِّ علیٰ
بخواہی ار کہ نہ بیری چو نجدیاں انور
نگر حیات و بقا مصطفےٰ است صلِّ علیٰ

می تپد ہر دم دل من از برائے مصطفےٰ
کے بوُد یارب کہ بوسم خاکِ پائے مصطفےٰ
ابتر و خوار ست پیشِ خلق نزد حق ذلیل
کس کہ می جوید وسیلہ ما سوائے مصطفےٰ

ذُلہ خوارِ خوانِ بذلش مُنعم مستغنی است
افضل از شاہان و سلطانان گدائے مصطفےٰ

## دیوانِ قُطبُ الدّین گرامی

قطب الدین گرامی اوس تحصیل کولگام کس اُکس گامس منز روزان۔ اُمی ہندس دیوانس منز چھ اُلہ پلہٕ ہتھ کاشرِ تہٕ فارسی غزل، بیٚیہ چھ کینہہ نعت تہٕ منقبت تہٕ۔ قطب الدین اوس زٕ تخلص ورتاوان، گرامی تہٕ قطب۔ فارسی پاٹھی لیوکھمُت کلام چھ سیٹھاہ کمزور تہٕ وُسی بایہ۔ پوٚز کاشرس منز چھ گرامی صابن جان کوشِش کرمٕژ۔ دیوان چھ کاغذ تہٕ لکھایہ تلہٕ اندازٕ ہتھ وری زیادے پرٕون باسان۔

## بیاضِ احمد بابائے خاکی المعروف احمد مستانہ

احمد خاکی صابنہٕ چھ مٕے نش اندازٕ ژٕ تُہہ پانٕژاہ کاشرِ تہٕ کینہہ فارسی غزل۔ احمد خاکی صابس اوس تصوفس ستیٚ عملی تعلق، غزلیہ اندازس منز چھ اُمی کینہہ جان نعت لیٚکھی متی۔

## بیاضِ منظور مدنی

مولوی غلام مصطفےٰ منظور مدنی آسی میانی بزرگ دوست۔ یم گےٚ ژٕ (۲) اپریل ۱۹۸۷ء منز لگ بھگ شیٚتھ وُری گذٲرتھ یمہ عالمہٕ۔ یم آسی اچھ ول نشہٕ اُکس گامس منز روزان، کشمیر یونیورسٹی ہندی شعبٕے حساب کس سربراہ محترم قاضی غلام محمد صابس آسی یم مام۔ منظور صاب آسی واعظ امام تہٕ مولوی آسیتھ تہٕ رِندلااُبال بےانتہا آزاد تہٕ صوفی صافی، یمو چھ صرف نعت لیٚکھی متی۔ یہندین نعتن ہندی کینٕہ ژٕ مجموعہٕ مٕے نش موجود۔

میانہ ذاتی کلیکشنہ منز کینژن بیاضن ہند یہ تعارف چھ مُشتے نمونہٕ از خروارے۔ یٚیتِن کرہٕ بہر یونیورسٹی ہندِن فارسی، اردو تہٕ کاشر شعبہٕ کین ذمہ دارن یہ گذارش

زِ تم کرن" ذاتی کتب خانہٕ تہٕ تِمن منز اہم تہٕ نایاب کتابہٕ "موضوعس پیٹھ اکھ اکھ سیمنار، یتھ پاٹھۍ گژھہن وارہین ذاتی کتبہٕ خزانن بَرٕ یلہٕ، یہ کام ہیکن بٔڈۍ بٔڈۍ ادارے انجام دِتھ۔ ہینٛز کیاہ دٕنو، فرصتہٕ سان گژھہ صحت مندتہٕ بے فکر وأتساہ آسنۍ یمن کامین اوس تیلہٕ یہٕ ڈ دیُن سہل۔ مگر سہ

نبر کپاری کرٕنتھ کوچہ بھیٚر سہٕ شوخ یاوُن گوو
کنھن لوگُس تہٕ رٕسے ژوٗل مشتھہ مے چھاوُن گوو

میون یہ مقالہ یعنی "نایاب ترین نعتن ہنز نشاندہی" چھُ میانہٕ خاطر کشمیر یونیورسٹی ہندی کاشر شعبکی سربراہ جناب مرغوب صابن تجویز کوٚرمُت نہرس تعجیل تہٕ حکمس تعمیل مدِ نظر تھاوِتھ کہ بہ یتھ مقالس منز ایُس میانۍ کُنہ اکھ موٚختصر تذکرہ چھُ) کیٚتھن بالکل نایاب تہٕ غیر مطبوعہ نعتن تہٕ نعت گو شاعرن ہُند سرسری تعارف تہٕ زان کاری توہہ بروٚنہہ کنہٕ پیش۔ کیٛہہ ناو چھُ توہہ وٕنۍدی۔ مگر نعت بوزو تہۍ گوڈ نچہ لٹہ یتھی سیمنارس منز۔ یمن ہُند تعارف تہٕ نعت یتھ مقالس منز شامل چھُ، تم چھِ :۔

حضرت بابا نصیب الدین غازیؒ، محمد افضل خاکی، محمد مقبول خاکی، فاخر بابا، مولوی محمد خضر مقبلؔ، امیر شاہ امیؔ، مولوی غلام محی الدین مہدیؔ، عزیز شاہ کافیؔ، لسم شاہ، محمد یوسف زرگر تہٕ حضرت محمود گامی۔

## بابا نصیب الدین غازی (وفات ۱۰۴۷ھ ۔ ۱۶۳۸ء)

ولیٔ کامل آسنس سٟتی سٟتی اوس حضرت نصیب الدین بہلہ پایک ادیب تہٕ شاعر۔ "نورنامہ" ناو کی چھُ یمو ریشی حضراتن متعلق اکھ ضخیم تذکرہ تحریر کوٚرمُت۔ نظمس منز چھے یہنز اکھ لوکٹ مثنوی "ضروری خورد" ناوٕ فقہی امسلن متعلق۔ از بروٚنہہ وری ہٕتھ سعٔداہ لاہور چھاپ سپز مژ۔ یہندی کیٛہہ فارسی نعت چھِ ادرٕ یور چھکرِتھ تہٕ منتشر حالتس منز کُنہ کُنہ میلان۔ حضرت نصیب اوٚس کاشر زبان پوٚرہ پاٹھۍ زانان، امسی تہٕ یم اصلی راول بیتجہ ہندی روزن وأل، پوٚز لو کجار پیے منز اوس بابا داود خاکی ہندی مُرید بنیمتی۔ محمود گامین، ناظمن، مقبلن تہٕ مقبول

خاڈین پچھے ییند سے شانس ہتہ تعریفس منز اکھ اکھ طویل منقبت لیچھ مژ۔ حضرت نصیب الدین غٔازیَنۍ یہ نعت چھ اُوپر پاٹھی مقالس منز شائل کرنہ یوان:۔

مرحبا صلِّ علیٰ گویم ثنائے مصطفےٰ
صد سلام از من بہ آل و اقربائے مصطفےٰ

جملہ عالم را رضائے حق بود مقصودِ دل
طُرفہ ایں بشنو کہ جوید حق رضائے مصطفےٰ

مردۂ صد سالہ می آید دواں لبیک گو
از لبِ جاں بخش گر آید ندائے مصطفےٰ

حاجتِ کحل الجواہر نیست ما را اے طبیب
توتیائے چشم سازم خاکِ پائے مصطفےٰ

مطلع الفجر است سیمائے منوّر کالقمر
لیلۃ القدر است زلفِ مشکسائے مصطفےٰ

نام او یاسین و طاہٰ جام او کوثر بدان
سورۂ انّا فتحنا شد لوائے مصطفےٰ

بود اسرار خدا در کاف و ہا یا عین و صاد
کس نشد آگاہ ازیں سرہا سوائے مصطفےٰ

شد برابر خلعتِ لولاک بالائے قدش
پس مرمل از خدا آمد قبائے مصطفےٰ

قدسیاں در لیلۃ المعراج میگفتہ بہم
ہر دو عالم کرد پیدا حق برائے مصطفےٰ

چون عروجش شد ز سدرہ گفت جبریلِ امین
در مقامِ قربِ ربانی است جائے مصطفےٰ

شد مقامش قابَ قوسین بلکہ ادنیٰ تر از آں
کس سوائے حق نداند منتہائے مصطفےٰ

گر منوّر آفتاب و ماہتاب اند در جہاں
روشن اند ایں ہر دو گوہر از ضیائے مصطفےٰ

روزِ محشر پیشِ داور انبیاء و اولیا
میکند ہر یک شفاعت در قضائے مصطفےٰ

ثانی اثنین اذ ہما فی الغار صدیق است و بس
از سرِ ایمائے حضرت شد بہ جائے مصطفےٰ

از یدِ فاروقِ اعظم فتح شد عجم و عراق
حامیٔ دینِ نبی شد از عطائے مصطفےٰ

جامع القرآن ذی النورین عثمانِ غنی
صاحبِ جود و سخا شد از حیائے مصطفےٰ

غیر فرار و کرار لبشانِ حیدر است
فتحِ خیبر را نمودہ مرتضائے مصطفےٰ

دادہ اند حسنین آن سبطین از صدق و صفا
تن بہ تقدیرِ خدا و جاں فدائے مصطفےٰ

تا قیامت نعتِ احمد مکینم ورد زبان
جنّت الفردوس یابم از صدائے مصطفےٰ

اے شہِ عرب و عجم کن یک نگاہے بر نصیب
آرزومند است در کشمر گدائے مصطفےٰ

## محمدؐ افضل خاکی

محمد افضل خاکی آسو ویچہ بیار خاکی محلہ کس اندس بیٹھ واز محلہ کہ طرفہ لسان بسان۔ افضل صاب کر سپُد فوت، یہ چھنہ وُنہ شیقہ پاٹھی معلوم۔ یموچھ فارسی پاٹھی قصہ حضرت سلیمان تہ بلقیس مثنوی ہندس صورتس منز لیوکھمت۔ یتھ منز انداز ڈاے ساس شعر چھ۔ ایمک واریاہ دریاپی تہ آخری حصہ چھ روومت، مِنے نِشِ چھ ایمک واحد نسخہ موجود۔ مثنوی چھنہ یتھ پاٹھی شروع گژھان ؎

| | |
|---|---|
| بنامِ کردگار جن و انسان | کہ یادش بہتر از مُلکِ سلیمانؑ |
| بفکر و ذکر نامش کامِ جاںہاست | کلیدِ مخزنِ الہامِ جان ہاست |
| فرستادہ تمامی انبیا را | بہ تفضیل رسالت اصفیار را |
| پس از صدر معلّا ختم شان کرد | نبیؐ ہاشمی جانِ جہاں کرد |
| ز نورش شد منوّر ہر دو عالم | گزیدہ حق دُرا بر ہر دو عالم |
| وجودش علّتِ غائی مقصود | غرض از آفرینش ذاتِ اوبود |
| محمدؐ نام عالی شان او کرد | ہماں روح الامینؑ دربان او کرد |
| فلک تابندہ از نور وجودش | کہ خورشید آمدہ برہانِ جودش |
| خداوندا بہ اصحابِ کبارش | بہ اہلِ بیت و حقِ چار یارش |
| بفضل ایں افضل دلخستہ دزار | زتاب آتش دوزخ نگہدار |

افضل خاکی صابُن چھ تاحال صرف اکھ کاشُر نعت دستیاب پیومت نعت چھ یتھ پاٹھی ؎

| | |
|---|---|
| بہ فضل و کرم یاحیات النبیؐ | مِنے غم کاستم یاحیات النبیؐ |
| چھُ حامیم والیل برُ والضحیٰ | بُرُخ زلف خم یاحیات النبیؐ |
| شوبان ژٔے بسرتاج لولاک چھے | بہ جاہ و حشم یاحیات النبیؐ |
| لعمرک قبا بس ژٔے سپُدے عطا | بذاتِ کرم یاحیات النبیؐ |
| زحق آیہ انا فتحنا ژٔے چھے | نشانے علم یاحیات النبیؐ |

بہ طاہا ویاسین چھ تعریف چانٔی — بہ نون والقلم یاحیات النبی
وسیلہ مےٚ اَنٔی ژٕ ئےٚ کٔن ژور یار — شفا بخشتم یاحیات النبی
بہ صدیقِ اکبرؓ بہ شاہِ عمرؓ — چھہِ تم محترم یاحیات النبی
بہ عثمانؓ بہ شاہ علی مرتضیٰؓ — چھہِ تم محتشم یاحیات النبی
بدرگاہ وسیلہِ تمے ہیتھ بہ آس — یہنز سُتھ مےٚ چھم یاحیات النبی
مےٚ دیدار ہاوُم ژٕ بہر خُدا — ژٕ لبم غم تہٕ ہم یاحیات النبی
مےٚ چھم شوق کرہ ڈیشہٕ دربار چون — تہٕ بیت الحرم یاحیات النبی
پھوُرم انفس بدکار تہ خوارٕی کرٕم — بوزُم مےٚ شکم یاحیات النبی
گناہ زیادٕ کرٕی متیٕ زٕ حد چھم سیٹھاہ — عمل چھم مےٚ کم یاحیات النبی
گومت مُبتلا چھس بخشتم نجات — مےٚ از دردو غم یاحیات النبی
بُراہے تو افضلؔ بیومُت بے نوا — چھہ نقشِ قدم یاحیات النبی

بدیدار افضلؔ چھہ اُمید وار
دنان دم بدم یاحیات النبی

## فاخرِ بابا

فاخر صاب چھُ وُنہٕ تہٕ راوِس تلے۔ غلام نبی آتش صابس دِژ اَسے مَنے کینہہ غزل فاخر صابنۍ یِم تہندِس مضمونس سٟتۍ "شیرازس" منز چھاپ پیدی۔ پوز تیٚنہٕ تہٕ گوو وَتناہ، کینہہ نوۍ مسودٕ گےٚ دستیاب تہٕ پرانین برُزن تہٕ لوگ پھیر تہٕ فاخر بابا سُند کینہہ کلامہ خصوصاً نعت آیہ بدست۔ کینژن چیزن ہنز سپز اہم نشاندہی۔ خاص پاٹھۍ یہٕ زِ فاخر اوس وِچہٕ بیارِ بابا محلہٕ روزان۔ مولوی محمد خضر مقبل صابن چھُ فاخر با بانسُند اکھ فارسی نعت پننہِ اَتھہٕ تحریر کٔرِتھ مُتٲکس مسودکس پتیمِس ورقکس اندرِمس صفحس پیٹھ بعنوانِ "نعت منکلام فاخر بابا" نقل کوٚرمُت۔ مسودس چھُ ترتیبس تاریخ کتابت ۱۰ ماہ صفر سنہ ۱۲۲۷ھ درج۔ اَمہِ تلہٕ چھُ نَنان زِ فاخر بابا اوس سنہ ۱۲۲۷ھ ! ۱۸۱۲ء برونہہ فوت سپدمُت۔

فارسی نعت چھُ یتھہٕ پاٹھۍ ؎

| | |
|---|---|
| عرش است کمیں پایہ ز ایوانِ محمدؐ | جبریل امینؑ خادم و دربانِ محمدؐ |
| آن ذات خداوند کہ مخفی است ز عالم | پیدا و عیانست بہ چشمانِ محمدؐ |
| نہ چرخ کہ در روے نبرد مرغ تو ہم | سرگشتہ چو گوے اند ز چوگانِ محمدؐ |
| یوسفؑ کہ خریداست زلیخا بہ تمنا | بودہ است غلامی ز غلامانِ محمدؐ |
| از بہر شفاعت چہ اولوالعزم وچہ مرسل | در حشر زنند دست بدامانِ محمدؐ |
| ہشیار ز مستی نہ شود تا بہ قیامت | آن کو کہ شدہ مست ز عرفانِ محمدؐ |
| تورات کہ بہ موسیٰؑ بُد و انجیل بہ عیسیٰؑ | شُد محو بہ یک نقطہ ز فرقانِ محمدؐ |
| بخشند بہ موری زِ سخا ملک سلیمانؑ | شاہِ دو جہانند گدایانِ محمدؐ |

یک جان چہ کند فاخرِ مسکین کہ دو صد جان

سازیم فدائے سگِ دربانِ محمدؐ

فاخر بابا ہندی زِ کاشُری نعت چھِ یتھ مقالس ستۍ شامل، اَکس منز چھُ فاخر بابا دنان زِ تمۍ سُند ٹھکانہٕ چھُ بابا نصیبنہٕ، یَتہٕ پیٹھ سُہ درگاہ شریف نبی صابنس دربارس منز لاران لاران حاضر سپُد۔ یہ نعت سپُد اَکس تازٕ بدس اَمرِ

## نعتیہ ادب

بیاضہٕ منٛز حاصل ۔ اُتھ منٛز چھہٕ بیٚیہٕ تہٕ معمولی فن پارٕ درج ۔

بیٚیہٕ بوٚیہ بنۍ چھُ ایوان
توٚت کوٚہٕ گژھو ساٚری

وٕنی وٕنۍ چھُ دیدار دیوان
یارس لگو نا پاٚری

بُلبُل چھُ سبٹھاہ ریوان
گُلن چھُ ونان زاٚری

بر سرِ چمن چھُ ریوان
دل دوٚدسہٕ عشقنہٕ ناٚری

اداژٕ تمۍ پننٕ وُچھتہٕ
بے چارٕ بہٕ گوس کُشتہٕ

دزُن میون آسا خوشتہٕ
پرداہٕ کوٚرنس یاٚری

عار میون چھُنا ایوان
توٚے دل میون چھُ ریوان

زانہہ چھُمنہٕ درخواب ایوان
بیگانہٕ کوٚرنس یاٚری

دوٚ ہنٛم ہٹرٕ چھُکھ پانس
دٔب دیوٗژٕ سچّا دانس

اَژھ لولہٕ کِس مے خانَس
مُشراو پرہیز گاٚری

دوٚ ہنٛم ہٹرٕ پان ہا چھُے
دے کاس بروٚہنہٕ کنہٕ چھُسے

سُہ نتہٕ اد کسُو چھُے
لُس کرُد بنہٕ برداٚری

معشوقہٕ کوتاہ ژالے
بے کَس لوٚگُس زالے

راتھ دوہ گوم کمہٕ حالے
ہاران چھُس خوٗن جاٚری

یارس کرہو فرٕی یاد
اَسہٕ گوٚد ازحد بیداد

اُسی گے سبٹھاہ برباد
اَسہٕ کاسی توٚ دوہٕ نۍ خواٚری

میون ہیو بنیود کَس تے
اُندری گژھُم وس تے

میخانہٕ دیت نَم مس تے
مستانہٕ گوٚرنس یاٚری

حیران کم کم گندر
شاہ روٗد کھٹتھ اندر

از راہ صورت بندر
دلوانہٕ تمۍ کرۍ ساٚری

یا ماری تہندی شوقن
نتہٕ ماری تمۍ ہندی ذوقن

تِ وَنہٕ بہٕ معشوقس    تمٕ ہنٛتہٕ اَدٕ کمٕ مارٕی
اے بُلبُلِ شیدا    جانٔے بِگنٛ پیدا
تسٕ ہیتھٕ اَدٕ کر سودا    سہٕ کری وفا داری
کُس وَنہٕ لتَس یارس تے    عاشق چانٔی گےٚ خستے
لتَس نٔے ہتہٕ بٮ۪یہٕ اد کَس تےٚ    شبہٕ ساُنٛی دعوا دارٕی
کُس وَنہٕ لتَس جانانس    بَرلبَہٕ وو تمُہ منے پانس
بیہٕ نا سہٕ اکِس آنس    نگہٕ ہا تَس پاٮ۪ری یارٕی
فاخر چھُ بردر بیومُت    دیوانہٕ زٔینے پتھ گومُت
وُسِلہٕ ہتھ پھُے ادمُت    زٔون یارن ہنٛز یارٕی

فاخرُنٛد بیاکھ دستیاب نعت چھُ یہ۔

روے چون قبلہٕ تے محراب بُمے    دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِمے نا
صفا و مروہ روخ چون پھُمے    حجر الاسود خالِ سیاہ
دَتھ چانٔی کعبہٕ تے تتھ کو نہٕ ئے    دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِمے نا
گُل چانٔی روخسار شبنم گمے    لب چانٔی کوثر قد طوبیٰ
موکھ چون مظہرِ حق ڈیوٗ نٹھمے    دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِمے نا
پیالاہ میٔہ عرفانکہٕ خمے    داماہ توٗ کےٚ چاوکھ نا
نامہٕ بکھ ساقی یادن پہمے    دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِمے نا
نوے بہٕ چون ایمان مذہب پھُمے    موے چون والّیل روے والضحیٰ
روے چون قبلۂ حق نما پھُمے    دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِمے نا
خاکبوسہ یارٕ چون تمنا پھُمے    یکھنا نیرہٕ ہم چون تمنا
نبہٕ تورٕ درِ خاک تمنا ئے    دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِمے نا
فرمان چونے پورمُت پھُمے    یار چانٔی تارکھ تہٕ توہٕ چھو ماہ

پاری ژدن یارن میون رُم رُمے | دَمہ دَمہ سجدا دِ ے نا
دَمہ دَمہ نالان چھس چانہِ غمے | غم چھُم دیدار میلہما
ژٕمہ ییٚلہِ اند مزار اد لو یہِ | دَمہ دَمہ سجدا دِ ے نا
بابا لطفی ہنز ٹھیکا نہ پچھے | لاران وو تس در درگاہ
پزاران اکھ دیدار گوژھُوے | دَمہ دَمہ سجدا دِ ے نا
پسنام چونے ییٚنہِ بوزوٕمے | تنہ گوم مسترچھ کھیوتے گیاہ

فاخر کتہ لسہ امہ چانہ غمے
دَمہ دَمہ سجدا دِ ے نا

## محمد مقبول خاکی

مقبول صاب آسی افضل خاکی، ولی خاکی، احمد شاہ خاکی، قمر شاہ خاکی امصنف قصہ ہاروت و ماروت) ہندی یکجدی رشتہ دار۔ یہنز پچھنے منز تش اکھ نامکمل کاشرٕ مثنوی، لگ بھگ ہتھ کاشرٕ غزل، ۱۵، ۱۶ منقبت، کینہہ نظمہ، مناجات تہ نعت۔ مقبول خاکی صابن چھ انفان، سکھ تہ کم کاپہ ابتدائی ڈوگرہ دور و چھمُت یہنز کلہم شاعری منز چھ تمہ وقتہ کمن بدترین سیاسی تہ اقتصادی حالاتن ہنز نشاندہی دارہہس حدس تام جان پاٹھی میلان۔ یتھ مقالس منز چھ یہندی نہ نعت شامل۔

زبدۂ انبیاء سرِ دفتر | شاہِ لولاک سون پیغمبر
از ہمہ خلق افضل و بہتر | شاہِ لولاک سون پیغمبر
کانہہ تس ہیو چھُنہ کانہہ ییہ نہ | زٕنتھ فضیلت ییٚس خدا دِیہ نہ
از ازل تا ابد تہ در محشر | شاہِ لولاک سون پیغمبر
صاحبِ دین خواجہ یاسین | ہادیٔ راہِ ذاتِ حق بہ یقین
شاہ و سالار و سیّد و سرور | شاہِ لولاک سون پیغمبر
صاحبِ نور صاحبِ برہان | صاحبِ کان خلقہ قرآن

سرورِ قدسیان روحِ پرور
شاہِ لولاک سون پیغمبر

زایہِ پیلہ آیہ بر سرِ دُنیا
اُمتی اُمتی سپنہٕ گویا

اُمتیٚ گٔے کران بوتتٕ سفر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

زالہِ کرہ زانہہ تہٕ اَسہِ نارِ جحیم
چھُنہٕ پرواے کانہہ اَسے چھُنہٕ بیم

خوف چھُے تہٕ اَسے نہٕ نارِ سقر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

روز یس کلمہٕ آسہِ وردِ زبان
زانہہ تہٕ کرنکھ تَس ییی شیطان

کیاہ کرے تَس نکیر تے مُنکر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

نورِ حق مقتدائے راہِ ہُدا
حقہٕ دین اَسہِ ییٚتھ گوٚرُن آدا

اَسہِ موکہٕ لاوِ پانہٕ در محشر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

شافع و حامیہ است ہادیٔ ما
پیشوا، راہ بر، تہٕ راہ نما

خاتمِ انبیاء سرن ہُند سر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

لاگتھ اللہ ھو تاجس
کھٔنی برافلاک یام معراجس

قاب قوسین سوٚرکھ بہ چشم و بصر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

زوٗر یار تٔمی ہندی زوٗر اختر
زوشہٕ وَے دینس اندر افسر

تابندہ زیبندہ چار گوہر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

حبٔ چھُ یکسان یٔمس تہٕند دردل
آسہِ تسٕی جنتس اندر منزل

آسہِ یس زٕکھ تہنزٕ سٕہ گوٚو اَبتر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

روزِ عرصات پانہٕ سٔے سرور
آسہِ اَسہِ سایہ رحمتک برسر

روزِ مقبولہٕ خوش اَسہٕ کانہہ غم برہ
شاہِ لولاک سون پیغمبر

مقبول خاکی صابُن دوٚیُم نعت چھُ :

برجمالت گشتہ شیدا عالمے بین یارسولؐ
از زمین تا آسمان بالا و پائین یارسولؐ

نخلِ طوبےٰ چون قد یا الف اللّٰہ ہو احد
شوٗبہٕ وُن در راستی زن سرو یمین یارسولؐ

احسن التصویر صورت چانٛز از سر تا بپا
کانہہ اکھاہ چھُنہٕ چون ہیوٗ در شان و تمکین یارسولؐ

یوسفس کر آسہٕ ہیسے یُتھ حُسن، حاشا، چون ہیوٗ
روئے رعنا خوے زیبا موے مشکیں یارسولؐ

روئے تو چوں برگِ گُل خوشبوٗ تہٕ خوش رنگ شوٗبہٕ وُن
خوئے او سے بالطافت روے نسرین یارسولؐ

چھُے کلامِ حق کلامے چون بالفظ و بیان
در تلاوت پُر حلاوت خوب شیرین یارسولؐ

عطر و عنبر ییٛتھ چھیتھ روٗزِتھ چھُ صندوقن اندر
تم کران بوئے خوشَس چانِس چھِ تحسین یارسولؐ

عنبرِ سارا خجل مشکے ختن خود، در خطا
آہوئے ماچین توے روٗزِتھ چھُ در چین یارسولؐ

آسماں چھُے پراپُون کرِ پھیرِ تو ہہٕ سیٛرِک خیال
فرشِہ کنہٕ دُھرادِ ہیسے تار کھ تہٕ بر دین یارسولؐ

چھُکھ شفاعت دستگاہ بر اُمتاں پیشِ خُدا
رحمت و شفقت چھِ چُونے دین و آئین یارسولؐ

اُمتس کیٛت منگتہٕ حضرت خیرِ دارین از خدا
امر کرِ یارن کرن تم وارِ آمین یارسولؐ

چھے ونان زاری ژٕ نے کُن مقبول، اے مقبولِ حق
آس لاران کاستم غم، چھُس بو غمگین یا رسولؐ

## مولوی محمدؐ حضر مقبل :- ولادت ۱۲۰۸ھ وفات ۱۲۸۱ھ
۱۷۹۴ء ۱۸۶۶ء

بابا نصیب الدین سُند خاص خلیفہ شیخ فتح الدین حاج بابا، اوس مُقبل سُند جد۔ مُقبل اوس اعلیٰ پایک شاعر تہٕ نثر نگار۔ اُمی سندی ساری تصنیفات نظم تہٕ نثر چھِ فارسی زبانی منز۔ اُمی سنز تصنیف "زبدة الاذکار" چھِ اُلہ پلہ پانژن ساسن شعرن ہنز مثنوی۔ مقبلس اوس فارسی تہٕ عربی زبانی پیٹھ استادانہ مہادت تہٕ عبور حاصل۔ چستی، برجستگی، سلاست، فصاحت تہٕ بلاغت چھے اُمی سنز فارسی شاعری ہنز اہم خصوصیات۔ عبدالاحد ناظم سندِس کُلیاتُک تمہیدس منز اوس مے لیوکھمت زِ مقبلس اُس احمد شاہ باہنا سیتی خط و کتابت پوزِ اَمہِ خط و کتابنک تفصیلی مطالعہ کرِتھ نیبوو زِ یہِ مولوی احمد شاہ چھُ ژرال ڈاڈسریک اوسمُت۔ مقبل اوس کاشرِ باکھُ تہٕ شاعری کُن توجہ دِوان، اُمی سندی زٕ نعت شریف چھِ پیشِ خدمت۔

۱

| | |
|---|---|
| ژٕ نے چھے شاہی تہٕ سلطانی | مُسلّم یا رسولؐ اللہ |
| ژٕ چھکھ از لُطفِ ربانی | مُکرم یا رسولؐ اللہ |
| صفت چھے واکفتھے رویس | لگے قربان ژٕہس خویس |
| فدا چانس اکس مویس | زِ عالم یا رسولؐ اللہ |
| بہ قدرت خالقن پیدا | کوٚرُن دُنیا وَمافیھا |
| چھُ چونے نور از مبدا | مقدم یا رسولؐ اللہ |
| کوٚرُم بیداد پُشر یانس | پھوٚرُم ابلیس مے نادانس |
| نگاہ پانس کُنِس جانس | گرٕ ھم کرم یا رسولؐ اللہ |

رٹھم خوے ستی بیگانن ژٹھم لے اہلِ ایمانن
سراسر نفسِ شیطانن دیتم برم یا رسول اللہ

منے کاس آئینہ پالش مل منے کرتم ساری مشکل حل
زنے گردن غفلتچ ہانکل مژرتم یا رسول اللہ

بہ صدیقؓ و عمرؓ، عثمانؓ علیؓ صاحب شہہِ مردان
تمن پیٹھ رحمتک باران دُما دم یا رسول اللہ

منور کور تمو عالم گجر کفرک کوڑکھ برہم
برابر ژور دینکی تھم چھ محکم یا رسول اللہ

سُلیمان اکھ ثنا خواناہ سکندر چون دربا ناہ
چھناہ کاوُس نادا ناہ چھُ کیاہ جم یا رسول اللہ

زِ نورت پادِ گوو عالم نبی ین ہند ژِ چھکھ خاتم
میانِ آب و گل آدم بُد آن دم یا رسول اللہ

ژِ چھکھ پیغمبرن ہند سر ژِ چھکھ از انبیار بہتر
منے چانی آش در محشر چھنے ہمدم یا رسول اللہ

ستونِ چرخ، بالایت حریم لامکان جایت
سپن عرش از کفِ پایت معظم یا رسول اللہ

گناہ گارن پھنے چانی تھر شفاعت پیش داور کر
سیٹھاہ چھس خار تیز ابتر عمل کم، یا رسول اللہ

جوانی شد بہ دل گیری ندارم از طمع سیری
نظر در حالتِ پیری بہ عالم یا رسول اللہ

یمن آسکھ ژِ شاہن شاہ تمن ژلہ درد و غم والٹ
مُلے زانکھ نہ زانتھ زاہ جہنم یا رسول اللہ

جمالِ نازنین ہا دُم شرابِ معرفت چاوُم
سراسر سیر حق بادُم ژلیم غم یا رسول اللہ

وصلی اللّٰہُ فی الدارین    عَلَیکَ غیرِ معدودِ
صلوٰۃً کاملاً نامً    وسلم یا رسولؐ اللّٰہ
چھُ ابتر مُقبلِ نادان    سپٹھاہ شرمندٕ تے حیران
منگے بَس عاقبت ایمان    بخشتم یا رسولؐ اللّٰہ

۲

یا رسولؐ چھُکنا سردار سونے    اُمتن عاشقن لول چون آو
دل وجان وندٕ ہے یکھنا سونے    اُمتن عاشقن لول چون آو
شوقہٕ چانہٕ لوگمُت زوٗنہٕ چھُم گرونے    للّٰہ دیدار پننے ہاو
زندگی چھُ بخشش دیدار چونے    اُمتن عاشقن لول چون آو
طاہا، یاسین تعریف چونے    تھدِ شانہٕ بیٚیہ کانہہ نہٕ زیٚیے ہیوٗ آو
یادن وندٕ ہے قبیلہٕ کرٕ وونے    اُمتن عاشقن لول چون آو
خالقن ییلہِ کوٗر اظہار چونے    محبوٗب پننے کوٗرنے ناو
نوٗر آیہِ کرنے زیٚنے دایہ تونے    اُمتن عاشقن لول چون آو
عرشن مرتبہٕ چون ییلہِ زونے    فرشتہٕ کنہٕ سپنے بوٗرتمی چاو
وَتہٕ چانہٕ دَکھرن پان بونے    اُمتن عاشقن لول چون آو
یارسولؐ ییمی چون فرمان مونے    پرٚزی پاٹھی سبز باگ جنتس ژاو
میہٕ عرفانک پیالاہ چونے    اُمتن عاشقن لول چون آو
آرٕ کوٚرت مُقبل مشتاق چونے    ماہِ روخسارٕ نیتہٕ پردٕ مُرٚزراو
اُسی چون جمال دیوِ ڈیشونے
اُمتنِ عاشقن لول چون آو

## مولوی غلام محی الدّین مھدی (المروف مہدِ شاہ بودہ)

مہدی صاب اوس پننہِ وقتُک جان تہٕ زبردست عالم مانہٕ یوان۔ "تحفۂ مہدی" ناوٕ چھیے یہندِ اکھ کتاب از برونہہ زٕ ہتھ وری چھاپ گمژ۔ مے نِش چھُ اَمیک صرف سروق۔ مہدی صابن اُس "قصص الانبیاءؑ" ناوٕ اکھ بڈ مثنوی تہٕ بیچھمژ یتھ ستراہ پلہ بینژاہ ساس شعر آسی۔ یوٚزِ یہٕ مثنوی چھپنے رَاوس تمی۔ اَمیک پیٚیہٕ نیب چھُنہٕ وُنہٕ تہٕ بیلان۔ یموٚ چھُ "جنگِ خیبر" ناوٕچ اکھ رزمیہ مثنوی تہٕ تصنیف کرٕمژ۔ یہٕ چھنے کانٛہہ پاٹھ۔ یم آسی یہنٛزٕ کنٛز اُستاد۔ غلام مصطفیٰ شاہ مُصفّا، مولوی عبہ صاب بیتر آسی یہندی شاگرد۔ مہدی صابُن کانٛہہ کاشُر نعت گوو نہٕ دستیاب، تہند یہٕ فارسی نُعت چھُ تہنزِ استادی تہٕ فارسی زبانِ پیٹھ جان عبور تھاوِنچ شہادت دِوان۔

اے گُلِ ساغرِ خُمِ طاہا
قُلقُلِ آبگینۂ اسریٰ

اے گُلِ روضۂ خُدا دانی
بلبلِ خوشنوائے ما اوحیٰ

شاہِ شاہانِ عالمِ ملکوت
ماہِ تابانِ مرکزِ غبرا

طوطیٔ نازِ طارمِ علوی
غلغل اندازِ قبۂ مینا

مہمانِ اُبیتُ عند اللہ
میزبانِ شفاعتِ کبریٰ

قرۃ العینِ دیدۂ یاسین
دُرّۃ التاجِ اوجِ ثمّ دنیٰ

انجمن سوزِ طاغیانِ زمین
انجم افروزِ آسمانِ ھُدیٰ

گیسوئے تابدارِ تو واللیل
پرتوے از رُخِ تو شمس ضحیٰ

انہ لعمرک عمامہ ات برسر
وز فتحنا بدوشِ تو طغرا

روحِ اقدس کمینہ چاکرِ تُست
نوح اندر فتوحِ نجیتنا

کاسہ لیسِ سماطِ تُست خلیل
مایدہ خوارِ خوانِ تو عیسیٰ

درس اندوزِ مدرستِ ادریس
شعلہ افروزِ مشعلتِ موسیٰ

محمل آرائے ناقۂ صالح
فرق اندازِ مسجدت یحییٰ

غرق درچاہ غبغبت یوسف  سر بہ تسلیم دادہ زکریا
نے نواز درِ تو اسرافیل  چرخ انداز گنبدِ خضرا
خم کمر بر درت جم و نودر  دم گرفتست قیصر و کسریٰ
چار یارت خلاصۂ کوثر  چار اسرارِ عالمِ بالا
روز و شب نعت خوانِ تہ ہندی  نالہ زن مثل بلبل شیدا
دایم از ابرِ رحمتِ باری  آب تسلیم بر تو اے والا

## عزیز بابائے کاؔنی

کاؔنی صاب آسی وُچھ بیارِ کھ ، ابتدائی لیکھ پرٛ آسکھ حاصل ۔ پننہِ ذاتی مطالعہ سِتۍ اوٗسکھ جان استعداد لوٗبمُت ۔ یِہندِ کینہہ نعت ، منقبت تہٕ غزل چھِ منتشر صورتس منز میلان ۔ وۅنی گوٚو کاؔنی صاب آسہِ نہٕ سیٚدی کینہہ تہٕ ۔ یِم آسی تُکموٗ یِہند کلام تہٕ پنُن تخلص وآتھ درتاوان ۔ اَمچہ چھِنیٚ کینہہ مثالہٕ یِہندی دستِ شریف سِتۍ لیکھتھ مےٚنِس موجود ۔ کاؔنی اوس تُک بندی تہٕ کران ۔ مثلن

ہتے وَنیو کرہٕ ہیٚنے سِتۍ اشنائی
ختائی چائے چاوُتھ یا ختائی
کاؔنی ہندی نعت چھِ شمولیت خاطر کاؔنی ۔

۱

اے صبح صادق روز تم  فریاد لوکو بوز تم
پُر سوز جھُس وۅنی سوز تم  یا در مدینہ یا حرم
ونہٕ ہا پنُن غم سرورس  دادس اَتھے یا شیچھ کرس

چشمو برس تل خوں ہر بس
ازلگ پزر ابدک سحر
بنیہ کا آنبہ چھاتیٹھ ہیڑ کھزر
میمس ادب سے درنسب
شاہِ عرب کا سہم صعب
دوّل نفس ملعونن مٹے زال
ورزُم تمی باطل خیال
ابلیس چھُم پھری پھری کھرن
فریاد چھُس ژیٔے کُن کرن
اُمید چھُم لاتقنطوٗ
دلِ مُردہ راکُن زندہ تو
اَذِے وسیلہ ژور یار
از بہر رَب کردگار
لوّد اُمتی! کرِہ ہم نِدا
کرِہے قِدا زُو چھُم مُدعا

ہر ساعتہ ہر وزہ دمبدم
سر مُرسلن سیٔے کرنظر
چھُنہ کانہہ اکھاہ تیٹھ محترم
میم از قرب دال از عجب
گیسو چو شب یسَ جیم خم
پوّز نہ اپُز لوّد نم و بال
ارزُم نہ کانہہ کرتم رحم
اَز راہِ دین چھُم راوِ رَن
ایمانِ محکم بخشتم
اکھ جلوٕ ہاوِو رُوبرُو
اکِہ نظرِ چھےُ حقہ سُند قسم
اولادو اصحابے کبار
ہر جایہ راضی روز تم
لاران پیٔمے کانٔی گدا
تتھ ژٕہے اجابت تھاوتم

# مُحمد سُلطان میر

سُلطان صائبُن زاسِنہٕ چھُنہٕ معلوم۔ پوٗز سنہ ۱۹۱۴ء۔ سنہ ۱۹۱۵ء منز اُسی یم حیات۔ تمہٕ دوٚہہ آسِہن، ییٚانٛس والدِ بزرگوار خواجہ عبدالرحمان ہندِ وتنہٕ کتِھ، ۲۹۔ ۳۰ وہری، اَمہٕ کنہٕ چھِ یم اندازاً سنہ ۱۸۸۶ء منز زامتۍ۔ ییٚانٛس والد صابنہٕ دنہٕ گےٚ یم سنہ ۱۹۴۸ء منز ییمہٕ عالمہٕ۔ یہُند لیوٚکھمُت نعت چھُ بالکل منفرد بحرِ تہٕ رنگس منز۔

رنبہٕ وِنہٕ مُرسلہٕ کلہٕ وندِیو
دیدارِ چانہٕ بلہٕ کلہٕ وَندِیو

ابتدا کوٚر نکھ ژےٚ پیدا!
ژیٚنےکرٚن عالم گوٚو شیدا

ژےٚ چُھکھ ابتدا نا انتہا
معشوق آزلہٕ کلہٕ وَندِیو

ملٲیک چٲنۍ خدمت گار
سارۍ چٲنۍ تابع دار

جبریلِ امین پِچھے جلو دار
پِچھے کران مورِ چھلہٕ کلہٕ وندِیو

خالقن بخشنے تاجِ لولاک
ژےٚ کھوٚنکھ بیبرس برافلاک

کوتاہ عرشس اوس اشتیاق
لَس ژوٚل زلزلہٕ کلہٕ وندِیو

لول چون جِنن تہٕ انسانن
بکہٕ پِچھے جنگلی حیوانن

محبت زمینن تہٕ آسمانن
کھوٚد پِچھے ولولہٕ کلہٕ وندِیو

کرِ کیاہ ذرٕما دٔرِ یہٕ چون
ژیٚنے سواکُھ یوز حالِ دل سیون

یکھنا ساتھاہ مہمان سون
ردے ہاو کنہٕ ژھلہٕ کلہٕ وندِیو

وولِن چٲنۍ چھم گنڈِ ہٕ ترامے
سینس منز باگ چھم چٲنۍ جاے

چیشمِن بیٹھ بو ہیمہٕ چٲنۍ پاے
مانزِ کنہٕ خوان ملہٕ کلہٕ وندِیو

سلطانسُن چھُ ییٚژ چون ارمان
دٔرِ یہٕ چانہٕ چھم دل گریان

قدمن کرِ ہے سر قربان
بیمار اَدٕ بلہٕ کلہٕ وندِیو

## امیر بابلہٕ تہٕ اعمٰی

اعمٰی اوس عبدالاحد ناظم سٕندٕ زیٹھ بوے، لوکچارس منز اوس شُتلی بمارِ ستۍ اعمٰی گومُت، پوٚرمُت لیوکھمُت اوس، نیتھر روٗس آسنہٕ کنۍ گوولا ولدے یمہٕ عالمہٕ، اُمی سُنہٕ چھُ بیٹھے کم کلامہٕ دستیاب سپدان، اکھ نعت آو دارِ ہیو اتھ کھیتمی تہو در قو بیتھ سٕتھاہ دقت خرِ چِھتھ تہٕ کوٗ کھر زروٗٹ کرِتھ مشکہ سان پرتھ نقل کرنہٕ۔ یہ چھُ اعمٰی صابن ناظم بندِس مشہور نعت "چھس دوٗر پیوٚمُت گرٕھتھ روٗدُم یار مدینس" خیالس منز تھوٚوِتھ وٚونمُت۔ امیر بابہ اوس اعمٰی ہے تخلص تہٕ ورتاوان۔ بینبہٕ یہ پریشانی چھُ امیر بابہ نعتِ شریفس منز تہٕ بیان کران۔ ؎

وٚوتھ پانہٕ بنتھ لار موٗنت مستانہٕ مدینس
تس راضی سۍ گوو پانہٕ یُس گوو پانہٕ مدینس

بے آش مہٕ گرٕھ روز خوش یوٚد چھے پنُ ابن گاش
دوٗنی ہوشہِ دِلہٕ کے روشہ گرٕھ رندانہٕ مدینس

یا شوقہٕ بنتھ گرٕھنہٕ سودا گارِ محبت
برعشقہٕ سودا ستۍ ہر دوکانہٕ مدینس

نتہٕ لاگ گدا خرقہٕ لوٗلک پاٗرتھ کشکول
خیرات لوٗلک ژھار بہ ہر خانہٕ مدینس

از دیدہ ہران خوٗنِ جگر نعت پران نیر
اد کونہٕ داتھ وُچھ تہٕ اکی آنہٕ مدینس

دل دراو کنۍ یا جانہٕ سکھر کرِ تہٕ پتے نیر
سرتن تہٕ مدعا پانہٕ سہ جانانہٕ مدینس

بریاہٕ جگرس گومُت از آتشِ ہجران
لاران ہٕ ژھاران نیر سہٕ گریاہٕ مدینس

از خاک دِتھ آواز تُمن ستہٕ ہنتھ مجنون
دِتھ چاک جامن قبرہا دیواہٕ مدینس

از آہِ سوزان روز و شب تتہٕ زال قندیلا
کر سوزِ عشقک نون سپُن پرواہٕ مدینس

از عرشِ برین خاکن نتھ جایہ شرف دیت
یتھ جایہ ترأوِتھ ڈاپھ سُے شاہاہٕ مدینس

کوٚر ذاتِ پاکن وصف تمُ سُند پاہٕ در قرآن
در ارض و سما خوٚد چھُ توے شاہٕ مدینس

ہر لحظ دماغس چھُ یوان زان طرف خوشبو
شاید نسیم سے پاہٕ سہٕ جاناہٕ مدینس

چھُے زادِ سفر جان دلو یاد محمدؐ
غم دور گژھی لار دل و جاہٕ مدینس

اعمیٰ سپُنمُت مضطرب از ہجر چون سیماب
بھیران چھُ سُے دِلہٕ باگٹ بھر آنہٕ مدینس

## مُحمد یوُسف ڈار زرگر تخلص یوُسف المعرُوف مُرید کاشمیری

(ولادت اندازاً ۱۹۱۴ء دفات بہ عمر ۷۰ سال ۴، دسمبر ۱۹۸۴ء)

محمد یوسف زرگر صاب آسی میانٮ بزرگ دوستو منز۔ یمو اُس نہ کانہہ باقاعدہ تہ خاص سکول تعلیم حاصل کرمژ۔ محض پننہٕ ذاتی مطالعہ تہ خداداد ذہانتہ سٟتی اوس یمو کلاسیکی فارسی ادبس منز سعدی شیرازی ہنز گلستان، خصوصاً مولانا رومی ہنز مثنوی تہ نو فارسی ادبس منز علامہ اقبال سند سورُے فارسی کلامہ تہ ترجمہ نٮ سند سورُے اُردو کلامہ پزٕ پٲٹھۍ پوٗر مُت تہ سوٗر مُت۔ مجلس آرائی منز اوس یمن کمال حاصل، یوسف صابنٮ دوستن منز آسی، مولوی محمد یوسف میر واعظ صاب، چوہدری غلام عباس، سردار عبدالرب نشتر، علامہ اقبال، ڈاکٹر جاوید اقبال، محمد امین تہ تہندی فرزند محمد شفیع قریشی گورنر بہار وغیرہ تہ شامل۔ حلقہ احباب اوسُکھ اعلیٰ تہ وسیع۔ علمی تہ سیاسی مجلسن منز اوسُکھ باوقار مقام حاصل۔ علامہ اقبال سند اوسُکھ زبردست اثر۔ یمو چھُ سارٕنے برونہہ علامہ ہنزن "شکوہ تہ جواب شکوہ" نظمن ہند منظوم مگر آزاد کاشُر ترجمہ از برونہہ ۵۶ وری (اندازاً ۱۹۳۵ء منز) چھاپ کوٗرمُت۔ یمو چھے اقبال ہنزن بٮیہ تہ کینہہ نظمن ہند کاشُر منظوم ترجمہ کوٗرمُت۔ یہنز شاعری ہندی کینہہ مجموعہ چھہ چھاپ تہ گمٕتی یمن منز آہِ قلب، ہلالِ عید، شمع کاروان وغیرہ شامل چھہ، شمع کاروان چھُ اردو نثرس منز مگر کینہہ کینہہ نعت تہ غزل تہ چھہ اتھ منز درج۔ یہ نعت چھُ یوسف زرگر صابٕنی یتھ مقالس منز شامل کرنہ یوان:

شوقہ یوٗد چھکھ ژٕ طالبے دیدار  پرژ صلوات بر نبی مختار

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ

وسلّم علیک یا رسول اللہ

سر پَنُن خم کرُتھ دلس رٹھ دم ۔۔۔ پر درود ہ نبی ژے کاسی غم

صلے اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

باادب روز دل ژ حاضر تھاو ۔۔۔ رب دِی تار لوکٹ ژے کھاری ناو

صلے اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

سوز حاصل کرُتھ ژ تس کن روز ۔۔۔ چس کرُتھ تس سلام ہر دم سوز

صلے اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

دیدِ گریان سینہ بریان کر ۔۔۔ صلے اللہ علیک یا رسول اللہ پر

صلے اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

زاگ ہتھ روز بر در سرور ۔۔۔ لاگ عشقُن لباس ژے دربر

صلے اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

عرض کریا نبی بو چھس بدکار ۔۔۔ آس دربار وون مے بوزم زار

صلے اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

چھس بو بدتر زامتت غافل ۔۔۔ چھکھ ژ رہبر بحق مے کرو واصل

صلے اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

بارِ عصیان مے گوب گومت بسیار ۔۔۔ کارِ شیطاں کورم مے لیل و نہار

صلے اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

کرِ شفاعت منٛے پیش حق اے شاہ　　رَبِّ اغْفِرْ لِاُمّتِی در خواہ

صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

یا حبیبِ خُدا بہٕ چھُس بے تاب　　روٗئے پاکُک منٛے جلوٕ دِم در خواب

صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

مُلکِ کشمیر گوٚو سیٚٹھاہ پامال　　اَسہِ چھُ وولمُت ژٕ پارٕ کفرن زال

صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

اُسی چھِ مظلوٗم بوٗزِ توٚ فریاد　　کفرٕ کے چینگہٕ نشہٕ کرِو آزاد

صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

کاشرِس اُمتس چھِ لاچاری　　دستگیری کرِو، کرِو یاری

صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

چھُے ونان حال یوسفِ مسکین　　بس ژٕ چھُکھ راحتے دلِ غمگین

صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

## لسم شاہ (ولادت ۱۸۶۳ء وفات ۱۹۴۳ء)

لسم شاہ اوس ونجہ بیارس تزدیک اُکس گامس منز روزان یتھ گرونان چھ لسم شاہ اوس باگہ بوزت صوفی شاعر۔ اُمی سندی چھ لگ بھگ زہ ہتھ غزل بیہ کیہنہ نعت تہ منقبت مے یئی من وُہن وُرِدین منز۔ وقتہ وقتہ مختلف گیون مجلسن تہ شودِ تکین منز گرُشیتھ جمع کری متہ۔ لسم شہن خاص موضوع چھ تصوف تہ وحدت الوجود۔ وننہ کنی آسیہ یم وہاب کھار صابنی مرید تہ طالب۔ یم آسی بالکل ان پڑھ (تفصیلہ خاطر وُچھوانت ناگ کالج میگزین "ویرناگ" گونز جصب شمارہ ۵ ۱۹۷۹ء) اُمی سندی زہ نعت چھ اَیتہ مقالس ستی شامل کرنہ یوان۔

ا

ماہِ عالم کیاہ چھُ تابانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

نورِ عجم تہ عربستانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

زِہنہ تہندیے ژچھلے پوشن
کیاہ چھ زمین اسمان توشن

چھس وَنہ وان حور غلمانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

کور معراج تمی ستن فلکن
شوہر تمہ کے ملکن تہ خلقن

چھے منکر حال غارلنے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

سوہر نبوت چھس منز شانن
کیاہ بوزن تنگہِ غار زانن

اَدبر ژرُوٹ تس سایہ بانے
سون محمدؐ شاہِ خوبانے

پانژھ وق نماز بیہ ترہ روزے
ذاتِ پاکن اُمتس سوزے

بیہ دیت تس آیہ فرقانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

تنہ پھیرتھ بوُن یارن
کور انکار اکی کفارن

سُے کافر عقلہ نادانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

ژور یار تس آسی محکم
تمی سیرس کرِی تم محرم

حضرتِ صدیقؓ عمرؓ عثمانؓ نے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

ژٕورِم یار تسٕ اوس مرتضیٰؓ — شُری ہتھ گوٚو سُہ دینس فدا
تاوٚ تسٕ بیٚوو شاہِ مردانے — سون محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانے
شُبہِ درود رحمت نبیٚ یس — سایہ تمی سُند چھُے شاہ سمس
مایہ تھٕہنز سیے گوٚو سُہ مستانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانے

۲

صُبحکِہ وقتے دژاو عرشک مہمانہ تے
گاہ بیٚوو عرشس شاہ چھُ پکان شاہانہ تے
موٚستوٗرِ عرشیچ حوٗرِ دژالیس وٕنہٕ وانہٕ تے
کیاہ رٔدہٕ نہٕ گنڈتھ بیٚیہِ شرہٕ نہٕ دار دامانہٕ تے

صُبحکِہ وقتے دلیٚو نٹھ حوٗرو نوٗرانہ تے
سرداپہ وولو سانہِ عرشکہِ دُر دانہٕ تے
صُبحکِہ وقتے کوٚرُن معراج شاہانہ تے
حضرت جبریل اوس قاصد میانہ تے

اڈن تمی بُراق خاصہ ییرتھ ساہانہ تے
سنگر پرپزے یہِ کنگرن بیٚوو نوٗرانہٕ تے
مجبوٗبہٕ سُندے لوٗب مےٚ چھُم ہر آنہٕ تے
تی لایزالن پانہٕ کوٚرُن بیانہٕ تے

نوٗرانہٕ بے پتھ نوٗر پیدٕ بوٚد دیوانہٕ تے
مشکین مویس روے وُچھس تابانہٕ تے
صُبحکہ وقتے چشم شمع گریانہٕ تے
گتھ کرِتھ عاشق بیٚوو ہا دزتھ پروانہٕ تے

## محمود گامی

محمود گامی بندِ ترِ نایاب تہٕ اَچھاپٕ نعت شریف چھ تۆہرگ زاَنتھ یِتھ مقالس منز شامِل کرنہٕ آمتۍ۔ اکھ نعت شریف میول اکہِ کرم کھوردہ تہٕ خستہ جزوِ منز۔ دۆیم نعتِ شریفُک چھ محمود گامؠ سۭتؠ بٔرو نہٕ منعقد کرنہٕ آمتس سیمنارس منز ذکر کرنہٕ آمُت۔ ازِ چھ یہ مکمل نعت پیشِ خدمت تہٕ حال حالے بدس آمژ اکہِ بیاضِ کنہِ چھےٚ امہٕ نعتہٕ کس اکس آخری شعرس تبدیلی آمژ ووٚنؠ چھےٚ اَمۍ زیادٕ صحیح صورت نیامژ۔ شعر اوس برونہٕ یتھ پاٹھؠ ؎

قافلہٕ دور یوم کاروانہٕ دژاو    غافلہٕ پانو نیندرِ مو ترٛاو

ووٚنؠ چھےٚ اَمۍ صورت یہ ؎

مُنزِلہ منٛے دُلہِ یوم قافلہٕ دژاو    غافلہٕ پانو غفلت ترٛاو

محمود گامی سُند ترٛیُم نعت شریف کور منٛے سٹھاہ خستہ، کرم خوردہ تہٕ شکستہ ترین ورقو پیٹھٕ سٹھاہ بوڈ مُحدّب شیشہ استعمال کرِتھ وارٕہن دوہن سوٗچ سوٗچ نقل، تکیازِ یہ اوس صبر شکن آمیزی خطس منز لیکھنہٕ آمُت۔ یہ چھ زٕھوچہِ بجرِ منز تتھی بجرِ منز یتھ منز محمودن قصہٕ شیخ صنعان لیوٗکھمُت چھ۔

محمود گامی سُند چھ نو سر کینہہ کلامہٕ حال حالے منٛے بدس آمُت، یہ چھ منتشر ورقن پیٹھ آمیزی تہٕ رواں خطس منز تحریر شُدمُت۔ اَمیُک پرُن چھ بے حد مشکل۔ صحت، لُن لبُن تہٕ وانس ہے پوشہٕ یہ کام تہٕ پیہ وارٕ وارٕ کا یہٕ اننہٕ۔ انشاءاللہ۔

١

نور ظہورُک پرتو ترٛاو    یا رسول اللہؐ دیدار ہاو
ژیرے چھُک رحمتُک بوڈ دریاو    ژیٚنؠ چھےٚ حضرت محمدؐ ناو
ژیٚنؠ تشنہٕ سوٗرے کائنات دژاو    یا رسول اللہؐ دیدار ہاو
زُس منز باگ رُوح بیلہِ ژاو    ملکو تس کُن سجدہ دژاو
رَد کورُن شیطان گوو بدناو    یا رسول اللہؐ دیدار ہاو

پھولہٕ وُن بہار موٚلہٕ یُے آو — باغن تہٕ چمنن پھیوٚر خوش ہواو
ییلہٕ آکھ تیلہٕ کٔر گلن بے کراو — یا رسولؐ اللہ دیدار ہاو
پوشہٕ کٔس باغس منز وتھراو — محمدؐ زور یار ہتیٛ ہتھ آو
حور پچھے ژیے کیٛتہٕ کران پارٕاو — یا رسولؐ اللہ دیدار ہاو
سخ دادٕ لدن چھے آمہٕ تاو — شربت دیدارٕ سنٛز شیہلاو
روضس پننس بر مٔژ راو — یا رسولؐ اللہ دیدار ہاو
کٔس ڈُنھ زانو جنتھ کیاہ آو — گٔژھ منز سارنے گاشاہ ہاو
دین بنیہ ایمان سلامت تھاو — یا رسولؐ اللہ دیدار ہاو
اَسہٕ کٔر غفلت بیش تی آو — گناہ گارن کُس ہینیہ ناو
اُمید چانی، اَسہٕ مہٕ مشراو — یا رسولؐ اللہ دیدار ہاو
مُہرِ نبوت نشانہٕ آو — شانن منز باگ تھاو نہٕ آو
مٔنٛے تہٕ چھم دردل وُچھنچ کراو — یا رسولؐ اللہ دیدار ہاو
کتھ چھے کٔنٛہ یے دردل تھاو — اُستاد ژھارُن آتش سرباد
ییٚمی ترٛاو مستی تسٕ اَتھ آو — یا رسولؐ اللہ دیدار ہاو
محشرکہٕ میدانہٕ اَسہٕ موکہٕ لاو — بینہٕ کیو تنہٕ، بس چونے ناو
سنٛھ چانی قط اَسہٕ گوٚہن نزاو — یا رسولؐ اللہ دیدار ہاو
ٹُنزہٕ لہٕ منے دوریوم قافلہٕ دراو — غافل پانو غفلت تراو

محمود ژیے کُن اُمیدوار آو
یا رسولؐ اللہ دیدار ہاو

۲

شب و روز ونی تو بۆیسٕ زاری — سارۍ لگہٕ وے پارٕی تس
دو شٲونی عالمن تسٕی سرداری — سارۍ لگہٕ وے پارٕی تس
جبرئیلٕ کرٕنس خدمت گاری — ربہٕ بندی فرمان واتہٕ ناوِنس
اوبرٕ ژرٕلٕ ہمیشہ کرٕ سایہ داری — سارۍ لگہٕ وے پارٕی تس
کھور معراجس پاپہٕ جباری — سورٕے ہاوِتھ سیر باوِنس
دود مانچھ اُنی ہس پیالہٕ بری باری — سارۍ لگہٕ وے پارٕی تس
دوپ نس اُمّت زالی زیمنہ تاری — ہمت وُچھِتو تس بئے یسٕ
بخشمٕے اُمّت دوپس غفاری — سارۍ لگہٕ وے پارٕی تس
پوز دوپ تمہٕ دوہہٕ تمۍ یارِ غاری — پسٕزٕ چھُم محمدؐ بارٕ پُشتس
گوپھ منز دِژٕ تس لوٗکھ شہاری — سارۍ لگہٕ وے پارٕی تس
وُچھِتو کیاہ کوٗر شاہِ دُرٕداری — اُچھ کڈٕن مشت دِتھ شیطانس
عادِلن چھہ تہندٕے استظہاری — سارۍ لگہٕ وے پارٕی تس
پایہ بوڈ عثمانؓ لگہ ہس پاری — آیہ آیہ سوٗمبرٕن قرآنس
حیا رستی تمۍ لب کامگاری — سارۍ لگہٕ وے پارٕی تس
حضرت شاہِ مرتضیٰ شیرِ جباری — ماہ زن زوتان اسمانس
دُلدل تہندٕے برق رفتاری — سارۍ لگہٕ وے پارٕی تس
فرمانِ حضرتؐ پئے وستہٕ جاری — آسہ کیہ غم زاہ محمودس

کاسہٕ پزی پاٹھۍ سٕے آسہٕ بےچاری
سارۍ لگہٕ وے پارٕی تس

۳

زار بوزتم یا مولا کرواتہٕ بہ سوئے بطحیٰ
کعبس ڈیکہ دِتھ پرٕہا سبحان ربی الاعلیٰ
لوبہٕ ستہٕ پھوٗٹم سینہ کرواتہٕ مکہ مدینہ
سر تھاوٕہا برزمینہٕ ڈیشتھ عرفات منا
حضرتس بنزرن وتن ڈیشتھ آبہٕ ہا متن
یم چشمہٕ وتھرس وتن وُچھہن گنبدِ خضرا
وُچھہن برمُنزٕ رادِتھ کتھ شایہٕ چھُم ڈایہٕ نزادِتھ
پاین تل سرترادِتھ ودان کرہس عرضا
دپہٕہس ہا تھدٕ پایے وٕڈ ہتہٕ چھہٕ اسی چانہٕ مایے
کھٕٹتھ روُدک ژھایے اُنتہٕ چھےٚ گامُنز پھلوا
تھوُدٕ دِتھ سانہٕ سردارے احوال سون بوزوالے
بیکس چھی لاچارے افتادٕ پےمتہٕ از پا
اُسی ماری نفسِ امارن لگمتہٕ چھہٕ اسی بدکارن
شیطان چھہٕ پتےٚ لارن افسوس چھُم واویلا
یا دلس دوٕنی پیوم تادن لوکہٕ چار یار گوم رادن
نوٗن چھس چھوٗن اتھہٕ ہادن ژھارن دیدارِ مولا
للہ کرتم مےٚ یاری کاستم غفلت تہٕ خواری
محمودس پاسِ یاری ایمان کرتم عطا



کشیر ہندا کھ گمنام فارسی نعت گو شاعر

# مولینا عبدالرسول خانقاہی

غلام نبی گوہر

کشیرِ اندر آو اسلام صوفیائے کرامن ہندِ وساطتہٕ یمو اُسوہ حسنہٕ کس قالبس اندر ہینہٕ زندگیہ بھرُ مرٕ آسہ۔ یم خُدا دوست حضرات سادات تہٕ یا کاشری رێشی دوشوٕنی ہند مشترکہ اثاثہٕ اوس فقط حب رسول صلی اللہ علیہ وسلم۔ حضٕ امیرٕ تہٕ آے کشیر تہٕ تہندس ینس ستی ستی آو دلن تہٕ دماغن تمہ کوثرک سرمہ آبیاری کران یُس تمن جہل اسرار ناوکھن ژتجھن نعتیہ غزلن ہند اموب روح چھ یمن ژتجھن رازٕ گنجن انٕ تام کاشرٕ مخصوص طورٕ امار پچ آش وندان آے۔ اتہٕ پیٹھے رُود کاشرٕ ذہن، سوچ تہٕ زبان درتعریف سرورِ دوعالمؐ وونُدن ہند بور لوٗترٕ راوان۔ کاشرٕ زبانی منز کوٗر حضٕ شیخنؒ عقیدتہٕ چہ یزتھ تہٕ خلوصہ چہ پرتھ ستی نعتک پھزوٗرٕ ذسلابہٕ تہٕ تنہٕ رُود نعتیہ شاعرن ہندی کاروان پھبان تہٕ پھولان۔ اَتھ لَرٕ لۄرٕ رُود کاشرٕ تردماغ فارسی زبانی ہندس نعتیہ ادبس تہٕ بُرٕزر کران۔ یمن فارسی نعت خوان شاعرن اندر چھ حضرت شیخ یعقوب ایشان صرفیؒ، مرزا اکمل خان بدخشیؒ، خواجہ حبیب اللہ نوشہریؒ، ملا فاخر، بہاء اللہ متو، عبدالغفار تائب، میر حسین قادری، غلام رسول شیدا، جید کشمیری بیترٕ درجن داد اہم صاحب فن شاعر مگر یمو ستز رُود اکثر شاعرن ہند شاعرانہٕ رُتبہ سُر گرشھ نے تکیازٕ یمہند خونِ جگر رُود میلادٕ چین محفلن، استانن ہنزن بولوٗد خانمین تہٕ خانقاہن ہنزن شبینہٕ مجلسن تام محدوٗد۔ احتمال چھُ زٕ فارسی خواندن

ہُند کاروان تہٕ گرٛشہٕ ژھوکان نہٕ یمن گاشرٕ مُنارن ہُند گاہ نہٕ پیہٕ گمنٲمی ہندِس کالہٕ اَڈبرس ڈلُن۔

یُتھ مضموٗنس اندر کرٕ بہٕ تِہنٛزٕ پیٹھ اَکِس گُمنام مگر عظیم فارسی شاعرٕ سُند تذکرٕ یِمو سندی درجہٕ واد نعت تہندٕ ین زٕ رٕ ین تہٕ معلوٗم چھنہٕ۔ حد چھُ زِ گوڈٕ چھُنہٕ یتہٕ معلوٗم زِ تِس چھا زُرٕ شرٕ آسٕ مِتی تہٕ کُنہٕ نہٕ۔ اَمہٕ ہندٕ بُس اکھ نعت تہٕ اکھ منقبت چھُ میے وُنیکتام صرف زِرادِ شریف آستانہٕ شبینہٕ محفلن منٛز بوٗزمٕت تہٕ تتہٕ تہٕ صرف حاجی غلام حسن مجید صابٕ نِس خوش لحنس منٛز۔ بیٛیہ چھُنہٕ اَمہٕ ہند نعت کشیرِ منٛز کُنہٕ تہٕ پرنہٕ یوان۔ یہ عاشقِ رسول چھُ مولانا عبدالرسول خانقاہی یُس ہندِس نعتس منٛز مولانا جامی سُند عرفان، امیر خسرو سُند گداز تہٕ قدسی سُند دردٕ سوز ژھوٗرہ ماران چھُ۔ چونکہ اَمہٕ سُند کلامہٕ چھُنہٕ خاص طبقس تام تہٕ ووت مُت تہٕ لہٰذا اُمس متعلق کلامہٕ کرٕ نہٕ بردٕ تہٕ کرن بہٕ پرٕن والین ہندٕ ین نظرن ہیٛنجارٕ دِنہٕ خاطرٕ تہٕ دٕ ونٛدن سرٕ ہہٕ پھرنہٕ بابتھ بطورِ نموٗنہٕ اَمہٕ سُنٛد اکھ پوٗر نعت پیش۔

اے تُرا ملکِ دو عالم یک قلم زیرِ نگین — صد سلیمان ہمچو سلمان بر درت ساید جبین
گرچہ ملکِ دو جہاں دست تو یکرہ برنداشت — نیست بیرون از خطِ فرمانِ تو دنیا و دین
گر بہ صورت احمدی اما بمعنائی احد — اسمِ تو خیر الرسل جسمِ تو ختم المرسلین
روشن از روئے تو عالم گلشن از بوئے تو خاک — بود آدم ما و طین تو مطا و ما و یا وسین
نوح از طوفان بدرگاہت پناہ آور درست — ورنہ بے جودت وجودش کے شدی جودی گزین
از نسیمِ خلقِ تو رفت بوئے بر خلیلؑ — کاں ہمہ آتش بر دریحان شگفت و یاسمین
سیم و زر لعل و جواہر قیمتِ یوسف نمود — قدرِ تو افزوں از لولاک اے دُرِّ ثمین
پایۂ معراجِ موسیٰ زیں جہاں کوہ پارہ — حجلۂ خلوت سرائے خاصِ تو عرش برین
عیسیٰ مریم برائے دستِ بیعت یک قدم — از زمین آمد بہ چرخ از چرخ آید بر زمین
ناقہ دارت صالح و ہارون بہار دنی دواں — غاشیہ ات بخشید فِ شہپرِ روح الامین
در شبِ اسریٰ بعبدہٖ بر کمالِ سرعتت — از ملک طوبیٰ لک آمد از فلک صد آفرین
قابَ قوسین پایۂ ادنیٰ بود از قرب تو — در شبِ معراج چوں در لامکاں گشتی مکین

والضحیٰ از مصحفِ وصفِ جمالت صفحہ ۔۔۔ معنی والّیل اشعارِ زشعرِ عنبرین

آیت انا فتحنا پرچمی از رایتت ۔۔۔ چوٗنتو برکس نیست منزل انچنن فتح مبین

صاف شمسی چوٗنتو بکشاد است تیرِ بے خطا ۔۔۔ از کمان مارمیت اذ رمیتہ در کمین

بہرِ اثباتِ کمال دستِ گار روشن است ۔۔۔ رجعت خورشید یا شق القمرا نہ شاہدین

ناقصی چوں بر کمالت پے برد این کس کہ گفت ۔۔۔ ذات پاک اندر صفاتت رحمۃ للعالمین

صد درود و صد سلام از ما بیکیچ صبح و شام ۔۔۔ بر تنو و بر آل و صحب و اہلبیت طاہرین

در دوٗ عالم وردِ جاں نام تو میساز د رسول

بر امیدِ یک شفاعت یا شفیع المذنبین

مولوی عبدالرسول خانقاہی چھُ ژرارِ شریفک اوس مُت تہٕ پٹھان دورٕکۍ ظلم و جبر چھُن دٕچھمُت تہٕ اَتھ پیٹھ چھُن احتجاج تہٕ کوٗرمُت مگر پانس چھس عطا محمد خان صابنس گورنری عہدس اندر آسایش تہٕ وارِہ مگر تو تہٕ چھن نہ امہٕ کُڈرٕ وقتکو بارودِنی ترٲوِ متہٕ ۔ عطا محمد خانس ستۍ چھُ امس محض تیٚژرے وابستگی آسمژ یتھ راہ اکس مخصوص وَتہٕ پیٹھ یکن والین دون ہمسفرن آسان چھے ۔ مولانا عبدالرسول اوس حضرت علمدارِ کشمیر سند عاشق، منقبت خوان بلکہ خادم دربار تہٕ عطا محمد خانن اوس اَتھ دربارس ستۍ پنٕنہِ عقیدتُک خاص اظہار کوٗرمُت ۔ ژرارِ شریفُک خانقاہ، نقار خانہٕ، لنگر خانہ بیترِ گٔے اَتھی دورس اندر تعمیر تہٕ یمن عمارژن ہندِ تعمیر کرِ تکمیلُک قطعاتِ تاریخ چھُ اَدی تہٕ جید صابنۍ لیکھمتۍ ۔

مولانا صاب آسی پانس خانقاہی تخلص لیکھان تہٕ یتھ کنۍ اوس ژرارٕکین اکثر فارسی خواندن یہ خیال زِ یم چھِ شاید سرینگرٕ کہ خانقاہِ معلیٰ محلکۍ روزن والی آسی متۍ ۔ سُہ طبقہٕ اوٚ ژھوکان بلکہ تم ساری چھُ دوٗنی رحمتِ حق گامتۍ ۔

میون مرحوم والد صاب اوس امہِ اَتھ خیالس ستۍ اتفاق کران ۔ تہند یہ خیال زِ مولانا عبدالرسول صاب آسہٕ ہا ژرارٕکۍ خانقاہِ شریفس اَندی یکۍ روزان تہٕ ادے امس خانقاہی دنان تہٕ چھُنہٕ صحیح باسان ۔ مطالعہ کرِتھ سپد مے یہ تحقیق زِ چونکہ رسول صابس چھُ ملا عطاؤاللہ خانقاہی پیر تہٕ ووستاد اوسمُت تمی

تناسبتہٕ چھُ یمو پانس خانقاہی تخلص تھوو مُت ۔ یہ چھُ سرپرستی ہند خلوصک کمال زِ مولنا رومی صابن تروونہِن غزلن ہنٛس پیٖر حضرت شمس تبریزی سُند لکھت تہٕ مولنا رسول صابن کرٕ پنٛنہِ شناخت ہنٛس اُستادٕ ہنٛدِس پرزنتس منز ضم ۔ اَمہٕ خلوصُک سرٕ ہیہ چھُ یمن شعرن منز ٹاکارٕ ؎

منکہ بودستم ہلالِ روئے زرد          مہر او ستادم مہہ دو ہفتہ کرد
اب رُبُتُ آمدو خیر الاباست          مَن تعلم شاہدِ غیر الاباست

حدچھُ زِ یہ تہٕ چھُنہٕ معلوم زِ رسول صاب کمہٕ مولوی گھرُک چشم و چراغ اوس تہٕ نہ چھُ اُہندین ذُرین ہُند کانہہ پے ۔ شاید چھُنہٕ تس پانس کانہہ اولاد اوسمُت ۔ مولانا صاب چھِ حص سٕتٕھنس منقبتن اندر فریاد کران کران تٕرارِ شریف پنُن وطن آسنس پیٹھ یتھٕ کنٛی فخر کران ؎

دارم وطن در کوئے تو باز است چشم سوئے تو
شاید کہ بینم روئے تو قربان مژگانت شوم

یا

بکیس مسنم در شہر تو افشاندہ ام از بہر تو
حب الوطن را آستین یا نورِ انور نور الدین
دارم رجائی آنکہ من در کوئے تو گیرم وطن
عزم گریبان شد ہمیں یا نورِ انور نور الدین

مولنا عبدالرسول صاب چھُ صاحب دیوان تہٕ اوسمُت تہٕ اَمہٕ علاوٕ چھے یمو اکھ مثنوی "نظم المناقب ثاقب" تہٕ تصنیف کرٕمٕژ یتھ منز ۲۲۲۴ ابیات چھِ ۔ اَتھ مثنوی اندر چھُ یمو حضرت امیر کبیرنٛ ہنٛدی روحانی کارنامہٕ نظماوی مٕتۍ ییمٕہ ؤہرس حض امیر سُند مُنٛن جد بزرگوار درخواب وُچھُن تمن نش پے لبتھ محمود مزدکانی صابس نش واتنُ یتہٕ پیٹھٕ سنز تابعداری تہٕ اَمہٕ پتہٕ امیر کبیر سُند سیاحت تہٕ تبلیغ بیتر چھُ اَمہٕ مثنوی ہُند موضوع ۔ اَمہٕ علاوٕ چھِ یہندی داہ

پَنداہ نعت پانژہ پیٹھی مناقب درشان امیر کبیر تہ لگ بھگ زٕ درجن مناقب در مدح حضرت علمدار بدست آمتی ۔ یہ سورُے کلام مولوی عبدالرسول مرحوم اوس میانی بڈ بب مرحوم غلام محمد مُقیم صابن سو سبر اوتھ پننہ خوش خط زٕ ژھراوتھ تھوومُت مگر سنہ ۱۹۶۰ گوڈ پچہ رازٕ منز ییلہ زرار شریفہ نار ہیوتن اتہ گو اتھ کلامہ منز اکھ حصہ نذرِ آتش ۔ افسوس چھُ زٕ "دیوان عبدالرسول" منز چھِے صرف زٕ در پانژہ غزلے محفوظ روزمژ ۔ یمہ ردیف جیم تہ دال سٕتی واتھ تھوان چھِے ۔ مثنوی نظم المناقب ثاقب چھ شاید تُوپوٗت موجود مگر ورقن چھُس پھیر کاٗڈن ضروری ۔ مے چھُنہ معلوم زٕ بییہ کانہہ نسخہ تہ چھا یہند کینہہ کلامہ موجود مگر ژھارنٕچ کوشش میانی روزِ جاری ۔

بییٹھ کنہ درج کورمُت نعت چھ ٹاکارٕ باوتھ کران زٕ مولانا عبد الرسول صابس چھُ عشقِ رسولکی فرژھلی جذبن کلامس سہ مُشکِ ادِف مولُت یُس فارسی نعت صنفہ ہندین امامن ہند خاصہ چھُ ۔ اَمی جذبک وولہ بار چھ خانقاہی صابہ نس پرییتھ نعتس منز ۔

آیم نہ ماند در جگر از حرفت فراق
ای برق سوخت خشک و نرم قبلہ گاہ من
شُد آہ حسرتِ تُو خزانِ بہارِ من
ای باد ریخت برگ و برم قبلہ گاہ من

امہ نعتہ شریفکی پنداہ وے شعر چھ خونِ جگر سنگ وتھ عشق نبہ کس بیمار سنز آہ و زاری ہند طومار بنیمتی ۔ ژھوژِس، ژھرس، چھنس تہ ہندرس کیاہ ہنکہ یمہ کھوتہ سرمایہ آستھ ۔

مُشتی زِ خاکِ مقدمِ تو در لحد برم
زادِ سفرم ای قدرم قبلہ گاہ من

اَمی اَنمانہ چھُ یہند پنژہ ہن ابیاتن پیٹھ — بیاکھ نعت فنافی الرسول

کہن اَوٕلین نگر طرحدار تہٕ شوٗبدار پہلوٗون پیٹھ مشتمل۔ کینہہ شعر نموٗنہٕ زنگی پیش کرٕتھ کرِ یہ نعت پلنےٚ پٔنٕز باوتھ۔؎

سینہ ریش خوٗنبارو داغدار — بر مثالِ لالہ زارم یا رسولؐ

نوٗنہالم از خزانِ ہجرِ توٗ — ریختہ شُد برگ و بارم یا رسولؐ

خالقاہی صاب تہٕ چھُ باقین شاعرن ہندی پأٹھ مقامِ محمدؐ بیان کرنس منز عاجز تہٕ قاصر تہٕ؎

شبِ معراج توٗ روشن بہ سبحان الّذی اسریٰ
براق برق تگ راندی زمکہ جانب اقصیٰ
باقصی الغایت الاوحیٰ دویدی بلکہ ما اوحیٰ
مقام قاب قوسین را رسیدی بلکہ او ادنیٰ

اغثنا یا رسول اللہ ارحنا یا حبیب اللہ

بشانِ توٗ شدہ نازل یکے یاسین دگر طاہا
بہ وحیٔ توٗ شدہ قایل یکے آہو دگر حربا
بخدامِ توٗ میبازد یکے غلمان دگر حوٗرا
بغنامِ توٗ میبازد یکے آدم دگر حوّا

اغثنا یا رسول اللہ ارحنا یا حبیب اللہ

کأشرِس قومس پیٹھ گوڈٕ پیٹھے ظلم و جبر وچھتھ چھُ شاعر توٚہیہ زبوٗ بٔنتھ بدربارِ رسالت عرضی ترادان؎

من آن مظلومِ دلگیرم کہ از سر رفتہ تدبیرم
زِظلم آبادِ کشمیرم بافغان یا رسول اللہؐ
زحد شُد دورِ افغاناں فغان از جورِ افغانان
تو دست زورِ افغاناں بہ پیچان یا رسول اللہؐ

کشیرِ "ظلم آباد" ناو دِتھ چھُ خالقاہی صاب پننہٕ جدّت طرازی کام ہیتھ پننہٕ توارِیخی شعوٗرک باس دِوان۔

خانقاہی صاب چھ رسول اکرمؐ سٕندین معجزاتن عالمانہ خیالہ سان تہٕ شاعرانہ نزاکتہٕ سٕندس پأراوس منز تذکرہ کران۔

شقِ قمر و رجعت خورشید گواہ است
بہ قدرتِ دستِ قدر امکانِ محمدؐ

سید المرسلین محمد عربیؐ سنٛز ذاتِ پاک چھےٚ تمن سارنٕے عظمتن ہنٛز سوٚمبرن یم بجر تہٕ گون ربِ جلیلن بٔینن پیغمبرن تہٕ مُرسلن بخشمٕتی اُسی۔ عیسیٰ مسیحؑ اُسی قُم باذن اللہ پران تہٕ مؤردن زِندہ کران۔ مگر آنحضورؐن سٕند نگاہ انقلاب آفرینک اوس یہ معجزٕ زِ ہٕتہٕ واد ذٔری یُس بیٚٹھ گٔمٕتی مؤردٕ دل تہٕ رۄح تہٕ پسماندگأمٕتی قوم، قوم گٔیہ اجتماعی طورٕ زِندٕ۔ حضرت موسیٰؑ اُس گوونُو رِچ زٔرشٕ وُچھِتھ غشس گمٕر حضرت محمد عربیؐ صأبن اللہ تعالیٰ نُورُک آگُر لوٚلہ۔ سرور کائناتہٕ سٕندین یمن منفرد عظمتن دِیُت پرٛیتھ کأنٕسہٕ نعت گو شاعرن پننہٕ پننہٕ اندازہٕ تہٕ انہارہٕ بیٚیر تہٕ خانقاہی صاب تہٕ چھ بیٚٹھ کُنہ اکھ بجرس وَنہٕ وان۔

| | |
|---|---|
| عیسیٰؑ کہ گرفت است زیر دفتر حکمت | کم نسخہ نویسی است بدیوانِ محمدؐ |
| موسیٰ کہ کلیم اللہ کہ گستاخ زبان بود | یک طفل نو آموز دبستانِ محمدؐ |
| دیوانہ شدہ ہجو پری دیدہ سلیمان | مید ید اگر حشمتِ سلمان محمدؐ |

خانقاہی صأبنین نعتن ہُند اسلوب چھ بدٕ وُن۔

| | |
|---|---|
| یا شفیع الوریٰ دمے بگذر | بر سرِ گشتگان تیغ فراق |
| جان و دل بے سخن نثار کنند | سخنے بشنوی گر از عشاق |
| ز آتشِ شوقِ تو زنم ہر دم | سر بسنگ فراق چوں چقماق |

ژورن یارن سنٛزِ پننہٕ خلوص بٔرتہٕ عقیدتُک چھ یمہٕ آیہ اظہار کران۔

| | |
|---|---|
| از جملہ اصحاب صفا گوئے صداقت | صدیق ربود است بہ چوگانِ محمدؐ |
| عمرؓ کہ میانِ حق و باطل شدہ فاروق | عادل ترازو نیست بہ میزانِ محمدؐ |
| بر بام فلک نعرہ زنانند ملائک | احیائے حیا آمدہ عثمانِ محمدؐ |
| در مکتب علم ازلی حیدرِ کرار | گویند کہ بود است زبان دانِ محمدؐ |

## نعتیہ ادب

یہ مضمون اند واتناوَنہ برٕ وہنہٕ کرٕ یہندٕ بن مناجاتن تہٕ منقبتن ہُنٛد نمونہ پیش —

کن کرم پرور دگارم انت خیر الاکرمین
فتح باب کار و بارم اَنت خیر الفاتحین
چشم آں دارم کہ در ہر طرفۃ العین انگکنی
صد نظر بر حالِ زارم انت خیر الناظرین ،

یا

اے اسیرانِ نواز دارین عتیق
عاشقانت مست بر جوش رحیق
من گرفتارم بصد بند مفیق
خود ندارم جز تو در عالم رفیق
نجنیٖ مِن کُلِّ ضیقٍ یا شفیق
ہر کسے نازانِ کردارِ خود است
اعتبارِ ہر کس از کارِ خود است
بندۂ مسکین گرفتارِ خود است
شہر بندِ چار دیوارِ خود است
نجنیٖ من کلِّ ضیق یا شفیق

حضرت علمدارِ کشمیر ہندس تعریفس منٛز چھ درجن واد مناقب خانقاہی صابن تصنیف کرٕ مٕتی —

اے شیخ فخر المتقین یا ہور النور نور الدین
دے مُرشدِ حق الیقین یا ہورِ النور نور الدین
کشمیر را آباد کُن ایں خطہ را آزاد کُن
از جنگِ ظلم ظالمین یا ہور النور نور الدین
شیخ نورُالدین کہ گردوں جُبہ سا بر خاک اوست
شاہ انجم خاکبوسِ بندۂ چالاک اُوست
منبعِ علم لدُنی سینۂ بے کینہ اش
معدن اسرار عرفان معدہ کاواک اُوست
معنیٔ الفقرُ فخری را نہ کس چوں او شنید
فقر و فاقہ افتخار خاطر دراک اُوست

ادارٕ چھُ ییٚتہٕ لس حضرت بل درگاہ کِس سابقہ امامِ جی تہٕ خطیبِ درگاہ مرحوم غلام احمد فاروقی صابُن اکھ موٗختصر انتخاب کلام شاۤمل کران۔ موصوف اٗسی فارسی علاوٕ کاشرِ زبانِ منز تہٕ نعت گوئی کران تہٕ عام پاٹھۍ اٗسی عاصم تخلص کران۔ نوٚجودٕ امام و خطیب مولانا بشیر احمد فاروقی چھِ لیکھان زِ یِہُند تاریخِ وفات چھُ ۷، ماہِ جمید الثانی ۱۴۱۲ھ مطابق ۱۴، ماہِ دسمبر ۱۹۹۱ء بروزِ شنبہ بعدِ نمازِ عصر۔ یِہندِ کلامُک نموٗنہٕ چھُ پیش۔

فدائے خاکِ نعلینت دل و جان یا رسول اللہ ﷺ
صدائے ما غریباں است گریان یا رسول اللہ ﷺ

یہٕ اُمت بے سر و سامان غریب و ناتوان گاٗمژ
علم دٕیِنج بیتھ پیمژ زِ الیوان یا رسول اللہ ﷺ

زِ روضہ وٕدٕنی ہبرا ہتو خبر ہیٚیٚ لو۔ بمتاجاں
بعاصم اکھ نظر کرِ تو زِ احسان یا رسول اللہ ﷺ

---

اے شاہ اقلیمِ قدم
چھکھ خاصِ معشوقِ خدا

مکہ مدینُک مُحترم
عربُک تہٕ عجمُک پیشوا

چھکھ گنجِ لُطف و رحمت
اُمتس پیٹھ مغفرت

والّیل چھےٚ مویُک صِفت
رویُک صِفت چھےٚ والضحیٰ

اندرہ ازل نوٗن دژاکھ ژٕ ے
آخر زمانس آکھ ژٕ ے

شاہنشہٕ لولاک ژٕ ے
چھےٚ مرحبا چھےٚ مرحبا

عاصم چھُ اُمت زیرِ در
براندس سُہ جانس دِتھ چھُ سر

لُطفچ کر یُس نا اکھ نظر
یا سیّدا یا سیّدا

★

# کاشر مرثی منز نعتک حصہ

نساط انصاری

| | |
|---|---|
| بلغ العُلیٰ بکمالہٖ | کشف الدُجیٰ بجمالہٖ |
| حسُنت جمیع خصالہٖ | صلوا علیہ وآلہٖ |

نعت لفظ کنن گرژھو تھے چھے یمہ کایناتچ سو عظیم المرتبت اعلیٰ ترین تہٕ بشری شخصیت اُچھن بروہنہ کُن یوان، یہُند اسم مبارک احمد مجتبیٰ محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم چھُ یمن سرخیل رسالتِ الٰہیہ، خاتم النبیین تہٕ رحمۃ للعالمین آسنہٕ علاوٕ اَکس لچھس تہٕ ژٕوٕوہن ساسن نبی ین، پیغمبرن تہٕ مرسلن اندر مرسلِ اعظم آسنُک شرف تہٕ حاصل چھُ۔

یہ نعت چھُ تہندی سے ذاتِ بابرکتس سٕتۍ تتھے کُنہٕ مخصوص یتھ پاٹھۍ گولاب پوشہٕ خاطر یمبک لوٚبہ وُن تہٕ یٔریہ وُن رنگ تہٕ تیتھ شمامتہ العنبر خوشبوے چھے۔ یمنہٕ لغوی تہٕ اصطلاحی معنہٕ مطابق ہیکہٕ نہٕ یہ نعت محبوب کبریا صلعم سندہٕ ذاتِ اقدسہٕ درٲے بیٚیہ کانسہٕ تہٕ نبی یس یا اہل اللہ ہس سٕتۍ منسوب آسِتھ۔

سارنے شعرِ ذاژن تہٕ صنفن ہندس کنٛوٚ تہٕ فارس منز یوسہ کانہہ منظوٗم تخلیق جناب سید المرسلین صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم ہندس ثانس منز پیش یہ کرنہٕ، تتھۍ چھُ نعت وَنان۔ نعت لفظُک لغوی معنہٕ چھُ تعریف، توصیف محامد تہٕ خاص کٔرِتھ سو تعریف یمیُک سیدِ سیوٚد تعلق دانائے سُبُل محمد عربی صلعم ہندس ذاتِ مقدسس سٕتۍ آسہِ، سو توصیف، یتھ اندر فقط تہندِ نظارہ سوز حسن وجمالُک منظوٗم ذکر بیہ کرنہٕ تہٕ سو مدح سرائی یتھ منز تہندین روحانی تہٕ بشری وصفن ہنز باوٕتھ آسہِ۔ اَکھ خاص تناظرس منز وَنو نعت، بائے سہ کُنہٕ تہٕ

فارسس منز آسن تِتھۍ کلامس یِتھ اندر اشرف الانبیاءصلعمن ہُند سراپا پتہٕ شکل و شمایل، قدِ زیبا پتہٕ حسنِ ملیح، جلال نبوّت پتہٕ سیرتِ طیّبہ، اُسوۂ حسنہ پتہٕ اوصافِ ربّانی، اقتدار مُطلق پتہٕ بشری کمالات، معجزٕ پتہٕ صفات حمیدہ سیٹھے سلیقہ مندی پتہٕ حفظِ مراتبہ سان بیان ین کرنہٕ۔

رسولِ ثقلین صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم ہنز لوٚبہٕ گوڈنیُک تعریف و توصیف پتہٕ مدح خوانی کرن چھے آمژ، سو چھے صحیفۂ ہدایت قرآنِ حکیم چہ اکہ وُہمہ پتہٕ زٕووُہمہ سپار اندر سورۂ احزاب کِس آیت ۵۶ ہس منز صبح قیامتس تام محفوظ پتہٕ موجود۔ اتھ آیہ مُبارکس منز چھُ باری تعالیٰ ارشاد کران "اِنَّ اللّٰہَ وَمَلٰٓئِکَتَہٗ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ یٰٓاَیُّھَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا صَلُّوْا عَلَیْہِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِیْمًا" یعنی ذات باری پتہٕ تہندۍ فرشتہ چھِ بنِس ٹاٹھِس نبی لیُس پیٹھ درود سوزان۔ اے ایمان دارو تُہۍ تہٕ رٚوزِو تمن درود پتہٕ صلوات سوزان تہٕ برابر سلام کران۔

اتھ درود پتہٕ صلوات مرکب لفظِ کِس معنہٕ مطلبس پیٹھ وزرسنوٚ، سام ہیموٚ پتہٕ اتھ پیٹھ غور کرو، یہ خاص نوقطہٕ ییہ مجسم بنتھ برونہہ کُن زِ نعتُک صحیح مطلب چھُ اشرف الانبیا صلی اللہ علیہ وآلہٖ واصحابہٖ وسلم سندین وصفن، جلال و جمالُک پتہٕ سیرتِ طیبہ ہُک تذکرٕ شعرِ قالبس منز تراوِتھ تیتھ پاٹھۍ کرُن، یُتھ تہند سراپا، شکل و شمایل پتہٕ خد وخال اچھن برونہہ کُن یِتھ سانہٕ رحمتُک پتہٕ سعادت مندی ہند باعث ہیکہ بنتھ۔ نعتُک یہ خاص مفہوم زیرِ نظر تھاوِتھ ہرگاہ اکھ نعت نگار نعتہٕ کین یمن مخصوص لوازماتن اندرٕ ہنا تہٕ انحراف کرِ، تیٚمِس تخلیق ہیکہ کیٚنہہ تہٕ بنتھ، اما نعت نہ کینہہ تہٕ۔ یوہے مفہوم نظرِ تل تھاوِتھ چھُ فارسی زبٲنۍ ہند نامور شاعر جمال الدین عُرفی ونان ؎

عرفی رہِ نعت است دریں بادیہ مشتاب

ہُش دار کہ سر بر سرِ تیغ است قلم را

مرزا غالبس ہیوٚ قادرالکلام شاعر تہٕ چھُ نعت لیکھنس اندر بےبسی ظاہر کرِتھ یہ سیٹھے نوزُک پتہٕ حساس پاک کٲم پروردگارس پیٹھ تراوِتھ ونان ؎

"غالب ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم
کاں ذاتِ پاک مرتبہ دانِ محمد است"

عرفی تہٕ غالب سٕنز مبنی برحقیقت باوژنہٕ چھُ واضح سپدان زِ عالمِ ناسوتہٕ بیٚیہٕ عالمِ جبروتس تانی ہرگاہ کانٛسہٕ تہٕ بشری شخصیژ قرب الٰہی آسنُک شرف تہٕ سعادت حاصل چھےٚ سو چھےٚ فقط فخرِ موجودات محمد مصطفیٰ صلعم سٕنزِ عظیم ترذات۔ عبدالرحمان جامیؔ چھُ پیغمبرِ اسلام صلعم سٕنٛد اَمہِ عظمتُک پیکر تراشی یِنہٕ یِتھ رباعی منز آمُت تَمہِ لاجواب انداز کران زِ بہلہِ پایہٕ کیٚن نعت نگارن ہندین قلمن ہٕنز میلےٚ چھےٚ خوشک سپدان ؎

یا صاحب الجمال و یا سید البشرؐ
من وجہک المنیر لقد نور القمر
لایمکن الثناء کما کان حقہٗ
بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

یہ "بعد از خدا بزرگ توئی" وٕنہٕ نُک مطلب چھُ بلکل واضح زِ نعت نبیؐ وَنُن تہٕ اَتھ موضوعس پیٹھ دسگاہ تھاوَنُک دعوی کرُن چھُنہٕ پرتھ کانٛسہٕ شاعرُ سٕنٛد ہُنر۔ تہٕ کیازِ "باخدا دیوانہ باش و با محمدؐ ہوشیار باش" کہ تعلقہٕ نعت تخلیق کرُن چھُ پرزٕ کنہٕ اکھ مشکل ترین مرحلہ تہٕ اَتہِ چھےٚ کیٚنہٕ کیٚنہٕ بہلہِ پایہٕ تہٕ نمائیندہ شاعرن تہٕ لغزش گژھان۔ اَمہِ لحاظہٕ یہ کینژھا تہٕ کاشرِ زبٲنی اندر گوڈٕ دورِ پیٹھ برابر از تانی نعتہٕ کس حساس موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ تہٕ وَنہٕ چھُ آمُت، تَمہِ اُندرِ نیر واریاہ کم حصہ نعتُک، اَمیُک خاص وجہ چھُ یہ زِ کاشرین نعتن اندر چھُ شاعر غیر شعوری طور نعتُک صحیح مفہوم اوٗک طرف ترٲوِتھ اتھ اندر پننٕ ذاتی ہنٕ گدٕرُن، ناداری، مفلسی، بے بسی، تنگ دستی تہٕ بیکسی بیان کران، یُس نعتُک کانہہ حصے چھُنہٕ۔

رُود سوال کاشرِ مرثی منز نعتُک حصہ کیاہ تہٕ کوتاہ چھُ؟ اَتھ متعلق کیٚہہ وَنہٕ برونہہ چھُ یِتھ ڈیٚنجہٕ یُن نُن ضروری زِ کاشرِ زبٲنی اندر چھُ شاعری ہُند دسلابہٕ مذہبی تہٕ دینیاتی شاعری ستی پیدٕ مُت، یِتھ اندر حمدِ باری تعالیٰ،

نعت، منقبت، مدح تہٕ لیلایہ اُمہٕ شاعری ہُند موضوع مرکزی حیثیت آسی تھاوان۔ چنانچہ یمہٕ ہتھ شتھ فارسی رزمیہ تہٕ بزمیہ مثنوی یہ کأشرِ زبأنی منز پھیرتہٕ چھیٚے آمژٕ، تمن ہُند آغاز اوس حمدِ باری تعالیٰ، جناب آنحضورؐ ہنز مدح سرائی تہٕ مشأیخن تہٕ اہل اللہ ہن ہندِ منقبتو ستی کرنہٕ یوان۔ مثالہٕ رنگ نمو امیر شاہ کریری ہنز "سام نامہ" مثنوی ہُند یہ نعت:۔

محمدؐ چھُ پیغمبر ذوالکرام — چھُ شاہنشہِ انبیاے عظام
تتھےٚ پادشاہا چھُ عالی نشان — بہر سو چھ تس اوٚبرٕ لنگی سایبان
خدأین سُہ کوٚر رحمت اللعالمین — غلاما چھُ تس جبرئیلِ امین
سرن ہُند چھ سرورٕ سُہ والشمس روے — ہرن تس چھ عنبرٕ والیل موے
سُہ ذاتِ مبارک تسُند چون بہار — توٚے چار حدٕلے گرژھن مشکدار
ردائے مدثرٕ ڈلتھ مرحبا — کرِتھ خاصہٕ درمزمل قبا
تسُند نوٗر بوٚ آدس در جبین — فرشتو توٚے سجدٕ دیت برزمین
خلیلسؑ ڈیکس منز سُہ انوار بوٚ — توٚے تس پیٹھن نار گلزار گو

حالانکہ نعت چھنہٕ مثنوی ین ہند کانہہ جُزے مانٕنہٕ یوان، اما کأشرِ زبأنی ہندِس رثأیی ادبس منز یمن کلاسیکی مرثین ہُند وافر سرمایہ کأشرِس ادبس منز موجود چھُ تہٕ یمن ہنز ہیت تہٕ فارم بیٚین زبأنین، خاصکر تھ اردو تہٕ فارسی ہنزِ مرثیو نِشہٕ بلکل بدٕلن تہٕ چھ اکأشرٕ چھُ تہٕ بقولِ محمد امین کامل کأشرین مرثین ہُند فارم چھُ سے، یُس کلامِ مجید کین سورن ہُند چھُ۔ کأشرِ زبأنی ہنز یمہ کلاسیکی مرثی چھیٚے شہیری دور پیٹھ ڈوگرٕ دورٕکس مہاراجہ پرتاپ سنگھ نس عہدس نام باقاعدگی سان لیکھنہٕ آمژٕ تہٕ یمن ہندی اجزائے ترکیبی فارسی تہٕ اردو زبأنی ہنزِ مرثی یو نِشہٕ بلکل وکھر چھ۔ یم اجزائے ترکیبی چھ دہن یا نشرن یا ترن قسمن ہندی یمو منز اکھ حصہ حمدؐ، نعت، مدح، معجزٕ تہٕ دردا اکس مرثی اندر گوڈٕ پیٹھٕ تہٕرس تام برابر قایم چھ روزان۔ یعنی اکہ مرثیک گوڈنیک بند گوٚو حمد، دویُم بند نعت، تریُم مدح، ژوٗریُم معجزٕ تہٕ پوٚنژُم درد۔ گوڈنکی ژور

حصہ چھ گرٕ نٕز منز اکےٚ اکےٚ آسان، اما درد حصہ چھُ وارِہن بندن پیٹھ مشتمل آسان - اجزائے ترکیبی ین ہُند بیاکھ حصہ چھُ برخاست، دُنبالہٕ گتھ، کریچھ تہٕ نشست تہٕ اَمیُک تعلق چھُ اَکِس بندس یتھ مرثی اصطلاحس منز چھیر چھ ونان ہتیٚ روزان یعنی پرتھ مرثی چھیر منز چھ برخاست، دنبالہ، گتھ، کریچھ تہٕ نشست اجزائے ترکیبی لازم ملزوم - گوڈنکہ قسمہ کین اجزائے ترکیبی ین اندر چھُ دوٚیُم خاص جزٕ نعت تہٕ اَمہ ورأے چھےٚ اکھ مرثی ناکمل تصور یوان کرنہٕ. مرثی ین اندر نعتُک یہ حصہ چھُ دراصل اصول اسلام کیو پانژو رُکنو توحید، نبوّت، امامت، عدل تہٕ مُعاد منز دوٚیُم رُکُن یمُک مطلب نبوّتُک دلی اقرار تہٕ اَمیُک تبلیغ کرُن چھُ - کأشرٕ شاعری ہندِس رثائی ادبس منز چھےٚ بیاکھ ہنٕرٕ جدت یوسہٕ کنہٕ زبأنی ہنٕزن مرثین منز چھےٚ ینہٕ، اما یہ چھےٚ حارأنی ہنٕز کتھ زِ یتھ ہیوٚ کأشُر شعری سرمایہ چھُنہٕ وُنہ تہٕ عام لُکن تام واتنا دِنہٕ آمُت -

سانہٕ زبأنی ہندیو یمو مُصنفو تہٕ شاعرو کلاسیکی مرثیہ وٕنہٕ ہٕژ چھےٚ، تمو چھُ نعتُک صحیح مفہوم زیرِ نظر تھاوِتھ اَتھ خاص موضوعس ستیٚ پوٚرٕ انصاف کوٚرمُت - مثالے چھےٚ جبہ کدلہٕ کِس مُنشی حکیم عظیم ہنٕز۔ اکھ مرثی "کتاب" عنوانہٕ، یتھ اندر مصنف حمد چھیر اندواتہٕ ناوِتھ پیغمبر آخر الزمان جناب محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وآلہٖ واصحابہٖ وسلمن ہنٕز مدح سرائی یتھ پأٹھی کران ؎

کوٚرتھ خاتم "رسالہ رسالت" مرسلن انتخاب (برخواست)

"کتاب خانۂ قدرت" تس بوتیلما ,,

سُہ نبی ین ہُند مُقدم تہٕ مؤخر" یانی دِیہ درشن (دُنبالہ)

گوو صحیح دین، ہتم ساری ملت مُنشن ,,

تہند مدارج نبوّتُک "معراج" اکھ باب (برخواست)

تس قدسی شاگرد، زن استادس کراں تعظیما ,,

ہووُن معجز پھرُن "درق شمس" حجتِ ساطع صاحب بنیش (دنبالہ)

"شق القمر" برہانِ قاطع اہل دانشن (دُنبالہ)

دَین مُدعی تہٕ یاوٗ نہٕ اُمی اُم الکتاب" مُرشدے (گتھ)
چھُنہٕ درسے نہٕ در سینہٕ، بُس علما تس گُذرے

"تہندِ لوحِ صدرُک شرح" الم نشرح" تہنز نور پیشانی سورہ رحمٰن آتے (کریکھ)

"معلم ناطق" چھُ حیرانو، بہٕ وَنہٕ کیاہ تعریف تس (گتھ)
چھُ مجموعہٕ قرانو تفسیر"
گوونہندے باعثہٕ آدمؑ وخلیل پیدا، سُہ غایتِ ایجادِ اب وجدا۔ (نشست)

یَتھ نعتہٕ چھیرِ منز چھُ ملا حکیم عظیم یُزدِ کنہٕ سمندر قطرس منز ژوٗمرادِ تھ رسولِ خدایہ ہندِ عظمتُک نشان دِی کرِتھ باوتھ کران زِ باری تعالیٰ ہن کوٗر سارِنے نبی ین تہٕ مرسلن اندر عالمِ بشریت کس نجات دہندہ جنابِ محمد صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم سُند انتخاب کرِتھ تمن پننہٕ قدرتُک کتاب خانے حوالہ تہٕ پننُ رازدان بناوِتھ کوٗرنکھ پننہٕ کُتب خانہٕ کیو سارِ دیو مخطوطاتو تہٕ صحیفو منز سیٹھے موٗلُل، لاجواب تہٕ عظمتہٕ وول صحیفہ ام الکتاب یعنی قرآن حکیم عطا۔ یہ اُس اللہ تعالیٰ ہندِ طرفہ اکھ تژھ موہر ڈاکھ، یوٗ یہٕ عاشقن پننس محبوبس یُتھ تہٕ پرتھ بیش کرِ۔ شاعر چھُ ونان زِ پیغمبرِ اسلامؐ سُند نورِ مبین اوس یہٕ کاینات وجوٗدس منز ییتہٕ برونہہ بچھ واد ڈری تخلیق آمُت کرنہٕ جناب محمدؐ آیہٕ سارِنے نبی ین، پیغمبرن تہٕ ہادی ین ہندی سردار تہٕ آخری برگزیدہ رسول بناوِتھ مبعوث کرنہٕ۔ یَتھ عالم ناسوتس اندر جلوہ افروز یُدنہٕ پتہٕ آو تہٕہند دینِ مبین مکمل کرنہٕ

شاعر چھُ اکھ نعتس منز یہ کتھ وَرژھناوان زِ

معراجک واقعہ چھُ جنابِ آنحضورن صلعم ہندِ نبوتک تہٕ تہند صحیفک اکھ حصہ۔ جنابِ رسولِ خدایہؐ ہنز ویموے بلند درجُو کنہٕ آسی باری تعالیٰ ہندی فرشتہ تمن پننُ معلم زانتھ شاگردن ہندی پاٹھی تہند تعظیم رچھان تہٕ ادب کران۔ جنابِ رسول اللہؐ

اَسی تَمہٕ مرتبکۍ معجزٕ نمازٕ مہرِ عالم تاب چہِ کتابہٕ ہُند ورق پھِرتھ، یتھ اصطلاحس منز رد شمس چھِ ونان، کرِکھ اہلِ بصیرتن برونہہ کنہٕ پننہٕ رسالتٕچ تہٕ ہادی برحق آسنٕچ اکھ روشن ترین دلیل پیش۔ بیٚیہٕ نٕ بلکہ کرِکھ معجزہٕ شق القمر ہاوِتھ یِمہٕ دنیاکین گاٹہٕ لین تہٕ بینا دارن ہندین ذہنن پیٹھ پننہٕ بجرکۍ تہٕ مشہود حق آسنکۍ نقوش تہٕ ثبت۔ رسول القلاب محمد مصطفیٰ صلعم، یمن کانہہ رسمی یا غیر رسمی لکھٕ پرٕ آسٕ نٕ، یِمہٕ وزٕ اُم الکتاب کین آیاتن ہُند معنہٕ تہٕ سورہ ہاے قرآن بیان آسی کران، مختلف علومن ہندی دعویٰ دار آسی کلہٕ نومراوِتھ یہٕ حقیقت تسلیم کران زِ بڑی کنٕ چھِ ابنِ عبداللہ جناب محمد عربی صلعمن دُنیاہکی ساری علوم کلہم پانٕہٕ معلوم۔

مُلا حکیم عظیم چھُ اَتھ نعتس منز آنحضورﷺ ہنز تعریف و توصیف کرِتھ ونان زِ قرآن مجیدُک سورۃ الم نشرح چھُ سرورِ کائنات سنزِ دلِ مبارکچہ مشقہٕ ہنز تشریح تہٕ وضاحت۔ سورۂ رحمان نکۍ آیات چھِ تِہنزِ پزٕ زلٕ وُنہٕ پیشانی ہندی آیینہٕ دار۔ تاجدارِ انبیاء سُند بجرچھُ تیوٚناہ مُسلّم زِ جبرئیل امینؑ تانی چھِ تِہندی بیشمار وصف تہٕ سِیر بیان کرنہٕ نِش عاجز تہٕ قاصر۔ محبوبِ کبریا سُند بجر چھِ پتھے یہے دلیل زِ خالقِ کائناتن کوٚر یِہندی دٔمہٕ ابوالبشر حضرت آدم علیہ السلام تہٕ حضرت حواؑ بیٚیہٕ حضرت ابراہیم علیہ السلام مبعوث بہٕ دنیاہ تہٕ یِہندٕے لولس منز آیہٕ یہٕ کائنات وجودس۔ اَتھ پزرس چھُ "لولاک لما خلقت الافلاک" حدیثِ قدسی گواہ۔

یِیمہٕ مرتبکُ ناو "کتاب" آسنہٕ کہٕ توسلہٕ چھِ کتابہٕ سٕتۍ تعلق تھاون والیو تجنیسی متعلقاتو، اصطلاحو، اِشارو، تشبیہہ تہٕ استعاراتو علاوٕ صنائع بدائع تہٕ دوٚیمن ادبی نوقطن ہُند خیال تھاوُن لازم ملزوم تہٕ یمو ادبی صنایو منز چھُ صفتِ ایہام زٕ وٚزٕ یہن درتا وہٕ یوان۔ یہٕ خیال چھُنہٕ مرثی کیو اجزاے ترکیبو منز کُنہٕ اکی جزٕ باپتھ لازمی بلکہ سارِنے اجزاے ترکیب ین منز چھُ یمن ہُند استعمال سٕتی ضروری۔ چونکہِ چھُ وُنی کنس موضوع تہٕ نِس نعت پیش آدکرنہٕ، تتھ اندر چھِ کتابہٕ ہندیو متعلقاتو منز رسالہ، کتاب خانہ، تسلیم، مقدم، موخر یعنی کتابہٕ ہُند گوڈ تہٕ تہٕ، باب، مَشُن،

شاگرد، استاد، تعظیم، ورق، اہلِ دانش یعنی تم لُکھ یم کتابن ہُند مطالعہ کرٕ تھ گاٹہٕ جارچھ پراوان، اُمی، اُم الکتاب یعنی کتابن ہنز موج تہٕ زن گوو قرآن مجید، درس علم، لوح یعنی مشق یا دوٗج، یُتھ پیٹھ ثاٹہٕ شُرس اُچھ درنہٕ باپتھ اصلاح چھُ دِنہٕ یِوان، سورہ، آیہ، معلم، قرآن، تفسیر، تشریح، غایت بیتر۔

کلاسکی مرثین اندر حمد، نعت، مدح، معجزٕ تہٕ درد پانژھ اجزائے ترکیبن ہنزن مختلف چیزن منز چھے نعتہٕ چیزے تژھ، یُتھ منز زیادٕ تر عربی تہٕ فارسی زبانن ہندی مفرد تہٕ مرکب لفظ، اصطلاح، تلمیح، تشبیہہ، استعارٕ تہٕ صنائع لفظی تہٕ صنائع معنوی بیلہٕ یاٹھی ورتاونہٕ چھ یِوان۔ اَمہ باپتھ گژھِ مرثیہ نگارس مذہبی کتابن، فقہ، حدیث تہٕ قرآنِ شریفک گہر مطالعہ آسُن تہٕ عصری دورس منز کلاسکی فارمچہٕ مرثی نہٕ لیکھنک خاص وجہ چھُ مذہبی کتابن تہٕ صحیفۂ ہدایت کہ مطالعہ نِشہٕ سون دوٗر بیہٕ لاتعلقی تہٕ کاشرِس شعر ادبس منز چھُ اُتھ طرزس پیٹھ مرثی تخلیق کرُن ووٗن علمی طور بند سپدمُت تہٕ زیرِ بحث مرثی چہٕ نعتہٕ چیز منز چھِ رسالۂ رسالت، کتاب خانۂ قدرت، مقدم و موخر، ورقِ شمس، حجتِ ساطع، شق القمر، برہانِ قاطع، اُم الکتاب معلمِ ناطق تہٕ اب وجد، ہوی متعلقات تجنیسی تہٕ اصطلاحی لفظ ییلان تہٕ یمہ ہکن صُنعت ایہام کِس زُمرس منز تہِ ییتھ۔ یعنی بوزن والِس مقصد آسہٕ لفظکِس قریبی معنیس سیتی، امام متکلم یا وَنن وٲلِس مراد آسہٕ اَمکِس بعید معنیس سیتی تعلق تھاوان۔ مثلے اب وجد اُمیک قریبی معنہٕ چھُ مول تہٕ بڈِ بب، مگر بعیدُک معنہٕ چھُس حضرت آدم ؑ تہٕ حضرت ابراہیم خلیل اللہ، مُعلمِ ناطق یعنی قریبی معنہٕ چھُ اُمیک کتھ کرُن عالم، اما دوٚیمہ اند چھُ اَمیک مطلب جبرئیل امین ؑ، اُم الکتاب، تہٕ زن گوو کتابن ہنز موج، ییلہِ زن اَمہ نِش قرآنِ شریف مراد چھُ۔ ورقِ شمس، اتھ چھُ قریبی معنہٕ آفتابچہ کتابہٕ ہُند ورق، اما بعید معنہٕ چھُس ردِ شمس تہٕ یہ چھُ تتھ معجزس کُن اشارٕ، ییلہِ جنابِ حضور ﷺ لوبہٕ وُن آفتاب واپس پھیرُ۔ مقدم و موخر لفظک اکھ معنہٕ چھُ گوڈٕ تہٕ پتہٕ تہٕ بیاکھ چھُ سرورِ کونین صلعم سُند افضل الانبیاء تہٕ خاتم الانبیاء آسُن کتاب خانۂ قدرت، اَمیک قریبی معنہٕ چھُ خدایہٕ سُند کتب خانہٕ، اما بیاکھ مطلب چھُ خدایہٕ قدس

سُند پَین لۆڈھ محبوب رسولِ لولاک صلعم پنُن سِر اوج بناوُن، یمیُک واضح ثبوت معراج چھُ تہٕ رسالۂ رسالتُک قریبی معنہٕ چھُ پیغمبری ہنز کتاب یا دستاویز، مگر بعید معنہٕ چھُس تمام پیغمبرن تہٕ ہادیٖن ہُند پیشوا تہٕ سردار۔ حُجّت ساطع لفظُک معنی قریبی چھُ پزٕ زٕل دُنٕ دلیل پیش کرن وول اما معنیٰ بعید چھُس رسولِ خدا یُس سُند آفتاب صورت روے زیبا۔

اکہ مرثیکہ یمہ اہم علمی تہٕ ادبی زاوجار چھِ مرثی نگارہ سُندِ علمی بجرٕچ، تمی ہُندِ وسیع مطالعچ، مذہب، حدیث، فقہ تہٕ باقی مذہبی امورن ہنز واقفیت، فصاحت و بلاغت، تسُند لفظِ اسلوب، تبحرِ علم، مخصوص اندازِ فکر، جدّتِ ادا، معنی آفرینی تہٕ تسُندِ تخلیقی قوتچ پوٗر تٔرینہٕ دِنِ دِوان۔ نعتُک یُس حصہ کاشرِن کلاسیکی مرثیَن اندر اکہ لازمی جُزٕچ حیثیت چھُ تھاوان، تتھ منز چھِ جناب رسالت پناہ صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم ہُندی صفاتِ حمیدہ تہٕ تِہنز مدح سرائی کُنہ ملاوٕ ورائے بیان یوان کرنہٕ تہٕ تِہندی یم تہٕ محامد تہٕ سیرت پیش چھے یوان کرنہٕ، تمیُک ماخذ گژھِ قرآن، حدیث تہٕ معتبر تہٕ مُستند روایات آسنی۔

اُمی سے ملا حکیم عظیم سُنز تِمیس اکس مرثی یُک نادِ چھُ "خالق الکلام" یمیُچ یہ نعتہٕ چھیر تسُندِ تبحرِ علمُک تہٕ قادرالکلامی ہُندٕ ٹاکارٕ ثبوت چھُ:

سوزنٔکھ افصح الفصحاءٓ حضرتؐ فصیح زبانے

فصاحت و بلاغت کرٕ تمی اُمی تمام

بیٚلہ وَنہٕ حدیث انا افصح من نطق والا گوہرو

لُبہ گوش معانی زیورو

سُہ مدعای وما ینطق عن الہویٰ امرِ خدا ملنے

کرٕ سِن نہٕ نطق وا زانہہ بے وحی و الہام

سے سُخن سنج گنجِ معانی سخنورو

ساری سِر باوِ تسَ دادِ رو

اُسی ملک اتھ داران تس کتھن، وندان زُو دتن جبرئیلو

زبوٕ اذٕ نبی بن تہندی کلمن اداٚیلو
کرٕ بیلہٕ کلیم سُے ناو وردِ زبان
ژٕ جبس لکنت، سپہٕ نُس حق سبحان کتھن گوش گزارو
کوٚر حلقے داٚؤودس تہٕ اثر و، تہندی شیرین مقال
دمِ عیسیٰؑ روح پرٕ وٚر و چھ زندٕ تہندے خیال
سپُن نوحؑ نجی سُے ناو ہیٚنتھ، تس تہٕ ہیٚچھ ناوِ یکہٕ ناوُن سفینا۔"

کاشرِ زبانی اندر تخلیق کرنہٕ آمژن تمام کلاسکی مرثین منز نعتک حصہ چھ شاعری ہنٕد امہ موضوعک سُہ اہم جز، یُس پننہٕ معنہٕ مفہومہٕ مطابق نعتس سٕتی مطابقت تھاونس منز پننی مثال پانہٕ چھ تہٕ اتھ حساس تہٕ نوزُک موضوعس پیٚٹھ طبع آزمائی کرتھ، یُس صحیح حق کلاسکی مرثی نگاران ادا چھ کوٚرمُت، تمیُک مثال ہیکہٕ نہٕ سون ماباقی نعتیہ کلام پیش کرتھ، تکیازِ نعت نہٕ چھ پننہٕ لغوی معنہٕ مفہومہٕ کنہٕ رسولِ مقبول صلعم سنٕز عظمت، بجر، مدح سرائی تہٕ تعریفِ توصیفہٕ وراے بیٚین فروعی کتھن ہُند متحمل بناوُن زیبا تہٕ نہٕ مناسب۔

---

اُمتکہٕ غمخوارٕ بڈٕ سرکارٕ دل آوارٕ چھم — عالمکہٕ سردارٕ بخشنہارٕ غم کاسُم تمام
آرزو چھم چانہٕ دیدارُک، یہٕ دِل چھم بیقرار — بُلبُلا زن انتظارس نوبہارس صُبح وشام

(غلام احمد مہجور)

---

ژٕچھک نورِ النور تہٕ شمعِ ہدایت — پتھر پیٚمتھن کرتہٕ نظرِ عنایت
شفیع چون آسن چھ بخشان راحت — پتھر پیٚمتھن کرتہٕ نظرِ عنایت۔
ژٕنے ڈیٚشتھ نبس تارکن نوٚ پھلے ژٕج — ژٕبے ڈیٚشتھ جہالس زمینس ونِل ژٕج
وُچھس میج پرتھ دُدونس نو طراوت — پتھر پیٚمتھن کرتہٕ نظرِ عنایت
چھ بعد از خدا رتبہٕ چونے مسلّم — ژٕچھک شش جہاتس نبی مکرّم
بلاشک ژٕچھک آفتابِ سعادت — پتھر پیٚمتھن کرتہٕ نظرِ عنایت

(معراج ژزکوی)

# مولوی صدیق اللہ حاجنی

## سُنٛز نعت گوئی

پروفیسر مشعل سلطانپوری

کاشر شاعری ہندس توارٕخس منٛز مولوی صدیق اللہ حاجنی سُند مقام تہٕ کاشرِ
دینی شاعری تسٕند دیُت نظرٕ تل آسنہٕ کنہِ چھےٚ اکھ غلط فہمی عام پیٚمٕژ زِ تِمو چھُ نعتک
مادان نتھےٚ پاٹھی پننہٕ باپتھ مخصوص کوٚرمُت یتھٕ پاٹھی عبدالاحد نادم صابن یا بیٚیو
باقے شاعرو کوٚرمُت چھُ۔ مولوی صابس سایل تخلص آسنہٕ کِنۍ اکثر اوتھ چھِ، سایل صابنٛز ساری
نعت تھٕنہِ ہسے کھانس ترادنہٕ آمٕژ۔ اَتھ غلط فہمی تُل تحریری حسابہٕ رشید نازکی صابن
دس، یمو عبدالاحد نادم صابنٛز کلیات ترتیب دِنہٕ وِزِ گوڈٕ کتھ لیکھان سایل سندی
وُنی متیٚ نعت یمن کُن منسوب کٔرٕ تہٕ وونُکھ زِ حضرت سایلٕنٛ چھِ بےٚ شمار نعت
تہٕ شمائل نبوی تہٕ لیوٚکھمٕژ[1]۔ یمو چھُ پتہٕ اَتھ بیانس نظرِ ثانی تہٕ کٔرِمژ تہٕ لیوٚکھمُت
سایل چھُ امی دوٚرک بیاکھ شاعر، اَمس چھُ صدیق اللہ ناو۔ مےٚ چھُ بروٚنٛہہ کنہِ تام یہ
صدیق اللہ حاجنی گٔنزرٕ وومُت، مگر تحقیق درتحقیق تلہٕ چھُ نَنان زِ اَمہِ ناوُک چھُ بیاکھ
شاعر تہٕ اوسمُت، یہِ گوو صدیق اللہ شاہ نہٕ ساز، یمہِ خدیجہؓ نامہٕ لیوٚکھمُت چھُ۔[2] ہنا
بروٚنٛہہ ہیٚکہِ چھِ تِم لیکھان زِ مےٚ چھُ باسان یوٚتان تہٕ یہِ ثابتھ گژھِ زِ یہ کلام چھُ مولوی
صدیق اللہ حاجنی سُند توٚتان پزِ اَمہِ سُہ مشہور نعت یمیُک مطلع چھُ ؎

نوٗرک گاہ بیٚیو سنگر مالن

دوٗپ لایزالن جبرئیلؑ

صدیق اللہ سایلنےٚ مانُن تکیاز تمہِ چھُ خدیجہؓ نامس منٛز اکثر جاین سایل تہٕ تخلص لیوٚکھمُت[3]

---

1. کلیات نادم۔ ص ۴۴
2. ، 3. کاشرٕ نعت تہٕ مذہبی ادب رشید نازکی 'کاشر زبان تہٕ ادب نمبر، سون ادب ۱۹۷۶ء

اَمہِ بیانہٕ سِتؠ سپیٚز بیاکھ غلط فہمی یٲد زِ سٲیِل تخلص کرن وٲلِس شاعرس چھُ صدیق اللہ ناو۔ سیٚ لوٚب نہٕ کُنہِ تِرٕ شہادتھ یَمہِ سِتؠ اَتھ تصدیق پیدہا۔ کیٛوٚنزِ کالا گرٕ ہیتھ آیہِ بیاکھ معتبر کتابا بوٚنٛھ کُن، یہ گیہِ مرزا عارف تہٕ بشیر اختر صابنہِ ترتیب دِژمٕژ کتاب "نوٚہرٕ آگُر" یوٚس پنداہم صدی ہجری تقریبات مناونہٕ کِس سِلسلس منٛز جموں وکشمیر کلچرل اکادمی ۱۹۸۷ یَس منٛز چھاپ کرٕ۔ اَمہِ کِس فہرستس منٛز چھُ "نوٚرک گاہ بیٚوٚد سنگرمالن ۔ دوٚپ لایزالن جبرئیلس" مطلع ہُکُ نعت مولوی صدیق اللہ سائل سُندمانہٕ آمُت تہٕ اَمہِ کتابہِ ہندِس ۲۷۲ صفحس پیٹھ اَتھ نعت شریفس پیٹھ کُنہِ مولوی صدیق اللہ حاجنی سائل درج۔ ظاہر چھُ زِ کاشرِس ادبس منٛز کیٛمہٕ میٖنٛژ سان چھِ تحقیقی کام کرنہٕ یوان۔

"خدیجہ نامہ" چھُ صدیق اللہ شاہنہٕ ساتزن وونمُت تہٕ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ نعت گو اوسمُت یہ زن گلشن نعت" کتابہِ منٛز شامل تہٕندِ ناو درج یَمہِ نعتہٕ کِنؠ نشان چھُ سہ

لول چونے آم وارے یا شفیع المذنبینؐ

واہ بوزُم زارہٕ پارے یا شفیع المذنبینؐ

لیکھتِس منٛز چھِ ونان سہ

از صدیقس بوز زارے یا شفیع المذنبینؐ[1]

صاف چھُ ظاہر زِ سہ چھُ صدیق تخلص ورتاوان نہ زِ سٲیِل۔

مولوی صدیق اللہ حاجنی سٕنٛز کتھ کران چھُ یہ ونُن تہٕ مُناسب زِ مولوی صدیق اللہ نادی چھُ بیاکھ شاعر تہٕ (نراگ) زارہِ شریفک روزن دول یَمہِ نفہ حاتم طلے وونمُت چھُ۔ یہ چھُ کُنہِ ہمہِ صدی اندر زامُت۔ سٲیِل تخلص ورتاون وٲلی چھِ میٚ زِ شاعر وُنہٕ آمتؠ۔ اکھ پرتھوی ناتھ سٲیِل تہٕ۔ بیاکھ غلام قادر سٲیِل یُس سرینگرکہِ ملارٹ محلکُ روزن دول اوس یہ زاو ۱۸۸۹ یَس منٛز تہٕ ۱۹۵۴ یَس منٛز گو ویٚنہِ عالمہٕ۔ مولوی صدیق اللہ حاجنی صابنہِ سٲیِل آسنس یا نہٕ آسنس متعلق اسپیٚز

---

[1] گلشن نعت کلان حصہ سوئم، غلام محمد نور محمد چھاپ ۱۹۶۶ء ص ۱۵

تمام قیاس آرائیہ تمہٕ ووزنتھ پیٚیہ پروفیسر محی الدین حاجنی صابنی ترتیب دِتہٕ کلیات مولوی صدیق اللہ چھاپ سپدنہٕ پتہٕ وُنہٕ کُن آیہ ۔ اَتھ منز نہ چھےٚ تہندِس سائل تخلص ورنا وُنس متعلق کینہہ شہادتھ میلان تہٕ نہ چھِ تِم نعت اَتھ منز شامل یِم سایل صابنی چھِہ ۔ یہ کُلیات پرٚتھ چھُ ننان زِ اگر نعت اکہِ شارٕ ذٲژٕ رنگی مدِ نظر تھاوو، پیٚیہ ہیکیہ مولوی صدیق اللہ اہم نعت گو شاعرن منز گنزراونے۔ پتھ کُلیاتس منز چھِ کرتانی نعت میلان، تِم تہٕ حمدِ پتہٕ کتابن ہندِ گوڈنہٕ رنگی، بیٚین مثنوی گو شاعرن ہندی پاٹھی ونہٕ آمتی ۔ اگر نعت موضوع لحاظہٕ نمون تیلہٕ چھِ یہند دیُت پھرُن لایق۔ مثالہٕ پاٹھی شکل و شمائل آنحضرتؐ، تہندی معجزات، مغازی النبیؐ یک گوڈنیُک حصہ بیترِ۔

مولوی صابن یس مُدان پنٕنی ہونر ہاوٕنہٕ باپتھ مخصوص کورمُت چھُ، اَتھ منز چھُ دارِیا سن موقعن پیٹھ قلمس واش کڈنس وار اوسمُت، یتھن موقعن پیٹھ ہیکہ شاعرانہ کمال ہاوٕنہٕ یتھ، پوٚز یمن موقعن مُند چھینہٕ فایدہٕ تُلنہٕ آمُت، شاید اوکنی زِ تِم اَسی شاعر آسنس سیتی سیتی مولوی تہٕ تہند اندرم مولوی اوس شاعرس لاکم دِتھ۔ تہٕ ما اوکنی زِ تِم اَسی صرف واقعات نظماونی یژھان، یُتھ یِم لکن جلد جلد یاد گژھن۔ بدائع منظوم کتابہ منز چھِ تِم اَتھ مقصدس کُن پانہٕ تہٕ اشارٕ کران ۔ دنان چھِ ؎

یاد تھاوُن چھُ سہل یا تو پاٹھی
کاشری باتھ کاشرن چھی ٹاٹھی

اَتھ کتھ چھےٚ خاص کر اہنز کتاب مغازی النبیؐ تائید کران ۔ یتھ منز ذکرِ رسولؐ ہک پوٚنرے گوب چھُ، وصف رسولکؐ تہٕ ۔ حضورنؐ ہندی غزوات نظماوان چھِ سیدِ سیود واقعات بیان کرنہٕ آمتی تہٕ تہنز ملکوتی سیرت ہاونس کُن کیہہ پہن توجہ دِنہٕ آمُت ۔ اَتھ کُن چھِ تہنز کلیاتکی ترتیب کار پروفیسر حاجنی صاب تہٕ اشارٕ کران ۔ تِم چھِ لیکھان "اَتھ اندر چھِ اکثر رسول کریمؐ بحیثیت عظیم فاتح پیش کرنہٕ آمتی حالانکہ یہ چھےٚ اکھ مسلمہ حقیقت زِ تِم رودی سارنے غزوٕ ن اندر سراسر رحمۃ للعالمین تہٕ فاتحانہٕ شان و شوکتہٕ نِشہٕ دوٗرٕ [1]

---

[1] کلیات مولوی صدیق اللہ ص ۲۲

کُشیر منز چھنے مغازی النبیؐ حضرت شیخ یعقوب صرفیؒ صابن فارسی پاٹھی لیچھمٕژ۔ مولوی صابن چھُنہٕ یہ دوٚنمتے زِ یہ چھا تہنز طبع زاد کوشش کِنہٕ بلیہ کُنہِ زبانی منز لیچھمٕژ کتابہِ ہُند ترجمہٕ۔ واقعات چھِ مختصر پاٹھی بیان کرنہٕ آمتی یمن کُن تم پانہٕ تہٕ اشارٕ کران چھِ۔

اگرچہ چھُ در غایت اختصار
بہ وُچھ صورتس کُن چھُ معنے بکار
چھُ مطلب بدل شوق ذکرِ رسولؐ
زبانی در الفاظ کیا دیُن چھُ طول

اتھ مثنوی دِس تلان چھُ مولوی صابن خلق نور نبیؐ، پیدائش حضورٕ تہٕ تہنز ابتدائی زندگی ہندی کینہہ واقعات تہٕ بیان کرٕمتی، یمو سِتی حضورنؐ ہنز عظمت تہٕ فضیلت ظاہر سپدان چھنے۔ لہٰذا چھُ یم موضوع کِنۍ نعتس سِتۍ واٹھ تھوان معجزات النبیؐ بیان کرنُک مقصد تہٕ یوٚدوے یوٚہے باسان چھُ زِ معجزات گژھی کاشرین باتن منز وننہٕ ینۍ، تہٕ کرِتھ چھِ یم معجزات حضورنؐ ہندِس نظرٕ رس، بجرس تہٕ کمالس کُن اشارٕ کران تہٕ امہِ لحاظٕ نعتہٕ کِس دائرس منز یوان مولوی صابن چھُ ژٕہ یہ ترٕہ معجزٕ منظوم کرٕمتۍ۔ انداز بیان چھُ وضاحتی تہٕ بیانیہ، کُنہِ شاعرانہٕ پارادٕ روٚستے۔ مثالہٕ پاٹھۍ حدیبیہ گژھان گژھان یہ معجزٕ:

گے بہ حُدیبیہ ییلے مصطفےٰؐ
فوج سیٚن تشنہٕ کھوٚتِھ بوٚڈ تیتھا

پیالہٕ ہیوٚ آبہٕ ہنا تس اندر
اوٚنکھُ کرِ پھ ذہی دہ وے اوٚنگجہ تر
دہ کولہٕ جاری گیہ آبِ طہور
سیر پنداہ شتھ لکھ گے بے قصور

یا خیبرکِس جنگس دوران یہ معجزٕ:

خیبرٕکے جنگہٕ چھو کھاکو غس    آو بیٹھاہ سخ دیان خلق تس

اَتھ چھوکہٕ سے کیہنہٕ بظاہر دوا — کرچھُ کرُن اَتھ وُں علاج روا

پیش نبی آو مؤ تھکُھ تس لعاب — چھوکھ تہِ بلبو گو زِ شفا کامیاب

پروفیسر حاجنی صاب چھِ کلیات مولوی صدیق اللہ ترتیب دِنس دوران عالمانہٕ اندازس منز وارِیہن جاین فٹ نوٹ لیکھان۔ معجزٕ لفظس وضاحت کرن وِزِ چھِ لیکھان زِ معجزٕ گو وُنہ واقعہ یتھ تجزیہ کرن وِزِ عقل عاجز سپدِ، قرآن کریمس اندر چھُنہٕ یہِ لفظ آمُت، اَمہِ بدل چھُ آیۃ (نشانی) یا بُرہان (دلیل) زِ لفظ آمتی۔ محدثین چھِ معجزٕن "علامات" یا دلائل لیکھان[1]۔ معجزٕ لفظ کتھ پاٹھی تہِ کر پیٹھ سپُن مروج تہِ چھکنہٕ وونمُت۔ مولوی صدیق اللہ چھِ ونان زِ حضورؐ سُندِین معجزٕن چھُنہٕ آنتھے۔ مےٚ چھِ گرشنا پے بیان کرِ دمتی تکیاز ؎

معجزٕ پیغمبرنے ہندی تمام
بخش حقن ساری بہ خیرالانامؐ

تم چھِ یتھ پاٹھی ہِنُ عجزٕ ظاہر کران ؎

حد کھوتہٕ زیادٕ چھِ یم معجزات
اَتھ دولرس کانسہٕ نہٕ ہیتہِ لوٚبہٕ آنتھ
اَتھ دولرس زھانڈِ بہ گوٚت کوٚت تر
آب رِکھا لوٚچ بہ جارٕی کرِ
ترِشہٕ ہوٚتا دلو کرے تر زبان
وُٹھ وُزٕرے بہر دُعا ناکھان

مولوی صاب چھِ یم معجزٕ بیان کران کران پننہِ مبلغانہٕ ذمہ داری تہِ پوٚرہ کران تہٕ وعظ خانہٕ سُند فرض تہِ انجام دِوان۔ یُلہِ کانہہ شخص معجزٕ ہاونگ شرط تھاوتہ بیٚہ، معجزٕ وُچھتھ تہِ ایمان اَنہٕ ہانہٕ، تسندِ بابتھ چھِ مولوی صاب یہِ کتھ ونان ؎

کیا کرے یُس آسہٕ شقی در ازل — معجزٕ تر آوِتھ کرے جادِس عمل

[1] کلیات مولوی صدیق اللہ۔ ص ۳۲۷

یمن منظوم معجزاتن ہُند مطالعہ کرِتھ چھُ پرن وول پزی پاٹھۍ اتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ

خط سبز و لب لعل و رخ زیبا داری
حسن یوسفؑ دم عیسیٰ ید بیضا داری
چہرہ و شکل و شمائل حرکات و سکنات
آنچہ خوبان ہمہ دارند تو تنہا داری

کتابہ ہِندِس اندس پیٹھ چھُ مولوی صاب ونان زِ اصل مطلبس تہٕ مقصدس کُن گژھہ کل گژھن۔ یتھ منز پزہٕ فنکاری تہٕ ہُنرمندی تلاش کرُن، ظاہر چھُ زِ تہُند مدعا کیا اوس۔ تہُند شعر چھُ ؎

قعر یمی بحرِ محیطک پٕز ژھانڈ          شعر مہ وُچھ، آس ڈُنگل کاس زانڈ

توصیف رسولؐ کِس سلسلس منز چھِ تہند یُو کھُت "شکل و شمائل آنحضرتؐ" قابلِ ذکر۔ اتھ اندر چھُ رسولؐ نازنین سُند سراپا تہٕ تہندی عادات و اطوار بیان کرنہٕ آمتی مولوی صابن چھےٚ پننہٕ شاعرانہٕ مہارت تہٕ فنکاری ورتاوس منز اَنہٕ بُچ پورٕ پورٕ کوشش کرمژ تہٕ کرِتھ تہٕ چھنہٕ اہندِس ہنِس منز تمہٕ عشقہٕ الاوچ گرمی محسوس گژھان یمہٕ سٕتۍ عبدالاحد نادمُن دل وِگہٕ لیومت تہٕ فکر روشن پیٚمژ آس۔ بہٕ دِمہٕ کینہہ مثالہٕ ؎ مولوی صابن چھُ عرق پاکس متعلق یہ شعر وونمت ؎

تس نبی یَس اوس عرق مشکدار
آب دہن توشہ کھوتہٕ خوشگوار

تہٕ نادم صاب چھُ یہ شعر ونان ؎

گہٕ روئیک تمن باب و تاب
باجلا آئینس چھکتھ سیماب

موے شریفکی تعریف چھِ مولوی صابن یمہٕ آیہٕ کرِمژ ؎

موے شریف اوسنہٕ تیٚز پیچدار
یژنہٕ سیوٚدے تہٕ وُسٹے فکر تار

اوس پھٹکین تام گاہ آسان زیوٹھ
ڈلیشہ ونہ گاہ کنہ نے تام ڈیوٹھ

یہ نادم صاب یتھ پاٹھی بیان کران ؎

موے خوشبوے گوٗن سرک اوسکھ
عنبر و مُشک انبرس اوسکھ
زھوٹ تھوٗوکھ سعے تابندہ گوش
ییلہ تھوٗوکھ زیوٹھ ییوکھ تاسر دوش

تھنز پیشانی ہنز تصویر کشی چھنے مولوی صابنہ قلمہ یہ ؎

ڈیکہ ڈوسٹ اوس رسول کریم
کانہ تمن وچھنہ ڈیکس گینز قدیم

یہ عبدالاحد نادمنہ قلمہ یہ ؎

رُت کشادہ جبین نورانی
سورۂ نور چھ سہ پیشانی
اسنکو پاٹھی گینز بوچھ نہ ڈیکس
سہ تھند ہیو ڈیکے بجرنہ چھکس

قدِ مبارکک بیان چھ مولوی صابنہ زیو یتھ پاٹھی ؎

قد مبارک نبی یس سرِ ناز
بو تھزرہ سان نہ زھوٹ نے دراز

یہ نادم صاب چھ یتھ پاٹھی بیان کران ؎

تھزرس کُن میانہ قد مائل
اوس لولاک خلعتس قائل
مارکن بنز سہ سرورِ والا
قد میانے تھدبن گرشھان بالا

یہ چھ سہ موضوع یتھ مبالغہ آرائی پد تھے ہیکہ نہ، آداب رچھنچ ییڑ چھنہ

قلمٕے یوت ہیوان خیالس تہٕ۔ یِمہ دوشوے شاعر اَتھ امتحانس منز کامیاب پیدی منتی چھ، تاہم چھُ ناؔدم صابن پننہٕ قلمُک اعجاز مولوی صابنہٕ کھوتہٕ زیادے بہن ہیوومُت ۔ سراپا نگاری منز بے پہ شمائل بیان کرنس منز تہٕ چھنے پڈھے فرق درینٹھ گژھان ۔ وون گو واکھ گتھ چھنے ضرور، مولوی صابن چھنے سیرت تفصیلہٕ سان بیان کرمژ تہٕ ناؔدم صابن موخصر پاٹھو تہٕ بیتیا صفات مولوی صابن گنز رادی منتی چھ نیتی چھنہٕ ناؔدم صاب بر ونٹھ کُن انان ۔ مولوی صابُن بیان چھُ اَتہٕ زیادٕ بہن فنکارانہٕ ۔ یم مثالہٕ وُچھو ے

ادس تبسم کرُون شاہ دین
شاد گژھان ہیئہ سُر دُچھتھ دلحزین
بو اسہ دُون زنہٕ کھسہ دُون آفتاب
غم کرُون دُور سہ نورک حُباب

تہٕ اتھ نسبت چھُ ناؔدم صاب دنان ے

چھکھنہ اوُسمت بزور قہقہہ زاہ
رتی تبسم کرِکھ گہہ و بیگاہ

تہُند کتھ کرنک انداز چھُ مولوی صابس نش یہ ے

میوٗٹھ تہٕ ژھوٹ اوس کلام رسولؐ
معنیہ کنز زیوٗٹھ دلن منز قبول
پرتھ کتھ ژھہن حرف تہٕ آواز بیوٗن
سیر گژھان اوسنہٕ زاہنہٕ بوز دُون
بوز دنہن قول نبیؐ سو ختنہٕ زن
نیٚژ نیتھ تہٕ دُور ہیے گو وکنن
کتھ کرنکہٕ دقتہٕ سہ جان جہاں
شعلۂ نور اوس ہران از دہاں

تہٕ ناؔدم صابس نش یہ ے

در فصاحت تہٕ در بلاغت تمام

بے نظیر آو ییٚشر ملیح کلام

ناٗدم صاٗبن چھُ اکھ ہٕتس تہٕ پنٛژہن شعرن منٛز سراپا دۄ نمُت تہٕ
مولوی صاٗبن کُنہٕ ہاکھن شعرن منٛز۔ بیلہ زن سیرتس متعلق ناٗدم صاٗبن پنٛژ و نزہ
شعر دِلۍ تہٕ چھ تہٕ مولوی صاٗبن دوٗن زرے ہتھ شعرین منٛز اخلاق، عادات، اطوار
لباس، کھین چین بینز وار یاہ کینہہ لیوان چھُ۔

مروجہ نعت چھ پہندس کلیاتس منٛز زے ژورے۔ سکندر نامہ کس
دُسلابس منٛز اکھ، مغازی النبیؐ کتابہ منٛز اکھ، بدائع منظوم کتابہ منٛز ترجمہ کرنے فارسی
نعت تہٕ معجزات النبیؐ کس ... بس ایپھ اکھ۔ یمن نعتن منٛز چھ مدح رسولؐ علاوٕ
التجا، فریاد تہٕ استغاثہ تہٕ میلان تہٕ ژٕون یارن ہندی تعریف تہٕ۔ مدحتک
انداز چھُ کُنہ عام قسمُک تہٕ کُنہ منفرد۔ مثلن سکندر نامس منٛز

سُہ چھُے از ہمہ آفرینش گزین
حبیبِ خدا خاتم المرسلینؐ
زِ لولاک بر سر دِتھکھ تاج تس
قبا در شبِ خاصِ معراج تس

مغازی النبیؐ کتابہ منٛز

سُہ شاہ رُسلؐ سرور انبیا
مزمل قبا تس مدثر ردا
چھُ پیغمبرن منٛز رفیعت مآب
یُتھے بُتھ ستارن اندر آفتاب

# نعتیہ شاعری

## تجربہٕ تہٕ امکان

شفیع شوق

تمؐ یہند باپتھ شاعری شایانِ شان زانٕنہٕ آیہٕ نہٕ { وَمَا عَلَّمْنَاهُ الشِّعْرَ وَمَا يَنبَغِي لَهُ (یٰسٓ) } تہنزِ ذاتِ بابرکاتٕ بٕنیہٕ عالمہٕ چَن بسیار زبانن منز بیشمار خوبصورت نغمن ہند ناگہٕ راد۔ یتہٕ مدینہٕ پاک چو کوریو وولٕسنہٕ یتھ پنٕنو روہ نہٕ ہٹو ہرکٕ وکھناوی "طَلَعَ الْبَدْرُ عَلَيْنَا مِنْ ثَنِيَّاتِ الْوَدَاعِ" تہٕ پتھ ازتام رُودکہ دنیاہکو اہلی ذہن پنٕنٕ سارے لسانی صلاحیت کامہٕ لاگتھ تہندی صفت گنزراوان تہٕ اَتھ روٗس انسان رُودی تمؐ وٕندٕ پھوٗلہِ منٕز نغمہٕ گیوتھ تہٕ گنگراوتھ پنٕنٕ زندگی رتھ کھاران۔ یہٕ ازھبن سلسلہٕ چھُ یتھ دوہس تام جاری تہٕ بروٗنٹھ کُن تہٕ روزِ۔ اَتھ حقیقژ پیٹھ ہیکہٕ نہٕ بحث سپدتھ۔ بحث ہیکہٕ یتھ مسلس پیٹھ سپدتھ زِ اَمہِ قسمچہِ شاعری ہندی تخلیقی مسلہٕ کیاہ چھ تہٕ بروٗنٹھ کُن کیاہ امکان چھِ اَتھ منز۔

نعت ہیکہٕ نثرس منز تہٕ اَسِتھ تہٕ نظمہِ منزتہٕ۔ دلایل الخیرات تہٕ کبریت احمر ہوی نثری شاہکار چھِ تتھے پاٹھٕ نعت یتھ پاٹھٕ اکس سیود ساد کاشرِ سُندِ یہِ پھرٕ یک لکہٕ باتھ چھُ:

محمدؐ صابن ترِ نتیے — لوٗنتیے پوشس
تتہٕ دیدار کرِ نتیے — لوٗنتیے پوشس

یا

نبیؐ صابن کیاہ گیایس — زن گیایس مالِنئ

جذبہٕ چھُ کُنُے۔ تجربہ چھُ کُنُے تہٕ مدعا چھُ کُنُے۔ پھیرِ چھُ یتےُ زُکُس کوٚت تام واتُھ ہیوٚک یا کُس کیتھ نوٚک۔ گو واظہارٕ رٕنگ تہٕ صنفہٕ رٕنگ چھُنہٕ نعتیہ باپتھ کانہہ قاد۔ نعت نگار چھُ ہیت، اسلوب، بحر، وزن، آہنگ، قافیہ، ردیف بتیٚر وزنادنس منٛز مکمل پاٹھۍ آزاد۔ مگر یہٕ کرِتھ تہٕ چھِ نعت نگاری ہندی کینہہ مقررٕ حد یمو نیبرٕ اکھ سوٚتھ تہٕ ہیکوٚنہٕ نیرتھ۔ یم حد چھِ موضوعکۍ۔ شاعرس یا نثر نگارس چھُ نعت لیکھنہٕ برونٛھے یم حدوٗد تسلیم کرٕنۍ تہٕ یِہُند احترام کرِتھ چھُس پننۍ ذات ترک کرِتھ مُقدس جذبس منٛز پیر گژھُن۔ یہ چھُ نعت نگارس کیٚنٛت لازمی۔ یتھِ اتھ منٛزس پیٹھ واتہٕ پرٛاوِ پانے اَتھۍ قادس منٛز آزادی پننے حدن منٛز وسعت۔ تکیازِ حُبِ نبیؐ چھُ حُبِ ایزدی۔ قُلْ اِنْ كُنْتُمْ تُحِبُّوْنَ اللّٰهَ فَاتَّبِعُوْنِيْ يُحْبِبْكُمُ اللّٰهُ.

تہٕ بقول اقبالؒ "از خدا محبوب تر گردد نبیؐ" یا

مسلمان را ہمیں عرفان و ادراک
کہ از خود فاش بیند سرِ لولاک
خدا اندر قیاس ما نگنجد
شناس اوراکہ گوید ما عرفناک

تہٕ لہٰذا چھُ مقامِ رسول سَرنے خُدا سرُن تہٕ بقول حضرتِ شیخؒ "

عقل تہٕ فکر تور کوٚت سوزکھ
کمی مالہ چیتھ ہیٚک سہ ذرِ یاد

نگراَتھ کیاہ کرِ زِ پننۍ سرُن باوُنہٕ خاطرٕ چھُ اَتھ لُش باوژِ ہُند اکوے وسیلہ تہٕ اکھ محدود وسیلہ یعنی زبان۔ شاعر چھُ یوٚہے محدوٗد وسیلہ ہتھ لامحدوٗدس کوم کرٕنۍ پژھان۔ ییٚتھ بیٚلہ حُبِ نبیؐ تہٕ حُبِ ایزدی کُنے تجربہ آسہ، تخیلس تہٕ چھِ بقولِ رحمان ڈار "چشمو کھور پیوان کڈٕنۍ" تہٕ احتیاطس چھُ دامن گیر پیوان روزُن۔ تخیلچ یہ کوتاہی چھےٚ نعتیہ شاعری ہُند سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ مسلہ بنان تکیازِ شاعری ہیکہٕ نہٕ احتیاطس اندرٕ اندر روٗزِتھ جہانن وحاطہٕ کرِتھ۔ شاعری چھےٚ رٕکھ ماٹٛڈی تھےٚ حیات لبان تہٕ اکس سرچشمہ چھُ ظلماتہٕ وزان۔ شاعری چھےٚ سائنس

ییتھو سیاہ کارن ہندِس سیاہ دماغ دنیاہس منز ممکن تیکیازِ شاعر چھِ کلام اللہ کہ ارشادٕ "سیاہ وادین ہندی وتہٕ گتھ"۔

پتھ کیاہ سناہ کرِ نعت گو؟ نس چھُ بروٗنٹھ کنہِ جلالک تہٕ جمالک آہنگ تہٕ نس چھنے امہِ چے پرٛ لفظن منز۔ سامنہ تہٕ اتھ دشوار کامہ منز چھُ صرف کلام اللہ کمل پاٹھی کامیاب ییلہِ مردِ کاملؐ سُند مکمل لسانی شبیہہ نازل سپُد: اِنَّآ اَرۡسَلۡنٰکَ شَاهِدًا وَّمُبَشِّرًا وَّنَذِيۡرًا وَّدَاعِيًا اِلَى اللّٰهِ بِاِذۡنِهٖ وَسِرَاجًا مُّنِيۡرًا (الاحزاب) تہٕ پتھ از تام یم کرور بدی نعت وتہٕ آے تمن سارنے منز چھُ بیانک یِنہ ہیے تکمیل پراونک مدعار وٗ دمُت تہٕ سارنے چھےٚ کم زیادٕ کامیابی میجمٕ۔ جلال تہٕ جمال نعتس منز ہاوُنہٕ باپتھ چھُ شاعر معرض شاسں وٗنی دِنہٕ باپتھ پننہِ تخیلٕ وُچھناوان تہٕ پھری پھری چھُ ہوی جساوی تفصیل ہینتھ دالیس یوان: وُچھون تہٕ وُچھون تابناک آفتاب ہیو، زٲنیون تہٕ زٲنیون گلاب ہیو، تٕہنیون تہٕ تٕہنیون مشک ادفر ہیو۔ انسانہٕ سُند اوالی تخیلُ PRIMARY IMAGINATION ہیکہٕ تہٕ امہِ نیبر نیبر تھ۔ نعتن ہندی بہترین کھو تہٕ بہترین شعر چھِ پینہِ بصری شبیہن اندی نکھی گردش کران:-

گو جہاں تازہ بہ رُخسارِ رسول عربیؐ

روٗٹ گلو مشک زِ گفتارِ رسول عربیؐ

روز و شب درائے پھیتھ پرہ دٕہ تھ شمس و قمر

ذرہ چیس آے بہ انوارِ رسول عربیؐ (حقانی)

ییتھن سارنے شعرن ہُند بافت چھُ کنہِ تہٕ شاعر سُند کمال چھُ صرف تمی ہنرٕ قادر الکلامی منز نتان زِ سُہ کمہِ مہارتہٕ سان ہیکہِ زبانی تھوٚد تھ، لفظن ہنزن آوازن ہندی کرشمہ وٕچھ تلاوِتھ تہٕ باوتھ ہُند اجمال پادٕ کرِتھ۔ مگر کیاہ شاعر روزِ ناہ صرف ییتے کران؟ اما اکھ پُرِ گو نعتیہ شاعر تہٕ کرِ شعر ہیکہِ امہ ترایہ ہندی تخلیق کرِتھ؟ اکھ، زِ ترے کیہٕ تزور؟ تہٕ باقے نعتیہ شاعری متعلق کیاہ تنقیدی راے ہیکہِ دِنہٕ یتھ؟۔

ساٲنی مقبول ترین نعت چھِ جذبکہِ تقدسہ کنہِ عظیم نعت یمن ہُند تخلیقی

نوبرٕ تہٕ حسن ہیکہٕ نہٕ زیرِ بحث یِتھے تہٕ تنقیدُک موضوع بنِتھ۔ یِم نعت چھالس ساری ہوش سنبالہٕ پتہٕ خوبصورت آوازوسنہٕ وٕنہن لیٖن منز لوزان آمتٕ۔ اگر شاعری ہنز پرٕنحہ اُنہٕ جذباتی شدت تہٕ اُہٕ ڈٕہتھ پٔنٕہ صلاحیت چھِے، تیلہٕ چھ یِم نعت لازمن اعلیٰ شاعری مانٕنہٕ:

- عربی شاہا، مدنی ماہا
  اَسہٕ گوزھ گژھ منز گاہا چون ۔ (نادم)

- ژٕرے ژھکھ ازلہٕ تہٕ ژٕرے ژھاکھ آدن
  یا نبی پادن وندہوے سر (نادم)

- حضرت نبی یس لگہٕ وے ناوس
  واوس اُتھ وٕنہٕ ناوس زار (نادم)

- ہا واہ وا انکھنا تو نے بیٖتہٕ ڈاپھ تراوِتھ مصطفیٰ
  احوال میانی تس ونکھ سُہ ہو کریم دادِن دوا (ثناء اللہ)

- عربکہٕ سردارٕ بیمہٕ ہوے پادن
  عاشقن گوش زیادن کھاو (ناظم)

یہٕ چھُ نعتیاتی شاعرِ ہُند معراج یتھ منز جذبُک خلوص اُنہٕ شدت تہٕ صوتی آہنگ میلِتھ لوزن واَلس وٕلسنس چھُ انان۔ مگر سو شاعری یتھ منز متضاد جذبن میل کرنٕچ کوشش چھِے آسان تہٕ تمہٕ باپتھ حقیقژ ہنز تہہ بہ تہہ آگاہی چھِے آسان، تہنٕز شاعری چھِے نغماتی تراویٕ نشہٕ مختلف۔ نعتس منز چھ شاعرس زندگیہ ہندی اکثر پاس مُشرٕنی تہٕ صرف چھُس اَکی سے جذبس تابع روزُن۔ اَتھ منز چھُ تمی سُند شعوری انتخاب کام کران۔ اَتھ برعکس چھِنہٕ باقی شاعریہ منز انتخابُچ تہٕ بندِش۔ تتھ منز چھِنہٕ رُت تہٕ کرُت جذبہٕ شاعرانہٕ تہٕ غاَر شاعرانہٕ معیارن ہنز بنیاد بنان۔ نعتیہ شاعری ہنز یہٕ بندِش چھِے تشبیہہ تہٕ استعارٕ ژھارنس پلیٹھ تہٕ حاوی پیدان۔

پُرکمال شاعر چھُ سُے یُس بندشن منز روزِتھ تہٕ پننہٕ آزادی ہنز

سپیل کر۔ شہ چھ مروجہ استعار تراوتھ غار متوقع ہشر زھار تھ نوی استعار گران۔ یہ چھ نیلی ممکن پیلہ شاعر آنحضورؐ ہند ین جمالس سنز شائل تحییر محسوس کرتھ ہیکہ یہ تمہ پتہ اندی نِکھی ولیوٗد معروضی دنیا تراوِتھ ماورا اس یہ زھار ہیکہ دِتھ۔ یہ کمال چھ سہری شاعری متہ زے ممکن۔

○ الفس یہ میمس آس ملونے
اٗنس مل پیوٗد گو جارا ن
د ذ ر ز ص او س ینے
ونے در د نیستا ن (محمود گامی)

یوچھرک پرد زھ اتھ سنز جابس
پادشاہ ڈلیتہ ہن نوابس ستی
برونٹھ پچھ کھوژ مہ قہر دعابس
رند چھکھ زنڈ کتھ آبس ستی
آب سنز ناو تہ ناو سنز آبس
یتھ چھے حق آنجنابس ستی
آنجناب میلتھ پرسبھ اصحابس
رند چھکھ زند کتھ آبس ستی
صورتس معنی تعبیر خوابس
مشک زن میلتھ گلابس ستی
واصلس زنتہ زھاکے چھنہ کانہہ نقابس
رند چھکھ زند کتھ آبس ستی (محمود گامی)

رحمت بخشنے چشمو پرزناو لوان کونہ چھے ونیے
احاطہ کرتھ چھ حیات النبیؐ تس زانن عارفان

اَنِتھ رُوٗسے وَچھے تَمہٕ وُتہٕ لاران سےٚ زانہٕ یس حال بنے
کرکھے زیارت سرکارؐ ہر دم ثابت روز شانکنے
چیشو کھوٗرکڈ تَمہٕ وُتہٕ بروٚہ نہٕ پچھ پُچھ اَسی زنہٕ پھیران

(رحمان ڈار)

لا لبتہٕ میم گژھ پراوُنے
دل گژھ کلمہ پرناوُنے
شاہ پچھےٚ لبتھ پننے گرے

(حورے مے ٚ نیوٗم ژوٗرِ دل)　　　(نعمہ صاب)

نعت نگارن کیُت چھُ بیاکھ اہم حد یہ زِ آنحضورؐ ہنز ذات مُبارک ہیکہ نہٕ اساطیرن سئتۍ وابستہ پد تھےٚ تہٕ نہٕ ہیکہِ اتھ متعلق نوٚو کانہہ اسطور بنتھ۔ حیات النبیؐ چھُ عقل تہٕ استدلال تہٕ عقل تہٕ استدلال چھُنہٕ اصل صورژ منز شاعریہ منز انُن ممکن۔ یم ساریٚے دشوار یہ نظرِ تل تھوٗتھ چھُ باسان زِ یاہٕ تہٕ چھُ نعت نگارن آنحضورؐ ہندِس جمالس تہٕ جلالس متعلق صرف قرآنی ارشادس نوٚن نوٚن لین تہٕ آہنگن منز تشریح کرٕنۍ تہٕ چھکھ سِراجاً منیراً اکھ حُسن پنتہٕ پننہٕ انفرادی اندازِ سرن تہٕ باوُن۔

حسنک کمال چھُ تحیُر پأدٕ کرنچ صلاحیت۔ یعنی یہ گژھ ذِچھن والِس پایہ منز منتقل کرِتھ اندیشہٕ ہاے دوٗر درازن منز آوراوُن۔ مگر حسن نبیؐ چھُ یہ صلاحیت تھاوِتہٕ علاوٕ اَتھ کھوٚتہٕ اہم صلاحیت تھاوان یعنی تغیر پأدٕ کرنچ صلاحیت۔ مسلمانس چھ اَتھ لاثانی جمالک تصوُر ذہنس منز انُن تہٕ تمہِ ہند نفسہٕ کین سرن منز گژھ انقلاب وُزُن۔ یوٚہے بُو سرو تہٕ تلیومت انقلاب گژھ کُنہٕ جبر ورأیی خارجی دنیاہس پیٹھ پأنی پانے حاوی تہٕ یوٚہے انقلاب چھُ بوشہٕ دُن انقلاب اِنَّ اللّٰہَ لَا یُغَیِّرُ مَا بِقَوْمٍ حَتّٰی یُغَیِّرُوْا مَا بِاَنْفُسِھِمْ۔




ڈاکٹر شاد رمضان

خضر ملک صفائی ہِندِ نعتکُ یہٕ طرح چھُ اکھ نوٚو تہٕ منفرد لہجہٕ ہیتھ کاشرِس نعتیہ ادبکِس نوٲریخس منز اکھ نوٚو تہٕ توجہ طلب بابُک اضافہٕ کران۔ ہرگاہ پروفیسر رشید نازکی صابس "کلیات نادم" ترتیب دِنہٕ وِز صفائی سُند نعت بروٚنہہ کُنہِ آسہے سہٕ ہیٚیہ ہے نہٕ فقط کلیاتکِس تنقیدی تبصرس منز صفائی سُند ناو عزتہٕ سان بلکہ مابدلادِ ہے ضروٗر کینژن کاشرین نعت گوٚ شاعرن متعلق پننِ رایہِ تہٕ کلچرل اکادمی کرہے یِنِس ترتیب دِتی متِس نعت نمبرس "نوٗر ہٕ آگر" منز صفائی یس کاشرِ زبانی ہِندین صفِ اول کِہِن نعت گوٚ شاعرن منز شمار۔ بہر حال وۄنی یِلہِ صفائی سُند نعت عوامس بروٚنہہ کُن واتہِ، نقاد تہٕ محقق کرن صفائی سُند مقام مشخص یمیُک دس یِتھ موٚختصر مقالس منز صفائی ہِندِ نعتکُ کم کاسہٕ جایزٕہ ہینہٕ ینٕہ دوٚیتھ۔

نعت چھُ بُنیادی اکھ موضوعی شعر ذات یمیُک بجر اَمہِ کِس عظیم نہٕ لاثانی موضوعس منز ژھیٚنیتھ چھُ۔ یعنی آنحضورؐن ہُند سیرتِ پاک تہٕ شکل وشمایل تہٕ بعضے تِہُند جمال تہٕ جلال۔ بوڈ فنکار چھُ دوٚشوٚنی صوٗرژن منز موضوعی عظمت رژھرادنس ستی ستی فنی تقاضہٕ تہٕ رچھان۔ نعتکُ اکھ حصہ چھُ یتھ منز پیغمبرِ خدا حضرت محمد مصطفےٰ اصلی اللہ علیہ وسلمن ہُند خولہٕ خط بیان چھُ

سپدان۔ صفائی چھُ پرٛزھن جاین لفظن اکہٕ آولہٕ موٗقلیع کام ہیتھ نبی کریمؐ سند نوٗرانی شبیہک دیدار کرناوان۔ سُہ چھُ نعت ونان لول، عقیدت تہٕ احترام رٔژھران رٔژھران آنحضورؐن ہند پیغمبرانہٕ مرتبک تہٕ شبیہُک ماری موٗند اہمیلہٕ ہاوِنہٕ موکھ لطیف تہٕ فنکارانہٕ اندازس منز۔ قرآن مجید کی حوالہٕ پیش کران۔ یِمو شعرو تلہٕ چھُ صفائی سٕنز شخصیژ ہُند اکھ قابلِ توجہ پاس نظرِ یوان زِ سُہ اوس نہٕ فقط قرآن مجیدُک حافظے یوت بلکہ قرآنی نوکتن واتن وول تہٕ۔

آیہ لولاک تاج سرُ وُچھے
آیہ فاستقم کمرُ وُچھے
طاءِ طٰہٰ ژٕتے طرح دستارس
میم حامیم طوقِ زر وُچھے
زلف واللیل چھے المنشرح
سینہٕ بے کینہٕ سیمبر وُچھے

مدح حامیم زٕنیے زلف چھی جیم
سو بنسلک زار یا رسول اللہؐ
مد ابرو چھ سورۂ نونس
مثل نزدار یا رسول اللہؐ

شبیہہ چھُ عام فنکار تہٕ وۄتلاوان امالوٚ ژُمن مُناسب تہٕ موافق ماحول دیُن چھُ اڈٕن فنکارن ہُند کمال۔ خضر ملک صفائی چھُ بعضے آنحضورؐن ہنز نوٗرانی شخصیتچ پرژنتھ قایم کرنہٕ باپتھ تہندِن یارِ غارن ہندِن صفاتن تہٕ القابن ہُند تذکرہ کران تہٕ بعضے اصحابن تہٕ تابعینن ہنز سیرت تہٕ عظمت بیان کرتھ حضورن ہندِ عظیم وجوٗدکی بیار پاسل اظہار گاشراوان۔ یتھ کٔنی چھُ صفائی اوٗندپوکھ گاشراوِتھ تٔمِسنزِ مقام پرژناونچ فنکارانہٕ کوشش

کران ۔ یاونوٚ یتھ کٔنز زِ دأیرکہِ مرکزٕ بیٹھ یم زٕژ کلہم محیطس پٕرزٕ لادان چھےٚ، تتھے کٔنز چھ محیطکو مختلف لوٚکٕٹہ پینہٕ وجوٗدکہِ اظہارٕ ستہِ مرکزٕچ اہمیتھ ٹاکارٕ بناوان ۔

چأنؠ اصحاب دینہٕ کس باغس ‏ ‏ ژور دیوار یار رسول اللہؐ

ثانی اثنین درشبِ ہجرت ‏ ‏ چھےٚ جلوٕدار یار رسول اللہؐ

شاہ فاروق دینہٕ کس باغس ‏ ‏ چرخ سیار یار رسول اللہؐ

سُبرہن گوو زِ جامع القرآن ‏ ‏ گنجِ اسرار یار رسول اللہؐ

اسداللہ حیدرؓ یزدان ‏ ‏ شیرِ جبار یار رسول اللہؐ

شاہ عثمانؓ جامع القرآن ‏ ‏ خاص کاتب بفتح وجرو چھے

شیرِ جبار حیدرؓ کرار ‏ ‏ شہرِ علمس دریچہ ودرٕ چھے

آلِ اصحاب ہمقدم چأنؠ ‏ ‏ سیرتس صوٗرتس ہشرٕ چھے

نخلِ پربار دینکس باغس ‏ ‏ ہیٚ تہٕ گلزار تازو ترٕ چھے

صفائی سٕند لسانی ورتاو چھُ خاص پأٹھؠ قابلِ توجہ ۔ سُہ چھُ بعضے تخلیقی تقاضہٕ نظرِ تل تھٔوِتھ لفظن ہٕند لغوی معنے برقرار تھٔوِتھ نوٚین معنین ہٕند تلاش کران ۔ نعت چھُ عقیدتی ادب تہٕ اتھ منز چھُ جذباتن ہٕند آدریراکھ، اما پوٚز ظاہر کہِ سوٚدرٕ منزٕ باطنک موختہٕ کھالُن تہٕ پرن واجِس سُہ موختہٕ پرزناونُک تہٕ سوٗلہٕ ناونُک قووتھ عطا کرُن چھُ کمال رفنکأری گٔیہ بےٚ ژۄ چیز جاندار ہٕندی پأٹھؠ بولہٕ ناوِنؠ ۔ اکأیل کتھن تھٔوِس کاٚےٚ نخشُن ۔ صفائی چھُ امہِ اعتبارٕ تہٕ ہوٗنرمندی ہٕند ثبوٗت دِوان ۔ صفائی سٕند لفظ ورتاو چھُ پننہٕ موضوٗعی بحر علاوٕ ہیتی ولقارٕ کنہ تہٕ اہم ۔ یمہِ حسابہٕ سُہ لفظن ترتیب دِوان چھُ موضوٗعک جلال چھُ ہُران تہٕ جلال پٕرٛبنان ۔ سُہ جمال یُس نعتیہ صنفِ ہٕندِس مزاجس تہٕ امہِ کِس شانس شایان چھُ تہٕ سُہ جلال

یُس عقیدٕ زٕ تہٕ عاجزی ہُند وصف چھُ خاصکرِتھ چھُ عقیدتی ادبس منز۔ لفظ ورتاوُک احتیاط لازمی، اما پوز بوڈ فنکار چھُ اکھ دوران تہٕ لفظس موضوعک زینتھ تہٕ معنیک سمندر بناوان۔

| | |
|---|---|
| تھاو برسر عمامہٕ کوفور | ہاو دستار یارسول اللہؐ |
| کوٗنڈ فراقک دِوان چھُ زخمن نیش | مثلِ سوفار یارسول اللہؐ |
| لوح محفوظ چھُ چون دفترِ کُل | درج طومار یارسول اللہؐ |
| چشم مازاغ کر نظر پھیوٚلہ باغ | گُل تہٕ گلزار یارسول اللہؐ |
| کوٚت کالا پمبرِ زُلن چھُ خاب | تراو خمار یارسول اللہؐ |

کاشرس منز چھُ نعتِ تتھے کٕنٛز زٕہنجہ ہیتھ ییتھ پاٹھۍ فارسیس منز چھُ۔ اکِ پاسہٕ تھاوِو نوکھ فارسی زبانۍ ہندی خاقانی تہٕ جامی تہٕ بیٚیہ پاسہٕ تھاوِو نوکھ کاشرِ زبانۍ ہندی صفائی تہٕ نادم۔ ییٚتھ کٕنۍ خاقانی ہندین نعتن منز باوژ ہٕند ادبرگوبر بیانک شان تہٕ اشارن ہُند مانہٕ سوو ابہام نظرِ گژھان چھُ تتھے کٕنۍ چھُ صفائی ہندین نعتن منز تہٕ لبنہٕ یوان۔ صفائی چھُ آنحضورن ہندی معجزٕ تمہ شاندار اندازٕ بیان کران زِ فارسیک خاقانی چھُ ژٕ تس بیوان، ییتھ پاٹھۍ چھُ کاشرِ نعتک باوِ لقار وجوٗد برونٹہٕ کُن ییتھ کاشرِ زبانۍ ہنز پرژٕ نتھ تہٕ عظمت بیٚیہن ٹاکارٕ سپدان۔

| | |
|---|---|
| استغاثس چرند وحشی آے | حال باوان ژٕ نے جانوروٗ چھے |
| دین دنیا ژٕنے جملہ زیرِ نگین | سجدٕ دِوان شجر و حجر وٗ چھے |
| سار وے کوٗر ژٕنے نشِ سلام و کلام | سرکرِتھ خم ژٕنے کُن شجر وٗ چھے |
| خیل عشاق یم ژٕنے کُن مشتاق | نجم انوار جلوہ گر دٕ چھے |
| نوحؑ موسیٰؑ خلیلؑ بیٚیہ عیسیٰؑ | مقتدی پانہٕ بُوالبشر وٗ چھے |
| ماہِ خورشید کواکب سیار | ژٕنے کران چھی طواف لیل النہار |

ژھکھ ولی نعمت عرب تا عجم　　غم تہٕ وسواس کاستم یکدم
آسہکھ نے تہٕ آسہی نہٕ وجوٗد　　جملہٕ چانے طفیل گوو موجوٗد
ژٕبے سوا اوس درحجاب عدم　　غم نہٕ وسواس کاستم یکدم

یوٗہے مارٕ موٗند اہمار چھُ اُہندین منقبتن منز تہٕ درینٹھ یوان
کینہہ مثالہٕ چھنٕ پیش۔

ذالولا بو حنیفہٕ نعمان رح　　بُلوفا بو حنیفہٕ نعمان رح
چھُس سراج الامم لقب کھارن　　مصطفیٰ بو حنیفہ نعمان رح
در شریعت طریقت و عرفان　　پیشوا بو حنیفہٕ نعمان رح
مقتدی ہوی چھہٕ عالمکی عُلماء　　مقتدا بو حنیفہٕ نعمان رح

ژھکھ ژٕ گردوں جناب یاریشی رح　　ژھکھ برزن آفتاب یاریشی[1] رح
کوٗت کالا بستہٕ حرتن منز　　اَسہٕ پھر دوہ نی کتاب یاریشی رح
چاۂ اطوار عادتہٕ آثار　　سُنتہٕ آنجناب یاریشی رح
سلسلہٕ چون سہروردی اوس　　پھےٗ کمند و طناب یاریشی رح

---

[1] باباہردے ریشی ییمس کاُبتزد" ریشی مول" ونان چھہٕ تہٕ یہُند آستانہ عالیہ چھُ اسلام آباد۔

# رُسُل میر تہٕ ناظم

## بحیثیت نعت گو شاعر

ڈاکٹر مجروح رشید

ہم کال آسٕنۍ ستی تِہ آسی رُسُل میر تہٕ ناظم بنیادی طور رومانی مزازُک شاعر۔ دوشوے چھ بیٛز پاٹھۍ انسانٕ لوکی نغمہٕ خوان تہٕ اُتھی چھ پننہٕ شاعری ہُند وُرُن وُتھرُن بناوان۔ ناظم چھُ نعت، غزل، مرثیہ، ہزل تہٕ مثنوی لیکھان ییلہٕ زن رُسُل میر اَتھ مقابلہ صرف غزل (وژن) لیکھنس پیٹھ اکتفا چھ کران۔ ناظم چھُ رُسُل میرس مقابلہ زنگارنگ مگر رُسُل میر چھُ یک رنگی لنہٕ سہ مقام حاصل کران یُس نہٕ ناظمس نصیب یُد۔

ناظم تہٕ رُسُل میر دوشوے اَسی مذہبس واقف۔ مگر ناظمس مقابلہ اوس نہٕ میر مذہبی تہٕ شرعی معاملاتن پابند۔ ناظم اوس وعظ خوان تہٕ وعظ خوانی ہندٕ منصبس پیٹھ آسنہٕ کنی آسہ ہے تمس سیرتِ پاکس پیٹھ تہٕ جان نظر۔ تمس اوس نہٕ صرف حضورؐن ہندِس ذاتِ اقدسس ستی یوت والہانہٕ عشق بلکہ اوس اولیاد کرامن ہُند احترام تہٕ عقیدت تہٕ ۔ اَمیُک ثبوت چھِ تمی ہندی نعت کیو منقبت۔ رُسُل میر چھُ مذہبس واقف آسنہٕ تہٕ زِکہٕ مجازی رشتن ہندی نغمہٕ گیوان ییلہٕ زن ناظم مجازی رشتن آے کانچھان روحانی حقیقژن ہُند احترام تہٕ زُژھران چھُ۔ مگر اَمیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز زِ رُسُل میرن کیاہ چھُنہٕ اَمہٕ قسمکی تجربہ سٔری مِتی بلکہ چھُ پزر یہ زِ تمی ہندین کینژن وژنن منز چھِ نعتیہ شعرن تہٕ نظر گژھان۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ رُسُل میرن اَکھ نعت نما غزل تہٕ

وفات نامہ آنسر ورٕ تہٕ لیکھی منٛز۔ تٔمۍ سندین مختلف وژنن منٛز چھ ییمہٕ آیکۍ نعتیہ شعر نظرِ گژھان ،

کھوٚت حضرت سونے معراجس
تس وُنہٕ وان سور گچھ حوٗر لولو

ذاتس تعشوق سالہٕ نیوٗن معشوق
دُنہٕ وان حوٗر غلمانے تہٕ لولو
ژھونجہٕ اکہٕ یکھنا درشن دِکھنا
عٔشکُ چھُکھ وعظ خوانے تہٕ لولو

یمو شعو ستۍ چھُ پانے واضح سپدان زِ یتھۍ ہوی شعر چھ چھ اعقیدت مندی تہٕ اسلامی تواریخکۍ واقعات۔ رُسُل میرنس کلیاتس منٛز چھُ اکھ باتھ "از آم دلبر الحمدللہ" یہ نعتیہ ہیچ نظم پُرتھ چھُ مانُن پیوان زِ رُسُل میر ہیکہٕ ہے جان نعت لیکھتھ اگر تٔمۍ سُند شعور پرتھ ساعتہٕ اُمہ باپتھ آماد روزِ ہے۔ زیرِ بحث نظم چھےٚ یژھ شعوری آمادگی ہند باس دِوان تہٕ رُسُل میرنی یہ نظم چھےٚ نعت آنس ستۍ ستۍ اکھ فن پارٕ بنان۔ اَتھ نظمہٕ چھُ اکھ لاہوتی آہنگ دوٚہ تلان ییمہٕ کہٕ ذریعہ حضورﷺ ہند مکمل پیکر نظرن برونہہ کُن چھُ یوان۔

مہروے موٗلے نوٗر تجلے۔ اللہ اکبر الحمدللہ
از آم دلبر الحمدللہ
چھےٚ تیتھ قد تس نی شوبہ سوٗرگس۔ طوبےٰ تہٕ کوثر الحمدللہ
از آم دلبر الحمدللہ

محمد یوسف ٹینگ چھُ اَتھ باتس متعلق لیکھان۔
" رسول میرنین کینژن گارن والین ہند وَنُن چھُ زِ یہ اُس میرنین مجازی خیالن ہیٹھ تُہندین صوفیانہ تجربن ہنز فتح۔ دٔے زانہ یِنہٕ زِ مگر رُسُل

میرنہ کلامہ ستی چھِنہٕ تِہندٕ صوٗفیانہ لیہہ ہِند گنرِک انداز گژھان۔ اوٚ یہ چھُ
پوٚز زِ تمی چھِ کینہہ جان نعت لیکھی مِتی۔ [۱]

ٹینگ صابن ونُن چھُ پوٚزُے باسان۔ یہ نظم چھِنہٕ کُنہ صوٗفیانہ
تجروٗبُک بازیافت بلکہ اکھ غزل نما نعت۔ اکہ منز چھِ اکثر شعر یتھی تِمن منز
حضورنہ ہِند جمال تہٕ روحانی رُتبہ نون چھُ نیران۔ یہ جلال تہٕ رُتبہ چھُ شاعر
ہِندِس دِلس منز حرارتھ تہٕ خوشی ہِندِکہ وٚتہٕ جذبہ وۄتلاوان اکھ تخلیقی تہٕ تخیلی صوٗرت
لبان۔ امہ نظمہ ہُند آہنگ تہٕ لفظیات تہٕ چھُ یمہ کتھہ ہنز شہادت فراہم کران
زِ یہ چھِنہٕ کانہہ صوٗفیانہ تجربہ۔ یہ آہنگ تہٕ لفظیات چھُ کاشرِ صوٗفی شاعری ہِندِ
آہنگہٕ تہٕ لفظیاتہٕ نِشہٕ مختلف۔ اکھ نظمہ منز چھِ عقیدت تہٕ تہٕ فن تہٕ تہٕ یم زٕ کوٚھ
تہٕ الگ الگ کرِتھ۔ کینژن شعرن منز چھُ تغزل حاوی مگر نعتیہ رِوایت وُچھتھ
چھُ مانُن پیوان زِ امہ قسمکی نعتیہ شعر چھِ عربی تہٕ فارسی زبانی ہِندو نمایندٕ نعت
گو شاعرو تہٕ تخلیق کرِمتی تہٕ اکس روحانی ہستی تہٕ محبوبس متعلق یتھی ہوی شعر
لیکھنہٕ ستی چھُ لاشعوٗری تہٕ (ARCHETYPAL) حقیقژن ہنز اہمیتھ کھر سپدان۔

وُچھتن شہ قایل کرنس بہ سیل   تس آلوے سر الحمد للہ

از آم دلبر الحمد للہ

وُچھتن شہ پرنور چھس چشمہ مخموٗر   ہم چشمہ خاور الحمد للہ

از آم دلبر الحمد للہ

وفات نامہ آنسر ورِ نظم چھِنہ "از آم دلبر" نظمہ مقابلہ واریاہ کمزور۔
اکھ منز چھِنہٕ کانہہ پرتاثیر شعر تہٕ نہ چھِ کلہم پاٹھی اکھ منز جذبُک کانہہ
شدت تہٕ نہ کانہہ حرارتھ محسوٗس سپدان۔ بے ژوٚ شعرن ہنزِ یہ سۄمبرن
چھِنہٕ کُنہ تہٕ طریقہ کُنہ قسمُک جمالیاتی تسکین فراہم کران۔ مگر عقیدت چھُ ینہٕ
جایہ مسلم تہٕ اکھ ہبکو نہ سوال کرِتھ۔

---

[۱] محمد یوسف ٹینگ کلیات رُسل میر۔ صفہ ۲۱

دوٚن عالمن چھُ سایہ بانے — سوٚن محمدؐ نوٗر نوٗرانے
نوٗرٕ برٕتس حوٗرِ وَنہٕ وانے — سوٚن محمدؐ نوٗر نوٗرانے

ناظم چھُ یہ زن گوڈے وَنہٕ آو رُسُل پیرس مقابلہٕ ژوٚر مذہبی تہٕ شرعی معاملاتن ہُند واقف آسنس سٟتی تِمن ہُند قایل تہٕ پابند تہٕ اوسمُت۔ تِمٕ سٕندس کلیاتس منز چھِ شہ نعت نظر گژھان۔ یِم نعت پرٕتھ چھُ باسان زِ سُہ چھُ نعتہٕ کِنِ تقاضن، رلوایژ تہٕ لہجس وٲقفہٕ اوسمُت. تِمٕ سٕندِن نعتن منز چھِ حضوٗرنٛ ہُند جلال تہٕ جمال علاوٕ تِمٕ سٕندی ذٲتی دوکھ، دٲدی تہٕ محرومیہ تہٕ باوُتھ لبان۔ داریاہ لوٗکھ چھِ یہ سوال تہٕ تُلان زِ کاشرِس نعتس منز چھِ حضوٗرنٛ ہُند مرتبہ گاشراونہٕ بجایہ اکثر وبیشتر شاعر پننی ذٲتی گدرُن باوان تہٕ یہ چھُ پزر تہٕ۔ مگر یہ کتھ ہیکہٕ نا پننہٕ جایہ صحیح اٟسِتھ زِ اگر اکس عظیم تہٕ مثالی (IDEAL) محبوبس سٟتی مخاطب سپدان پانس متعلق کُنہٕ جذبٕچ باوتھ کران کران شاعر پننین ذٲتی دوکھن تہٕ دادِن اکھ آفاقی ہیتھ دِتھ ہیکہٕ اتھ منز کیاز ہیکہٕ کانٛہ اعتراض آسِتھ۔ میانہٕ وَنُک مطلب چھُ یہ زِ نعت ہیکہٕ نا شاعر سٕندِن جذبن ہنز باوژ خاطرٕ بطورِ اکھ ٹیکنیک ورتاونہٕ یتھ۔ مےٚ چھُ باسان زِ اگر شاعر حضوٗرنٛ متعلق ذہنس منز کانہہ تصور تھاوِتھ انسانی معاملاتن (چاہے تِم نفسیاتی، فلسفیانہٕ یا کُنہٕ تہٕ قسمکی آسن) متعلق تہٕ اشارٕ کرِ (TANGENT) یہ ہیکہٕ تخلیقی طورِ نعتہٕ خاطرٕ کارآمد ثابتھ سپدِتھ۔ یتھ رۆد سوال حضوٗرنٛ ہُند مرتبہٕ گاشراونُک تتھ متعلق چھُ جامی ین صحیح اشارٕ کوٚرمُت۔

بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

مگر تہٕ کرِتھ تہٕ گژھ شاعرس ہمیشہ یِمہٕ کتھ ہُند خیال روزُن زِ تِمہٕ جذبہٕ گژھن نہٕ حضوٗرنٛ ہٕندِس جمالس تہٕ جلالس پیٹھ اثرانداز سپدٕنۍ۔ خاٗرٕ یہ وژھایہ منزٕ کتھ۔ کتھ اَمِس ناظمس متعلق چلان تہٕ مدعا

اوس یہ زِ ناظم سندین نعتن منز چھ کینہہ شعر شاعر سندین ذاتی دوکھن تہٕ غمن ہندی غمازی تہٕ یہ دوکھ تہٕ غم چھ نہٕ شعرن منز وُستھ ذاتی گدرُن روزان بلکہ چھ اجتماعی رنگ رٹان۔

ناظمنی نعت پرٕتھ چھ مانُن پیوان زِ تس چھ فارسی تہٕ عربی زبانی ہنز جان پارزان اسمژ۔ تس چھ ییمہ کنہِ ہُند تہٕ احساس اوسمت زِ نعتک اشعار کمہِ (NATURE) خاصیتہٕ ہُند گرزھہِ آسُن۔ امہِ سندین نعتن منز چھ عربی تہٕ فارسی لفظ جایہ جایہ نظر گژھان مگر یہند ورتاو چھ کاشرس مزاجس عین مطابق تہٕ پرن والس یا بوزن والس چھ نہٕ یہ ورتاو غارفطری باسان۔ کینژن لوکن ہُند چھ یہ ونُن تہٕ زِ فارسی تہٕ عربی لفظو ورأے چھ نعتک تصورے نامکمل۔

ناظم چھ قرآنی آیاتن تہٕ ترکیبن ہندِ ورتاوِ ستی نعتن پُر اثر تہٕ پُر تاثیر بناوان۔ امہِ قسمکین شعرن منز چھ ناظم حضورنٕ ہُند حسن و جمال حُسنچہٕ ابدی کھوجہِ کھأتہٕ تہند سراپا پیش کران۔ یہ سراپا نگاری چھے علامتی رنگ رُٹتھ باایمان تہٕ باذوق پرن والین چشمن طراوتھ تہٕ بخشان تہٕ ذوقِ جمالس تہٕ مطمئن کران۔

وَاللیل مویکہ بوے سیتن مست زِ عالم
وَالشمس تہندے جلوے روٕ خسار مدینس
مازاغ چشمن چھکھ نہٕ نیندر از غم اُمت
یہ تہٕ سوز گژھتھ روزٕ ہا بیدار مدینس

روے پاک تو والضحٰے      موے واللیل اذا سجٰے
وصف چشمے تو ماطغٰے      اِنَّ عَلیکَ صلوات اللہ

لولاکک برسر چھے تاج
دین دنیا ژیٕنے کُن محتاج

## قاب قوسین چونے معراج
## اِنَّ علیکَ صلوات اللہ

ناظم ہندی کینہہ نعتیہ شعر چھ بصری پیکرن ہندس صوٗرتس منز پرِن والس محفوٗظ کران تہٕ کینہہ چھ موٗسیقی ہندِس اثرس تحت انبساط فراہم کران ۔ یِم شعر پرنہٕ چیز باسان چھ تِمن منز چھ تِمی سُند بلند آہنگ وول لہجہ تہٕ مختلف تخلیقی ول ہینہٕ اہمیژ ہُند پانے اعلان کران ۔ کینہہ شعر چھ تتھہٕ تہٕ یِم شاعرسند غمہٕ ہتہٕ لہجہ تہٕ سوز گداز ہتہٕ تخلیقی وجوٗد براوتھ چھ ہیکان ۔ تِمی سندِن نعتن منز یوسہٕ نغمگی دوہ تلان چھے سو چھے موٗسیقی غمہٕ ہٕتس لہجس تہٕ تہندِس سوز گدازس تابع ۔

آمہٕ تاوٕ عشقنہٕ دوٗد مے جگر باوکُس حال
مُژرِتھ بہٕ گژھہ ہا سینہ یے افگار مدینس

عشقہٕ تیر جگرس یِس چون سوٗنُے — ہوشہٕ زاہنہ پیہ نہٕ تس سینہٕ افگار
روشہٕ پیٹھ کرِہے پوشہٕ دھرُنے — لول آم چونے ہاو دیدار

بادام چیشمو حال وُچھ میونے — داد چانہٕ راتھ دوہ چھس بیمار
بلہٕ کیتھ امہٕ دادِ کیا چھم لونے — لول آم چونے ہاو دیدار

ناظم سندِن نعتن منز نہٕ چھ تتھہٕ شعر نظر گژھان یِموٗ شاعر ہنز ولاشعوری مجبوٗری یوٗ کنہِ مجازی رنگ ہیوٗ چھُ روٗ ژمُت مگر کیتھ چھے بنیادی طور حقیقتس کُن اشارہ ۔

زلف خمن کاتیاہ ماری — لولہٕ تب بجھ اُدی شہماری
پاری لگے چھم بے قراری — ان علیکَ صلوات اللہ

ناظم چھُ اکھ توت عاشقِ رسولؐ اوسمُت تہٕ اَمیُک ثبوت چھُ یمہِ قسمکی

شعر-

سوے جاے بہتر بیشِ حق از کعبہ و از عرش

یتھ جایہِ بہتھ پانہٕ شہٕ سُردارِ مدینس

یارسولؐ عشقہٕ نارِ دُزمیاَ زِ تن تےَ

کَنہٕ بُوزِ للّٰہ وَنہٕ ہے زار

بنہٕ منّے کوٗر نم چاَنہٕ عشقن تے

کنہٕ بوزِ للّٰہ وَنہٕ ہے زار

ناظمنہٕ نعت پرٕتھ چھُ انسان یہِ کتھ تہٕ محسوٗس کران زِ سُہ اوس

حضورنؐ اکہ مکمل نظامِ حیاتچ علامت تہٕ عملی پیکر زِ آنتھ فدا تہٕ یتھ کتھِ پٹھ

اوُس محکم یقین زِ تمام دادن تہٕ سلن ہُند دوا تہٕ حل چھِ فقط رسولِ اکرمؐ۔

چھَنہٕ عشقہٕ تیچ زان کیہنہ نادان طبیب

نیٚلہِ بلہِ یہٕ تب یٚلہِ واتہٕ سُہ تبدارِ مدینس

University Research Journal

# ANHAAR

## 1992

# N'ATIYA ADAB

Supervision :
Prof. Margoob Banihali

Editor
QAZI ZAHOOR

Post-Graduate Department of Kashmiri,
Faculty of Arts,
The University of Kashmir,
Hazratbal, Srinagar-190006, Kashmir.

Printed at : Shalimar Art Press